# آکھ

(افسانچہ سومبرن)



مشتاق احمد مشتاق

کتابِ ہُنْد ناو :- آکھ
(افسانہٕ سومبرن)

گوڈنیک چھاپ :- ۲۰۱۲ء

دوٚیم ایڈیشن: ۲۰۱۵ئس

مصنف :- مشتاق احمد تانترے

قلمی ناو :- مشتاق احمد مشتاقؔ

کمپیوٹر کمپوزنگ :- سید محمد شفیع

چھاپ خانہٕ :- کاف پرنٹرس، کرالہ کھڈ، سرینگر

مول :- ۳۰۰ رہتھ روپیہِ

کتاب میلنگ پتہ: 321/1B بمنہ ہاوسنگ کالونی
کتاب گھر مولانا آزاد روڈ لالچوک

# فہرست





# انتساب ـــــــ

تِمن کأشرِ ین تہذیبی قدرن تۂ
رِوایژن ہٕنٛدِ ناوٕ یِمہٕ غأر موحسوس پأٹھۍ
تیزِ ?ی سان نٕہناونہٕ یِوان چھےٚ ۔



# دوٚیم ایڈیشن کیٛاز

آکھ ناوٕچ یہِ افسانہٕ سومبرن ؤری 2012 ہَس منٛز شایع سپدن پتہٕ کرٕ امچہٕ کاپی ہتھ زٕ ہ ڈایِ حسب روایت دوستن، ادیبن تہٕ قلمکارن منٛز تقسیم۔ کاپی ہتھانیٛو مختلف محکمن ہنٛز ولایبریریو تہٕ۔ یہِ کأم وأژ مارچ 2014 ہَس تام اَنٛد۔ اما 2014 ہکہِ خطرناک سألابن کرِ تمام یارَن تہٕ ادارَن دِنہٕ آمژٕ کتاب خراب تہٕ پانس نِش تہٕ آسہٕ گژھتاہے کتابہٕ محفوٗظ۔ یِمو منٛزٕ دون ؤری یَن منٛز 9 ساہتیہ اکاڈمی تہٕ ژور کلچرل اکاڈمی سوزنہٕ پیٚیہ۔ یِمن دوستن کتاب دِژٕ مژٕ اُسی تِمو منٛز تہِ اُسی وار یاہ امِک دوبارٕ ہ تقاضہ کران۔

أتھی پوٚت منظرس منٛز ہیوٚژ بیٚیہ ہمتھ تہٕ کوٚر دوٚیم ایڈیشن شایع کرنُک سٕنٛز۔ یتھ ایڈیشنس منٛز کوٚرنہٕ مےٚ زٕ أنٛتھ مأنٛتھ کاٛہہ نوو افسانہٕ شأمِل۔ انشا اللّٰہ تِمی چھاپوٚ بےٚ یِس سرتازٕ ہ سومبرنی منٛز۔ اما پوٚز کتابِ پیٹھ مشہوٗر انگریزٕ اخبار گریٹر کشمیرس منٛز چھپوٗمُت پروفیسر محمد اسلم صأبُن انگریزٕ تبصرٕ تہٕ ریڈیو کشمیرکہِ سنگرمال پروگرام خأطرٕ ہ ممتاز شأعرٕ تہٕ سوکھن شناس رشید شہناز صأبُن یتھ کتابِ پیٹھ لوٚکھمُت تبصرٕ چھُ شأمِل کرنہٕ آمُت۔ وومید چھم گوڈنِکہِ ایڈیشنکہِ پأٹھی سپدِ کتابِ ہٕنٛدِس یتھ دوٚیمس ایڈیشنس تہِ پزیرأیی حأصِل۔

مشتاق احمد مشتاقؔ بمنہ کالونی سرینگر (نومبر 2015)

# گوڈ کتھ

مُشتاق احمد مشتاق سٕندی ییٚمہِ افسانہٕ مجموعکی افسانہٕ پرٛتھ (مےٚ لوٚگ پرٛنہٕ پیٚٹھی وق ییم افسانہٕ پرٛتھ ییمِ کینٛہہ تاثرٛ دٲریاونس ییٚمہِ کٔنٛز شاید ییٚمہِ مجموعہٕ کِس شایع گژھنس ژیرٛ گومُت آسہِ) یوسہٕ گوڈنچ کتھ پہٕ نہایت ذمہٕ دٲری تہٕ اطمنانہٕ سان قلمبند کرٕنی یژھان چھُس سو چھےٚ یِز ''یتھ واوِ حالہِ'' پتہٕ تہٕ تمہِ پیٹھ یورتام سفر کران چھُ مُشتاق صابن سبٹھاہ کاڈ کوٚڈمُت تہٕ افسانہٕ کِس فنس پیٹھ واریاہ قوبو حاصِل کوٚرمُت۔ امہِ خاطرٕ چھُس پہٕ یمن مُبارکھ کران تہٕ بیٚیہِ واریاہ افسانہٕ لیکھنگ آشیرواد دِوان۔

اکھ وق اوس سُہ (از بروٚنٛہہ داہ باہ ؤری) ییٚلہِ پہٕ مشتاق صابٕ ننٛ افسانٕ پیٹھ بدل رائے تھوان اوسُس۔ مےٚ آسی تمِ پٔننہٕ فنہٕ کیٚو ضرورتو تہٕ لوٲزمٲتو أندرٕ کم وو تلان باسان تہٕ افسانہٕ نگار سٕندِ تتھِ مقصوٗدٕ (ماٹو) ستی گوٚبےٚ تی باسان یُس بعضے جبری پٲٹھ وایشگ شکار گومُت آسان اوس۔ مُصنف اوس بلا ضرورتھ تہٕ واقع تہٕ واقع کِس اِرتقائی عملس منٛز حاضر باسان۔ مےٚ چھےٚ انفرٲدی خُشی زِ زیرِ نظر افسانہٕ سو نبرنہِ ہُندی افسانہٕ چھُ یژھہ دخل اندازی نِشہِ نہ صرف آزاد بلکہِ ییمِ

چھِ پٔنن اکھ تخلیقی روٗ ی یہِ قائیم کٔرِتھ ہیکی متِۍ۔ واقع أکِس خاص نو قطس تام واتہٕ ناوُنک عمل چھُ یمن اندر سرگرم مگر یہِ عمل چھُنہٕ غأر فطری۔ بلکہِ یہِ چھُ افسانہٕ نویسہٕ سِنٛدِ شاہدتہٕ پاسدار شخصیتُک کأنٛہہ ثبوت دِوان۔

یمن افسانن اندر یوٚ دوٚے علامتہٕ وۄتلان چھےٚ مثلن ''گرہد'' ''بلڈ باتھ'' ''آکھ'' افسانن اندر، تمہٕ چھُنہٕ کُنہِ زبردستی کنٛز وۄتلاونہٕ یِوان۔ تمِ نےٚ سانہِ تومہُک مرکزتہِ بٔنن توتہٕ چھِ افسانہٕ تمِہ سماجی تہِ سیأسی غأر توزنٛکی غماز روزان تہٕ مفہوم کامیأبی سان ترسیل کران۔ آواقع اِشارن اندر یا زیادٕ مکالمن اندر مُنقش کرنہٕ بدلہٕ تمُکی جہت باضے زریٹ کرٕنٛچ نیہج چھےٚ مشتاق صأبس اِرٕورفنس وحاطہٕ کران۔ یہِ ہکھو یہنٛدِ فنُک اکھ جُز مانٛنتھ۔ اَتھ پتہٕ کُنہِ چھےٚ یہنٛز ایماندأری زِیتھ بے دل تہٕ بےدردز مأنس منٛزیمِ روزان چھِ تتھ مُتعلق یہُنٛد تخلیقی تاثر گوٚ ژھنہٕ کم گرٛشھن۔ یہِ تاثُر چھُ بے تسلاہی (نیوز سٹوری، وہروأر، چھوچھِ کترِ) ہُنٛد۔

مُشتاق صأبُن تیز نظر افسانہٕ نویس چھُنہٕ کأنٛسہٕ تہنٛزِ کوتأہی یا غلط سماجی وطیرِ خاطرِ بخشان۔ اوے تہِ چھُ یہنٛد تخلیقُک کنواس سبٹھاہ کُشادٕ۔ یمِ چھِ گرن اندر أزِتھ تتہٕ ہشہِ ہیہرٛس نوشہِ کورِ مُتضاد کردار تہٕ عملس منٛز آوٕری وُچھان۔ یمِ چھِ دفترن اندر بیہہ وال مگر پأنٛسہٕ کھاو ملأزِمن ہنٛزن ژوین سنان تہٕ پردٕ فاش کران۔ یمِ چھِ تیز گام اقتصأدی ترقی منٛز کأشرِ بن گرن ہندی اخلأقی رِشتہٕ ژھنان وُچھان تہٕ ژینہٕ وَن دِوان۔ مگر یمِ چھِنہٕ پٔنن کانٛہہ فأصلہِ دِوان تہٕ

پَرن وإٔلِس کُنہِ خاص سونٛچہِ خأطرٕ مأیِل کران۔ یتھ روی یہِ ییٚلہِ افسانہٕ نوٗیس پننہٕ نِس موضوہَس کُن اختیار کران چھُ سُہ چھُ زیادٕ ذِمہٕ وار قلم کار بنان۔ کأشر افسانہٕ یِکس تنوظرس منٛز چھُ یہِ سبٹھاہ اہم تِکیازِ پٔتِمین دون دٔہلِین اندر ییٚمہِ سیأسی کیو نظریأتی بوحرانک شکار عام کأشُر گوٚو تتھ زٕہو دِنہٕ وقتہٕ چھِ واریاہَن رِکن گرٛ ھنُک خطرٕ وہتہ راوُن پیومُت۔ مُشتاق چھُ واریاہ دأنِش مندی تہٕ ضبطہٕ سان اَتھ وتہِ پکہٕ نِس کامیاب گومُت۔

رتن لال شانت

سبھاش نگر

جۆم ۱۵ر ستمبر ۲۰۱۱ء



# مشتاقن دنیاتہٕ تسنٛد فن

مشتاقنٛی افسانہٕ چھ اسہ سارنٕے ہنٛدی پزر، یم عصری تمدنن سارنٕے شہرن تہٕ گامن منٛز روزن والٮ۪ن کأشرٮ۪ن ہنٛزِ زندگی ہنٛدی حصہٕ بنأوی۔ شہرن ہُنٛد بےٚ گنٛڈٕو ہراو، جنگلن تہٕ میدانن ہُنٛد شروٗگُن، ماحولچ آلووگی، فطرتُک توازُن ڈلُن، یأ گی پشن تہٕ پکھشن ہُنٛد نابود گژھُن، مشینن تہٕ لکُن ہُنٛد شور، ذہنی تناوتہٕ پرانٮ۪ن اخلأقی تہٕ روحأنی قدرن ہنٛز پامألی۔ اَتھ سأری سےٚ تباہ حألی دیُت اسہِ ترقی ناوتہٕ پتھ بژ وٕنہہ سوچنہٕ سرنہٕ ورأے، تہٕ پانَس کانٛہہ سوال پرژھنہ ورأے کوٚراسہِ یہِ قبول۔ یہِ چھُ سانہِ از کالُک حال یُس پتھ کال کیوٚہنہٕ کالہِ نِشہِ ژھٮ۪نہٕ گژھتھ تیزی سان خوفناک انجامس کُن رَوان چھُ۔ افسانُک تعلق چھُ پرٮ۪تھ زبانہِ منٛز از کالہٕ کٮ۪ن ہٮ۪تھ نٕے لوکٹٮ۪ن بڈٮ۪ن مسلن ہٮ۪تی رٕو دمُت۔ یٮ۪مہِ کنٛی یہِ عصری ادبُک سارِوٕے کھوتہٕ ترجمان، اثر افرین تہٕ مقبول صنف چھُ تہٕ اوٕے کنٛی روزِ اَتھ ہٕنہٕ کالَس منٛز تہِ سارِوٕے صِنفو کھوتہٕ زیادٕ مقبولیت۔ مشتاقنٛی افسانہٕ چھ امہِ اعتبارٕ کأشرِس منٛز عصری زندگی ہنٛدی تخلیقی دستاویز۔ یمن منٛز چھُ حساس انسانہ سُنٛد یاس، تلواس تہٕ ترٛاس، تہٕ اَتھ ہٮ۪تی احتجاج تہِ مگر خاموش پأٹھی کردارن تہٕ

واقعن ہنٛدِ وٚسیلہٕ ۔مثلاً پتھ کالُک پاسدار رحمان صأب چھُ از کالہٕ کُس وُنٛد رِس منٛز ہیٚنہٕ آمُت تِمس پنٛد چھِ ہنٛدی پاٹھی پنٛنس گرس منٛزٕ ے چھو چھِ کُتر کران یوسہٕ تِمی نو کالنی ہنٛدِ بے ربط وہراو کِنی نمبلہٕ تہٕ سَر ہو کھنہٕ کِنی چھو چھِ کتر کران وُچھمٕژ چھےٚ۔

کشیر یتھ خونریزی، لوٹ مار تہٕ موقعہٕ پرست سیاست گری ہنٛدِس ژٕکرِ وِہس منٛز گرفتار چھےٚ تمیُک روشن تصویر چھُ افسانہٕ، نیوز سٹوری۔ اکہِ گامُک اَڈ وَر سلام راتھرٕ سندِس جوان سال نیٚچوِ عرفان سُنٛد سنگ باز ہجومس منٛز گولہِ ستی ہلاک سپدُن چھُ تیٚتھ اکھ واقعہ یُس کُل کشیرِ ہنٛدِ موجوٗدٕ دورُک عکاس چھُ۔ تِمن ساسہٕ واد جوانن منٛز چھُ پرےتھ کانٛہہ جوان عرفان یُسنٛد قتل خود غرض، موقعہ پرست تہٕ بے ضمیر سیاست دانن ہنٛزن ژوین ہُنٛد نتیجہ تہٕ ستی تہنٛدِ غألب روزُنک سبب تہِ......کُس، کس، کر، کیازِ چھُ ماران، تمیُک جواب چھُنہٕ کانٛسہ نِش۔ دوہ تارِ ’’نو سٹوری‘‘ روزِتھ، تہٕ تہنٛد ییٚن نکھٕ انگن اَشناون دگ دِتھ چھِ تیٚتھی واقعہ کشیرِ ہنٛدِ بے پُرسان رأوِ ہتہ پتھ کالُک حصہ بنان، تتھٕ پأٹھی زِ کانٛہہ واقعہ ہیٚکون نہٕ ہیٚو واقعہو نشہِ الگ کٔرِتھ۔ زنتہٕ گٔژس منٛز بیٚون بیٚون ژھایہِ شرٕ پان چھےٚ۔ افسانہٕ کِس اندس پیٹھ عرفان نِس دوستہٕ سنٛدِ دہانہٕ یہِ مکالمہٕ چھُ سانہِ از کالُک مکمل تصویر۔

’’اَمِس بُڈس گژھِ زندے جہنم یِن ۔ بد بخت وزیر کیا آس گرٕ۔ ظہرا دہٕ ژٕنس روپیہ لٚچھ تہٕ کورِ نوکری آڈر ہٕلی بدلاٚون ایف، آے آر درج کرناوِنچ

گژھے کھیٚین۔ پُلسن تہٕ دبوو معاملہ۔ أسی سأری گرِنی پونٹل ،تحریکہِ واتنوٗن ددارٕ ، بُتھی دِنی لایق تھاوِن نہٕ۔

''آکھ'' چھُ سانہ زمانُک بیاکھ ہولناک انہار بروٚنٹھ کُن انان؛ سرکأری نوکری حاصِل کرنُک چسکہٕ یُس سنہٕ ژُراونزاہ پتہٕ اجتمأعی شناختُک حصہٕ بنیوٚو۔ یوٚہے چسکہٕ چھُ سانٮ۪ن سارنٕے مسلن ہُنٛد آگر۔ یتھٕ تتھٕ لایعنی تعلیم پٕرتھ امتحان پاس کرٕنی ،نرٮ۪ن زنگن ہنٛدِ طاقتہٕ نِشہِ اتھٕ چھلُن ،محنت کرنُک عادت مشراوُن ،سرکأری نوکری باپت آوٕیزروزُن، کھہ تہٕ باغ مُشراوٕنی ،اکھأ ٚکس کُن وُچھِتھ بیوٚن بیوٚن کنکریٹ مکانہٕ تعمیر کرٕنی ،تہٕ یٮ۪لہِ نوکری میلنٕکی امکان کم ہیٚتِن سپدٕنی تہٕ دہشت گردی شروع کرٕنی ،دہشت گردی عام گژھنہٕ کٔنی انسأنی ہمدردی تہٕ اخلاقی قدرٕ مشرأوِتھ انسأنی زُواکھ لچھ روپیہِ تہٕ نوکری آرڈرس برابر زانُن۔ یہِ سورُے ؤبوٚ دُر چھُ مشتاقن مختصر پأٹھی فنکأری سان پیش کوٚرمُت۔ پیش منظر چھُ لالہٕ صأبنہ کنکریٹ مکانہٕ کہِ آنگنُک شام۔ ٕتسنز نوش (تسنٛدس نوکری روٗس بے روزگار نیچوِ ٕسنز آشیٚنی) پیارٕی چھےٚ براندس ٕتژھ دوان تہٕ لالہٕ صأب چھُ تس ژھوٚٹھ باسان یٮ۪لہِ سہٕ اتھٮ۪ن بہان چھُ۔ ڈٕلونس تاپس منٛز آنگنٕچ ہوٚچھرٕ دأن تھر چھےٚ لالہ صأبٕنٛز علامت۔ دپان یُس کانٛہہ ہلاک کرنہٕ آو، یا کرناونہٕ آو، ٕتسنٛدس نیچوِس یا بأیس دِیتٕکھ نوکری ہُنٛد آرڈر۔ افسانہٕ چھُ یتھٕ پأٹھی اندواتان۔

''لتس مویوٚ مول پرٕس فایرِنگہِ منٛز یٮ۪لہِ سہٕ پینشن رٹنہٕ گوٚمُت اوس۔ اکھتے

دِہتھس روپیہِ لِھتہٕ۔'' پیاری دیُت بیا کھ ہٮ۪ل (یَل) تہٕ درایہِ نیٚبر۔

پیاری ہنٛزِ کتھِ ہؠٚ زِتھ پھٹ لالہٕ صاۍبس ہیٚرِ بوٚنہٕ وُسوا اَسی۔ سُہ اوس نہٕ کہنہٕ وُنتھ ہیٚکان۔ تَس باسیوٚ وزنہٕ تہٕ آنگنہٕ چہِ ہوچھ مژ داۍن تھرِ خشمناک تبردار ٹکہٕ ٹک کرنہِ لوٚگ۔

مشتاقنی افسانہٕ چھِ تمن بیشمار کاشرِ ہن ہنٛدیٚن گُپتھ آکھن تہٕ منکشف کران ییم جدید معاشرِ کس بے قابو پُس ستی پیرِ گے تہٕ پننہِ آبأیی پینٛجہِ پُرنہِ ترأوِتھ خوشحألی ہنٛدی خواب ہیتھ وو پرشہرن منٛز آباد گیہ۔ یہنٛدس بظاہر خاموش، ہموار تہٕ پُرسکون لسنس بسنس ژھایہِ یہنٛدس باطنی عذابس تہٕ پیچ وتابس چھِ ''اَلی ناش'' تہٕ ''ہندریار''، ہوی افسانہٕ منکشف کران تہٕ بے مقصد تہٕ بے منزل ژھرہٕ ژھرہِ نوتہذیبک لاینفک حقیقت زأنِتھ ہاوان۔ کتی جہ اول، داۍن تھر، کوکر بانگ، مومہٕ مام، ویروار، بیترِ چھِ میچھن یادن پھیٚر دِوان ضرور، مگر کشیرِ ہنٛدِس بڈس گامس یوسہٕ چھلہٕ چھانگر گُنہِ صنعتی انقلابہٕ ورأیی سپزِ سو چھےٚ فی الحال دوٚ ردوٚ رتام پوٚت نہ پھیرِ وِنی۔ اَسی سأری چھِ توٚ تام گہے ڈاکٹر، افسر، پروفیسر، تاجر، تہٕ ایجنٹ بنِتھ اَتھ پُس ستی ہیوٚ رہیوٚ رکھسان تہٕ ہیوٚ رتام واتنس پنُن تگُن تہٕ پراوُن زانان۔

موضوعک تنوع، بیانچ روأنی، واقعہ نگأری تہٕ کرداران ہنٛز اندٕرِی نیٚبری زان چھےٚ مشتاقس پننین ہمعصر افسانہٕ نگارن منٛز ممتاز بناوان۔ سُہ چھُنہٕ تمن لُکن ہنٛدی

پأٹھۍ بیہودٕ علامتن تہٕ تجریدن کردارن تہٕ واقعہن ہنٛزِ جایہِ ورتاوان یِمن نہٕ ژکہِ وُنن کیٛنتھہَ کہنہٕ تہٕ چھُ تہٕ پتہٕ چھِہ سر سأوِی کتھہٕ گرنچ کوشش کران۔

یِمن افسانن ہنٛدِس تاثرس ہُرِ ہے مزید شدّت اگر افسانہٕ نگارن موقعہ محلہٕ مطابق کردارن ہنٛدٕ بن فطری مکالمن ژٕ رکأم ہیٛژ مژ آسہٕ۔ یِتھۍ مکالمہٕ بنہٕ ہن ہمہ آگاہ واحد باوَکھ راوی ( Third person ommiscient narrator)ہٕنٛد یِن بیانن ہُنٛد متبادل، واقعہن منٛز اُہن مزید ڈرامائیت تہٕ پننہِ گفتار ترایہِ، لفظہٕ ورتاوٕ تہٕ لہجہ ٹُل تراوٕ ستۍ رٹہٕ ہَن مصنفانہٕ بیانن ہنٛزِ جاے۔ تہٕ گُرتھ چھےٚ یِمن افسانن منٛز وِننۍ (narration)تہٕ وڑشنۍ (description)ترٛژ ھ سأدروارتہٕ برمحل زِ اَتھ کمی کُن چھُنہٕ توجہ گژھان۔

ہأروَن، سرینگر　　　　　　　　پروفیسر شفیع شوقؔ

۱۵ اپریل ۲۰۱۲ء



# پننی کتھ

پننی بیا کھ افسانہٕ سومبرن 'آکھ' پرن والین تام واتناونس پیٹھ چھے مے پزنہٕ پاٚٹھی شادمانی ۔ حالانکہِ کاٲشرِ بن قلم کارن ہنٛدِ باپتھ چھُ کتاب لیکھنہٕ پتہٕ امکہِ اشاعتُک مرحلہ لگاتار اکھ کریوٹھ مرحلہ یمہِ خاطرٕ ٲرزنگ واٹنہٕ تہٕ ژوٹ ووٹ کرُن سون لوٗگ لونُے چھُ ووں گوٚو ۱۹۹۸ء مقابلہ ییٚلہِ میانی پٔتم افسانہٕ سومبرن بازردرایہِ 'چھُ' از کینژن معاملن منز توتہِ کم کاسہٕ سوکھُک ایحساس اکھ یہِ زِ ادبس تہٕ ادبی لیکھن پیٹھ کتھ کلامہ کرنُک چھُ ازتمہِ وقتہٕ کھوتہٕ بہتر ماحول بدٕس، دوٚیم یہِ زِ تالیمی نظامَس منز کاشُر زبان رٲیج سپدنہٕ کِنی چھُ توقعہ زِ پرانہِ کھوتہٕ آسہِ اَزِ چ کتاب پرن والین ہُنٛد تیداد لازمَن ہُر یمانہٕ ' بہرحال مے چھُ رَژھا ییمہِ باپتھ تہِ اطمنان زِ افسانہٕ کِس فنس پیٹھ مہارت تھاون والیو سانیو ساروے کھوتہٕ بڈٕیو ادیبو ہم کال نقادو ڈاکٹر رتن لال شانت تہٕ پروفیسر شفیع شوقَن چھُ ''گوڈٕ کتھِ رٔنگی کتابہِ متعلق تاثرات لیکھان میانہِ تمہِ صدق دلانہٕ کوششہِ ہُنٛد اعتراف کوٚرمُت یوسہٕ افسانُک فن زاننہٕ تہٕ ورتاونکہِ مقصدٕ مے پٔتی مێن دٕہن بہن ؤری ین کران ووت ۔ کانٛسہِ تخلیق کارسُند وجود چھُ زندٕ امی کوششہِ ستی ۔

گفتمش ذرہ بہ خورشید رسد گفت محال است
گفتمش کوشش من در طلبش گفت رواست

کأشرِ زبأنی منز چھُ نثری صنفَن منز افسانے سار و ے کھوتہٕ باگہِ بورُت صنف مگر تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ عمومی توٗثرِ یِ زِ حال فلحال چھُنہٕ سانہِ زبأنی منز افسانُک صورت حال تہِ خاص حوصلہٕ افزا۔ اَتھ ہیکن واریاہ وجوہات أستھ مگر اکھ بوڈ مسلہٕ چھُ یتہِ زِ سانین بڈٕبن کیٛو لوکٹین نوبن کیٛو پرانین افسانہٕ نگارن رودُ نہٕ پتیٛمین دون دٕہلین دوران کانٛہہ سمن بل یا پلیٹ فارم تہِ بدس۔ تمِ ہیٛکی نہٕ اکھ أکٕس سُند تخلیق تہٕ روبرو بوزِتھ تہِ تمن پیٹھ کتھ کرِتھ۔ اَتھ مقابلہٕ اوس ۱۹۸۹ء تام سانین افسانہٕ لیٛکھَن والین ادبی تہٕ ثقافتی ادارو طرفہٕ پلیٹ فارم مہیا آسنہٕ علاوٕ توتہِ سرینگرُک کافی ہاوس ہیٛوٗ ثمن بل موٗجوٗد۔ میانہِ یتھ افسانہٕ سومبرنہِ منز یم کُل اردہ افسانہٕ موٗجوٗد چھِ یمو منز چھِ مے زِ افسانہٕ ساہتیہ اکادمی طرفہٕ منعقد دون محفلن منز پرنُک موقہ بدس سپدمُت ییتہِ موٗجوٗد ادب شناسَن ہنزٕ رایہِ مولوٗم سپزٕ تہٕ یہ راے بنیہٕ بڑٕ وٗنہہ گُن یہ سفر جأری تھونس منز محرک تہِ تہٕ مددگار تہِ۔ اما باقٕے افسانہ اوسس گھ یہٕ گرپننہِ زورِ زارِ پننی شری تہٕ آشنی بوزناوان تہٕ تہُند ردعمل حاصِل کران یا ادِ پننہِ بستی منز پانس نکھے روزن وول دوست تہٕ قلم کار محمد اشرف ٹاک ہے نہ پڑٕ ے تنگ کران زِ نسامےٚ لیوکھمے افسانہٕ ژٕ بوزِم۔ بہٕ چھُس محمد اشرف ٹاک صأبُن مشکور یُس افسانہٕ بوزِتھ مے ستیٚ اَتھ پیٹھ وبستارِ سان کتھ کلام کران

رُوٗدتہٕ یمن افسانَن منٛز ہرگاہ کینٛہہ فنی خوبیہٕ لبنہٕ یِن تتھ منٛز چھُ اشرف صأبَس ستۍ ملاقاتَن ہُنٛد خاص حصہ۔ ریڈیو کشمیرس ستۍ وابستہ گی سبھٕ سپٔز مےٚ مشہوٗر قلم کارتہٕ براڈ کاسٹر رخسانہ جبین تہٕ ستیش وِمل سٕنٛز تہٕ کینٛژن افسانَن متلق رائے حاصل۔

یَنہٕ افسانہٕ بطورِ صنف عالمی ادبس منٛز بارَسس آو تَنہٕ پتھ از تام چھُنہٕ امیُک کانٛہہ تیُتھ ڈفنشن یتھ حتمی وَنو۔ تِتھے کَنہٕ چھےٚ اَتھ ہیٚژ رٔنگی تہٕ واریا انہار۔ مےٚ یمن دوہَن افسانہٕ لیکھُن شروٗع کوٚر ۸۲،۱۹۸۳ءتمن دوہن اوس کأشرِ زبأنی منٛز غالب روحجان یا وَنو فاشَن زِ افسانہٕ گژھِ لامحال ابہامہ بوٗرت یا علامتی آسُن۔ مےٚ لیوکھ واریہَن دوہَن محنت کٔرتھ یتھ اکھ موختصر افسانہٕ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِس کأشرِس ڈپارٹمنٹس منٛز ہفتہٕ وار ادبی محفلہِ منٛز ییٚلہِ مےٚ افسانہٕ پٔر روو ستادو کیٚو طالب علموٕ کٔری اَتھ تأریف واریاہ تأویل تہٕ کٔری ہَس بہٕ تہٕ گوس سٹھا خوش۔ تمہِ ساعتہ گیم زیادے خوشی ییٚلہِ دوٚیمہِ تریمہِ دوہہ کأشرِ زبأنی ہنٛدی قدآور افسانہٕ نگار اختر محی الدین صأب کأشر ڈپارٹمنٹ ہِتھ صدر شعبہ پروفیسر رحمان راہؔی صأبَس ستۍ محو گفتگو آسی۔ مےٚ سوز راہؔی صأبَن نادتہٕ حکم سپُد زِ اختر صأب بوزناوُن پنُن افسانہٕ۔

اختر صأبَن بوزِ غورٕ سان میون ''آلو'' ناوُک یہٕ افسانہٕ تہٕ پتووُنُن جان گیو ہرگاہ ژٕ تام عام دوہ دِشچہٕ زندگی متلق لیکھ ہکھ۔ اَمہِ وِزِ باسیہٕ مےٚ اختر صأبٕنی یہٕ کتھ عجیبے اما واریاہ وٗری گژھتھ تورزن مےٚ پأنی پانے فِکرِ زِ افسانہٕ لیکھنہٕ باپتھ چھُ تخیُل کھوتہٕ مشاہد زیادٕ اہم تہٕ دوشوے اعتدالہٕ سان ورتاونہٕ ستی چھُ رُت افسانہٕ

تخلیق کرُن ممکن بنان۔ از چھُس بہٕ یہِ کتھ تام ژتٕران زِ پانہٕ اختر صأبنٕ کینٛہہ افسانہٕ چھِ اَتھ معاملس منٛز بے اعتدألی سببہٕ سُہ فنی قوت پرأونس منٛز اڈوتی روودٕمتی یُس فنی قوت أہند بن اکثر افسانن منٛز لبنہٕ یوان چھُ۔

افسانہٕ لیکھنٕچہ وتہِ پیٹھ بیوٚن بیوٚن رجحان تہٕ میزان ؤنی راوان آدمٕ افسانٕس متلق یہِ تأریف پنٕنس مزازس ساروے کھوتہٕ براہ تہٕ بہٕ چھُس افسانہٕ لیکھن وِزِ أتھی أندیٚکی روزنٕچ کوشش کران۔ افسانہٕ کیا گوٚ وعنوان چھُ اختر صأبن لیٚو کھمُت۔

''افسانہٕ گوٚ وزندگی ہُند کانٛہہ واقہٕ تمِہ طریقہٕ وَنُن یَتھ زن پرن وول یہِ پرِتھ حأران گژھِ تہٕ حأران گژھتھ رژھ کھنٛجہِ سونچنس پیٹھ مجبور گژھِ۔ یہِ حأرتُک جذبہٕ ووتلاونہٕ خأطرٕ چھےٚ افسانٕچ وگ گوڈٕ پیٹھے تژھ پہٕوان رٔژنی یتھ اُتھ اشتیاق ہرِ تہٕ گنہِ۔ اَمی چیز کنٛز چھُ افسانُک ابتدا اسبٹھا سونچتھ پہٕوان کرُن۔ افسانہٕ گس گوڈس تہٕ انٛدس درمیان چھُ افسانُک جسم تہٕ یہِ جسم چھُ لوکٹین بڈٕبن واقعن ہُند مرکب اَتھ منٛز چھُ واقہ تسبیح دانن ہندی پأٹھی پکان مگر کانٛہہ چھُنہٕ باقین نِشہِ ژھینتھ مکمل آسان بلکہِ گژھن سأری واقہٕ اکھأ رکس پتہٕ اکھأ کرِ ہنٛدٕ ستی مکمل سپدان روزٕنی یوتام انٛدواتہِ تہٕ انٛدس پیٹھ گژھِ سارنٕے واقعن ہُند تکمیل سپدُن۔

بہٕ چھُس یمِہ کتھِ ہُند قأیل زِ افسانکہِ امہِ تکمیلہِ نِشہِ گریز تہٕ افسانہٕ أندیٚکی زندگی بجایہِ ماورأیی کتھن پیٹھ گنڈُن چھُ اَتھ فنس فایدٕ بجایہٕ نوقصان واتناوان۔ کأشر زبأنی ہُند واریاہ افسانوی ادب چھُ اَمہِ آلأیشہِ ہُند شکار۔ حالانکہِ امہِ رجحانکی

سانہِ زبأنی ہندی تخلیق کار چھِ أندی پٔکۍ موٗجوٗد زِندٕ کردارن ہنز عکاسی کرن والین افسانوی تجربن فن آسنہٕ بجایہِ فوٹو گرأفی آسنٕک فتوا دِوان۔ یہِ بحث چھُ اندونٕد جأری تہٕ یہِ روزِ بروٗنہہ کُن تہِ سپدان مگر اصل کتھ چھےٚ یہِ زِ کأشرِس افسانوی ادبس پیٹھ سنجیدٕ تہٕ موروضی تنقیدٕچ عدم موجودگی تہِ چھےٚ اکھ وجہ زِ حال فلحال کیازِ چھُ سانہِ زبأنی منز افسانٕک رفتارتہٕ معیار دوشوٕے کم وومید افزا باسان۔

خأریہِ ؤزِھِ منزِ کتھ ہرگاہ یَتھ افسانہٕ سومبرنہِ پیٹھ پرن وألی کانٛہہ سنجیدٕ تنقیدی رائے دِنی مےٚ باسہِ سوپننہٕ کوشش ہُنٛد رُت معاوضہ تہٕ سانہِ زبأنی باپتھ رُت شگون۔ بہٕ چھُس گوڈٕ کتھ لیکھن والین ووستادَن ڈاکٹر رتن لال شانت تہٕ پروفیسر شفیع شوق صأبُن بیٚیہِ اکہِ لٹہِ شکریہ کران۔ پننِس دوستَس محمد اشرف ٹاک صأبَس پننہِ آشنہِ نسیمُن تہٕ خوشنویس سید محمد شفیع صأبَس شُکریہ کرنس منز تہِ چھُم شادمأنی یموٕ یہِ کتاب توٚہتام واتناوَنس منز سٕبٹھاعرق ریزی کٔر۔ وومید چھُم پرن والین منز سپدِ یَتھ کتابہِ پزیرأیی تہٕ مےٚ میلہِ قلمی سفر جأری تھونٕک مزید حوصلہٕ۔

مشتاق احمد مشتاق

بمنہ کالونی سرینگر



# آکھ

پیاری اُس صُبحہِ پیٹھہٕ ترٛ یٚمہِ پھِرِ براندس ئژھ دِوٲنی زِ لالہٕ صاب آو یپٛہِ نیبر نیرتھ تہٕ لوٚگ براندس پیٹھےٚ بیٚہنہِ ۔ پیاری کھوٚژ ژکھ، پوٚز لالہٕ صاٲبس کُن ترٛاوِن شرارتہٕ برٕ ژنظراہ اماوٚنن نہٕ کیٛنہہ۔ پیاری ژایہِ دَزان دَزان اَندرتہٕ لالہٕ صاب بیوٚٹھ وارٕ وارٕ پتھر۔ ووٚنی اوس دِگرڈوٚلُمت تہٕ آنگنس اوس شِہُل پیوٚمُت۔ پوٚز دیوارس نکھہِ ہوٚ چھٕہرِ دٲن تھَرِ اوس وُنہِ تاپھ پوان تہٕ یہِ اُس آنگنہٕ کہِ باقے آکارٕ نِشہِ بدون باسان۔ لالہٕ صاب بیوٚٹھ اُتھی دٲن تھَرِ مُدٕے گُنڈِ ٹھ۔ یہِ اُس ووٚنی محض کیٛنہہ کاٹھ ہرِ، نہ اوس اَتھ پنہٕ وٕ تھرن ہُند سبزارٕ ے تہٕ نہٕ دٲن پوٚشن ہُند ووز جار۔

کہٕ ژھایہِ پھِرِ وٚون پیاری خاندارس زِ مٲرِ مُندس آنگنس منٛز چھیٚہ ہوٚ چھٕہرِ دان تھرِ ووٚنی بےشوٚب آکھ تہٕ ژھن تَن ژٕ ٹتھ پوٚز لالہٕ صاٲبن کوٚر پرٛتھ وِزِ منع۔ دٲن تھَر ژٹنکی پٲٹھی چھُ پیاری تہٕ لالہٕ صاٲبس لگ بھگ پرٛتھ معاملس منٛز اکھ اُکی سٕنٛز راے تِلہِ کرٛاے زَن ویتر اوٕنی پیوان۔ پوٚز دوشوے چھِ امہِ باوجوٗ د تہِ یکوٹہٕ روٗزِتھ دوہ دوہ کڈان۔

لالہٕ صاٲبس گیہِ وٕری باہ مرٕ پینشن گاٲمتس ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سُہ ریٹائیر

گرٛھنہٕ پتہٕ تہِ اکہٕ پلہٕ دفتر وقتے گرٕ نیران، گرٕ چہٕ داہ کامہٕ أنزراونس ءستی لائبریری گرٛھتھ اخبار پران، نأیدوانہٕ دربارہ کران، اَنگن أشناوَن خبر اَتر ہیوٗ ان، آشنہٕ بکچن کامہٕ منز تہِ مدد کران۔ آشنہٕ ہٕندِ مرنہٕ پتہٕ تہٕ شوگر بیمأری زور گرٛھنہٕ پتہٕ گوسہٕ دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ پتھ تہٕ ووٗنی چھُنہٕ سُہ کُن نیرتھ ہیکان۔ پینشن پوٗنسہٕ تام چھِس نہٕ پننہٕ اَتھ اَننہٕ یوان۔ سُہ چھُ پنہٕ نِس کُٹھِس منز یاتہٕ ڈاپھ ترأوِتھ آسان یا اِدٕ بہتھ ہے بنگہٕ آسان۔ کُنہٕ چھُ ٹی وی ترأوِتھ رژھامَن رَنٛزناوان تہٕ کُنہٕ براندس پیٹھ بہتھ آنگنچہٕ دأن تھرِ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔

وَسوٗنہٕ آفتاب چیٖن زٕ ژن منز گوٚو لالہٕ صأبس یوٚہے گمانہٕ ہیوٗ زِ زَن تہٕ ہوچھمرٕ دأن تھرِ نوٚسرِ بہار آو، زَن تہٕ اَتھ ووٚزٕ ج نارہش پھُلے دژٕامٕژ۔ تَس پیٚو یاد تژٕ ہہ پانژٕ ترٕ ہہ ؤری پرون سُہ منظر ییلہِ پرانہِ میژٕ لرِ أندی بکُی اَتھ سأرِ سے صحنس دأن باغ اوس۔ تمہِ دوٚہہ أس سأرِ سے باغس پھُلے بَرجستہٕ۔ ہیرِ بوٚنہٕ أس دِوٚے، محلی محلہٕ اوس خوش لالہٕ صأبس اوس تژٕ یو کوربو پتہٕ بِکہٕ پیوٚنت زامُت۔ یوٚ تامتھ بِکہٕ سکول گرٛھن لایق گوٚو توٚ تام اوس سُہ بینٛن تہٕ پترٕ بن بینٛن ءستی أتھی دأن باغس منز گِداں دروکان تہٕ سأری أسس شہزادٕ وَنان۔

لالہٕ صأبس تہٕ تسنٛزِ آشنہٕ اوس باسان زِتموٚ چھے تمام خوٚشی پرأوِمٕژ۔ نہٕ چھے ووٗنی کانہہ پرٕ گی تہٕ نہ کانہہ بے بسی۔ شہزادٕ گوٚو بڑان تہٕ لالہٕ صأبنوٚ بایو کوٚر نوٚو مکانہٕ بناونُک سنٛز۔ دأنٛ تھرِ ژٹنس ووٚتھ دس۔ گوٚڈٕ بنوو صأبہٕ لالَن مکانہٕ، پتہٕ غلام

رسوٗلن تہٕ أخریٚلہِ لالہٕ صأب ریٹائیر گوٚ ویہِ کینژھا پأنسہٕ ٹوٗنک کوٗرنکھٕ وأرِتھ بچیوٗمُت اوسُس تتھ بنووُمُت تہِ کنکریٹ مکانہٕ یُتھ نہٕ شہرادس پتر بن مقابلہٕ کانٛہہ پرٚگی روزِ۔ باقٕے بچیمِژ پانژھ سَتھ دأن تھٔرِ آیہِ اَمی دوہہ ژٹنہٕ پوٚز نوِ مکانہٕ کِس آنگنس اَندٕ کُن یہِ اَکھ دأن تھٔر تھأو لالہٕ صأبنہِ آشنہِ أتی تھِے نشانہٕ باپتھ۔ وارٕ یہن وٕری ین روز تہٕ دأن تھٔر کنکریٹ دیوارس نکھٕ أستھ تہٕ برجستہٕ۔ پوٚز تیتھے سوٗ جنتی یٚیمہِ عالمہٕ گیہِ دأن تھٔرِ تہِ ژاو زَزُرتہٕ گیہِ ہنہِ ہنہِ ہوکھان۔

لالہٕ صأب اوس دأن تھٔرِ کُن مُدے گنٛڈِتھ پتھ کالس سٔنتھ زِ پیاری ترٛ وو أندرٕ اچانک ٹی۔ وی۔ خبرٕ آسہٕ لگمٕژ۔ یہِ خبر بوٗزِتھ کٔڈ لالہٕ صأبن ووٚٹھ ہش زِ از آے دون ہتن نفرن اِنسأنی ہمدردی ہنٛزِ بُنیاژ پیٹھ نوکری ہنٛدی آرڈر بأگرنہٕ۔

''گوٚ وکوٚرنٛو سرکارن تہِ کیاہتام ہسرٕ گر۔ دوٚ خدا بوزِ تیمس شہرادس تہِ اَندِ کینٛہہ''۔

لالہٕ صأب گوٚ وپأنٛی پانس ونان۔

''بجرٕک اکھا اکھ دوہ پچھُ کوہس برابر۔

جان گیوٚ وونی تورٕ گۍ عالم۔ دَپھ أمس کیاہ بنہِ؟ وان ترٛ ایون چلیوس نہٕ۔ توتہِ چھُس یمن میأنین پنشن پوٗنسن چولہِ چلان۔ پیٹھے بانہٕ زالیس کوٗر۔ پیٹھ ماازسہ زمانہٕ۔ ہرگاہ نوکری میلِبس بہٕ تہِ وَٹہٕ ہا سو دِلہٕ أچھ''۔

لالہٕ صأبن ترٛ أوٕی سوٗنچان بیٚیہِ ہوٚ چھمٕژِ دأن تھٔرِ پیٹھ نظر۔ ووٚنی اوس شام

سپدنس تیار۔ لانہٕ کِس سبزارس تہٕ پوشہِ چمنن ہنٛدِس مأرۍ مٔندِس آکارس منٛز اُس کاٹھ کر دأن تھر پزی بےٚ شوٗب آکھ ہیوٗ باسان۔ تٔمۍ تژ وو وشا، اتھ دیوارس ٹھکرأ وِتھ وۄتھ وارٕ وارٕ تھوٚ دتہٕ ژاوپنٕنس کمرس منٛز۔

برونٛژ کھنڈ گٔژھتھ ژایہِ پیاری تہِ تہٕ پرٛوٗ ژھنس دواماچھے موکلیومُت۔

لالہٕ صأبن وۄن نہٕ تَس دۄہس متعلق کہہیں، اماپوٚ زٕ پرژھنہِ لوٚگس دپان سرکارن دِتی ازژون ہتن نفرن آرڈر آتِی دپان، پیاری وۄن ڈٔکس درٕ ہہ لٔدٕ تھے۔

''اَدٕ ژٕ کونہٕ اُمس شہزادس ونان سُہ تہِ کرِ ہے کینٛہہ ژوٹ ووٹ گٔرتھ بال بچھِ لگہِ ہے، مےٚ تہٕ گژھِ ہے مرُن آسان۔'' لالہٕ صأب وۄتھ نرمی سان۔

''وُچھ کم کتھ چھِوٕ کران۔ یہِ دِژ کھ تمن نفرن نوکری یِہنٛد گرٕک کانٛہہ نفر یتھ لڑایہِ منٛز مارنہٕ آو، نتہٕ گٔیہِ ازنوکری''۔ پیاری وۄن ہسل دِتھ۔

''التمش چھُنا اُمی سُند دوس تَس تہِ میوٗل آرڈر۔ تِس مویوموٗل پرُس فائرنگہِ منٛز یِیلہِ سُہ پینشن رٹنہِ گومُت اوس۔ اکھٕتے دیُت ہس لچھ روپیہ تہِ''۔ پیاری دیُت بیٚا کھ ہسل تہٕ دژایہِ نبر۔

پیاری ہنٛزٕ کتھ بوٗزِتھ پھٹ لالہٕ صأبس ہیٚرٕ بونہٕ وُسوأسی۔ سُہ اوس نہٕ کہنٛہ وٕنتھ ہہکان۔ تَس باسیووزَن تہٕ آنگنہٕ چہِ ہوچھمرٕ دأن تھرِ خشمناک تبردار ٹٔکہٕ ٹُک کرنہِ لوٚگ۔



# بطچہ بۄنۍ

تس اوس دِل وُداسے تہٕ تہنٛدِ ڈیکچ دِرٕہہ اَس باوان زِ سہ چھُ پریشان، پۄز تہٕ گرِتھ تہٕ اوس سُہ ژھوپہ دَم گرِتھ بہتھ۔ وَق اوس یور ووتمُت تہٕ شُری بڈٕی سارٕی اَسی شوٗ نِگتھ۔ دۄرکتہٕ تام اَسی ہۄنٕی وُنگان۔

ہۄنٕی وُنگن بۄزِتھ اوس تَس تلواس ہُران۔ پریشانی ہنٛدِس اتھ عالمس منٛز پییہِ تَس بُتھ سیوٚد دیوارس لگتھ کلنڈرس کُن نظر یتھ اَز وُرق بدلاونہٕ آمُت اوس۔

نۄس ورقس اَس اَکھ مارٕی منٛز بۄنٕی بناوِتھ۔ بونہٕ کُن نظر پیوانے زَن تہٕ دیُت تَس پۄت کالَن آلو۔ تس پییہِ پننہِ گامہٕ بونہٕ کنٛج سو بۄنٕی یاد یتھ اَندی پَکی گامَن ہنٛدی لۄکھ بطچہ بۄنٕی وَنان اَسی۔

بطچہ بۄنٕی اَس ہیرٕ گام، بونہٕ گام تہٕ سنگرام پورِکین ترٛبن گامن ہنٛز کھاہ مِلہٕ وَنہٕ پیٹھ لار کولہِ منٛز اَکِس بڈِس دزمن ژَکلس منٛز۔ اَندی پَکی کھہن منٛز کام کرن وٲلی اَسی کوج اَتی نیٚ کھوان تہٕ اِوکنٛز تہِ اَسی اتھ بطچہ بۄنٕی وَنان۔ بتہٕ چہٕ بونہٕ اَندی اَندی کولہِ منٛز اَسی ترٛیشۄنی گامن ہنٛدی بٔطخہٕ تہٕ جمع آسان۔ شُری پاٹھی اَسی اَتھ اَوے بطچہ بۄنٕی وَنان۔

بطچہ بونہِ تَل بہنٛس اوس پَنُن منٛز۔ اَندی پَکی لار کولہِ ہُند وَسہٕ وُن آبِ زُلال

تہٕ امہِ چہ پڑٕ وکلس پٹھ بونہِ ہُنٛد میٚوٗٹھ تہٕ موٗ دُرشہجار۔ آبس منٛز رنگ برنگی بطخ تہٕ تِہُنٛد خوشون بُطی بُطی۔ آرٕ بٔٹھِ وَتہِ پکن والین لوٗکن ہٕنٛد موصوم اداتہٕ أندی پٔکی کھہن ہٕنٛز مٔدرلگہ لَیہ۔

مس چیتھ خُمارس تے

چأوٚنس بہٕ پانہٕ مس تے

بزی اوس اَتھ بونہِ تل بہتھ زَن تہٕ آدمس موٗ دُرمَس لگان۔

تَس أسی تمِ کتی ژِھری تہٕ ساعت اکہِ اکہِ یاد پیوان یمِ تمی اَتھ بۄنہِ تل گزٲری ٲسی۔

سُہ دوہ ییلہِ تمِ تریٚشوَے اِندرسنکھن گلاسہٕ باغس منٛز گلاسہٕ ژٕوٗرکران وُچھے یہ تہٕ ییلہِ تموٗ ژُپنجل دَورترأوِتھ ژون بجن تام دوہہٕ بطیچہ بونہِ تل گزاریوو۔ سُہ سریندرتہٕ رتنہٕ تریٚشوے ژأیے ژوٗرِبجہِ پوٚت دارِسکول تہٕ کجیکھ پٹنٛز بیگ ژوٗرِ ژوٗرِ۔

تَس اوس واریاہ کال سوبۄنی وُچھنس گوٚمُت۔ بۄنی کیاہ حالاتو تھوٚ ونہٕ گرٕ گرژھنس تہٕ واروبتار۔ راتھے اوس سُلہٕ بٹ آمُت۔ ونان اوس سوبۄنی چھےٚ ووٚنی ہوٚ چھمٕژ۔ موٗلن تہِ چُھس زرزُرژامُت تہٕ لنگن لبجن تہِ۔ ووٚنی چھےٚ سووَسہٕ وِنی کول تہٕ ہوٚ چھمٕژ تہٕ تریٚشونی گامن ہٕنٛدی کھاہ وأ لی چھِ ووٚنی پن پٔنٛنس کھہس منٛز بتہٕ کھوٚان۔ سُہ تہِ کھوٗژی کھوٗژی تہٕ پھرٕ ٹہٕ ہٕتی۔ بأتہٕ لے چھنہٕ ووٚنی گُنہِ کٕنہِ

گڑھان۔ پژٲنؠ پاٹھؠ چھنہٕ ووٚنؠ بونہٕ تَل پٔنٛج تہٕ لگان نہٕ چھُ کانٛہہ گامہٕ زیٚٹھا وونؠ نظرِ گڑھان۔

کتھ کتھ کران اوس تس سُلہٕ بٹن یہ تہٕ وونُمت زِ۔

''غلام قأدرا، بونہٕ ہندی پاٹھؠ چھےٚ موج چائنؠ تہٕ ووٚنؠ سور پمٕژ۔ مٔژی گڑھبس نظراہ دِنؠ۔ خبر اینٛز''۔

سُلہٕ ہٹٕنؠ یہ کتھ بوزنہٕ پتےٚ گوٚو تس دِل وُداسی۔ دپان اوس زِ زأنؠ پنٕجرٕ مٔژ نیرِ تھ دِمہٕ ہاماجہِ نظراہ۔ امانہٕ اُس آشینٛز مانان، نہٕ شُری تہٕ نہٕ دفتر وألی۔ خود ماجہِ تہٕ اُس پٔتؠ مہِ رہتہٕ شیٚچھ سوٚزمٕژ زِ حالات چھِ اوٚرؠ نتہٕ یوٚرؠ، تام گڑھِ نہٕ یورُن۔

سُہ اوس کلنڈر ورقس وُچھان زِ بڈس پیٹھ شوٚنگتھ خاندارِنہٕ گرٛنس گگرائے...... ''دوپمے ژےٚ چھےٚ ناشوٚنگن، وَق ہےٚ یورووت۔ مےٚ چھُ صبحس سُلی ووٚتھن، کر لَمپ بنٛد''۔

''چار ونا چار کوٚر تٔمی بڈٕ سُچ آف تہٕ تژاوِن لر۔ لرِ پھرَن اتھوارِ دِژن۔ سونچان اوس بٹچہٕ بوٚنہِ پیا بیٚیہٕ تہٕ زانٛہہ بہار۔ بیٚیہٕ لگیا أندی یکٕی کھہن مٔژ دِوَے۔ سُہ سُر یندر تہٕ رتنہٕ سمکھنہٕ زانٛہہ بیٚیہٕ اَتھ بوٚنہِ تل تہٕ تِتھے پاٹھؠ گنٛڈن ترٛوپہٕ بازاہ۔ دپان تمو دوٚہ شوےٚ۔ یُچھِ جوٚمہِ مکانہٕ بنأوِ ہتی۔ اَما تمن تہٕ آسیاوٕنہٕ بٹچہٕ بوٚنؠ یاد۔ یہٕ آسہٕ کھا زانٛہہ یاد پیوان''۔

رأژ پہرَس تام رُودُسہٕ اکہِ بالہٕ وَسان تہٕ بیٚیہٕ بالہٕ کھسان یام زِ زولہٕ

پیٚیس۔

زز ریمۍ بطچہ بونہِ گوڈس تل اوس پرأنی پأٹھی پنٛج لۄ گمُت۔ ترێشوٚنی گامن
ہنٛدی ئوٚی پرأنی معتبر أسی جمع۔ پڑتھ کانٛہہ اوس وَنان زِ سپُد کیاتہٕ بوٚنی کیازِ ہوٚ چھ
تہٕ راہ گس چھُ۔

أکی ہِنٛز کتھ أس اَڈوَتی آسان تہٕ بیٚیا کھاوِس ووتھان ٹھوٚ کُرِتھ۔ کانٛہہ نہٕ
کانٛسہِ ہُنٛد بوزان تہٕ سأری فقط وُنٛن یڑھان تہٕ آبس تھٔنٛز ژھانڈان۔

ییٚلہِ تکرار بڈیوٚ و بونہِ تلہِ دڑاوُس تام ملنگاہ ہیوٚ خشمناک زَن تہٕ نار
پھونٛکان۔ سارِنے ترأوِن نظراہ۔ سأری گیہِ خاموش زِیہِ کوسہٕ بلاے گیہِ
نازِل۔ تٔمی تروواکہِ پڑأژ اَسُناتہٕ ووتھ۔ ’’آب منٛڈِ نہٕ نوٚیرِ کینٛہہ۔ شہجار تہِ
ہیکُونہٕ بأ گرِتھ۔ ہرگاہ بأ گرُن چھوبوٚنی بأ گرأ وِو۔ چھُوا منظور‘‘۔؟

سارِوِے کوٚرا اقرار۔ ملنگن ترأو بونہِ کُن خشمناک نظر تہٕ بوٚنی آیہِ پتھر لاینہِ۔
أندی یکٕی نفر لگی اَتھ ٹُکأے کرنہِ۔ أڈی لگی لنگ لنجہِ ژٹنہِ تہٕ أڈی موٚنڈی۔
ملنگن دِژ دِناہ تہٕ بڈِ ہٹہِ تروُون اَسُناہ تہٕ یہِ وَنان گوٚ وغاٚب۔

’’نارِے نار، کتہِ شہجار، رتہٕ پھموار......‘‘۔
تٔمی کڈ کُنی ووٹھ ہش تہٕ گوبڈٕ پیٹھ تھوٚ دۍ تھتھ۔



# ٲلی ناش

Patient زِ کینٛہہ آمُت تہٕ فون تٕرٕ یُم اوس پٮ۪ٹھہٕ کلنکہِ۔ تمُت ووریو اوس وَق
چھِ سُلے اور وٲتتھ وارِ پٔراران۔ ژیمن اَس یہِ شٮ۪چھ دوہہِ لٹہِ ڈاکٹر صاۓبَس تام
واتناوٕہ مژ زِ بریک فاسٹ چھُ لگتھ تہٕ میڈم تہٕ جوٗ لالہٕ چھِ تمن پٔراران۔
ییٚلہِ ڈاکٹرس زیادے پہم ژیرلوٗگ میڈمہِ کوٚرنچوس اشارٕ زِ بریک فاسٹ
کر شروٗع سہٕ لوٗگ ہاف بویل آملیٹ نوش کرنہٕ تہٕ میڈمہِ تہٕ کوٚر کارن فلیکس
بولس منز پھِرتھ ڈسلابہٕ وٕنگواۓ اندری اوسُس کوران زِ ڈاکٹر کیازِ چھُنہٕ ازیو اِنے۔
ڈاکٹر اوس دم پھُٹ۔ سٔران گٔرِتھ شیو کرنس آسنہٕ ووندٕ۔ کِلنکِس پٮ۪ٹھ
گرٕھنگ تہٕ اوسُس نہٕ موڑ۔ کمرچہِ پتٕمہِ دارِ اوس سہٕ انکسی annexe کُن
مدے گٔنڈِتھ یتھ منز رٮ۪یمہٕ تہٕ تسُند عیال روزان اوس۔ اینکسی نیٚبر مِس کمرس منز
اوس یُہس تہٕ گجو اول یٔو رمُت تہٕ سہٕ اوس اور کُن مُدے گٔنڈِتھ تہٕ تسُند بن
اٚچھن منز اوس اوش ہیوٚ۔
سہٕ اوس اٚتھی حالس منز زِ میڈمیہِ کرنو تَس رٮ۪یمس اَتھ بیٚیہٕ آلو زِ بریک

فاسٹ گژھِ ژھنڈٕ۔

ڈاکٹر دژا وکمرٕ منٛزٕ نبر تہٕ ووت ٹیبلس پٮ۪ٹھ تمۍ پھیوٚر ژھورٕے چایہِ کپا۔ میڈم ؤژھ تَس ہیرِ بونہٕ نظر ترٛاوان۔ ''بویلڈ ایگ تہِ چھُ کارن فلیکس تہِ تہٕ اسٹابری تہِ جام تہٕ تُہۍ کونہٕ کُنی مازان''۔

''مےٚ چھُنہٕ از طبیعت ٹھیک۔ ڈاکٹرن وۄن لوتی، اَکھُتے کرتہٕ کلنک تہِ فون از گژھنہٕ بہٕ''۔

''مگر تہِ ہے تم سُلہِ پٮ۪ٹھے پژاران چھِ''۔

''پژاہ تہنٛدِس پژارنس''۔

تمۍ وۄن شرارتہٕ سان۔

میڈمہِ تہِ کھُرژ ڈبکس دٕرہہ۔

ڈاکٹرن ترٛووکپ پتھر تہٕ ژاوواپس کمرس منٛز۔

میڈمہِ تہِ ترٛووبریک فاسٹ اڈٕ وَتی رٔحمس کوٚرن آلو۔

''جل وَتھ پیالہٕ ویالہٕ تہٕ کچنس تہٕ ورنڈہس دِتژھِ پھَش، اکھُتے چھُ انیکسی طرفہٕ کُتی جو ورنڈا موگُر کوٚرمت تتھ تہِ دِکھ پھَش''۔ پانہٕ ژایہ میڈم باتھ روم۔ باتھ روم وأتتھ پیوو تَس یاد زِ ڈاکٹرن ونیو تَس کلنک فون کرنہٕ باپتھ۔ سوٗنچ سونچنہِ زِ ڈاکٹرس کیازِ چھُ موڈ خراب، تَس کیازِ دوہ کھوتہٕ دوہ کامہِ کارَس، شُرٕ بٔن بأژن تہٕ جایدادس منٛز دلچسپی کم گژھان۔

"تَس ماچھُ کانٛہہ أندرٕ ژٔر، مگر وونی چھُنہٕ سُہ مرحلے، ؤن گوٚ ویٚلہِ یٚیلہِ زانٛہہ پٔنٕن گام یاد پیوان چھُس یا تورُک کانٛہہ یوان چھُس تیٚلہِ چھُس گُستام وکانہٕ گژھان"۔ میڈم اُس باتھ روٗمس منٛز سۭران کران تہٕ ڈاکٹرس سٟتی گٔژ أرمٕنٛز زندگی پڑاو پڑاو سام ہوان۔

سُہ اوس انٹرنی تہٕ أکِس یونٹ ژورس منٛز ڈیوٹی پیٚٹھ سو ہیڈ نٔرس اُس۔ سُہ اوس سخت محنت کش تہٕ خلوصہٕ وول، یَس ڈاکٹری پیشس سٟتی دلی رغبت اوس۔ رأژ پہرس واڑ پتہٕ واڑ روند کٔرِتھ اوس ڈاکٹر ملک سسٹرس روم بٕ کٔنی نیران تہٕ اکھ موٚ دُر تہٕ میوٚٹھ آلوگوس کٔنِن۔

"ڈاکٹر صأب اکھ منٹ، بڑٕ تھکِتھ مٟتی چھِوٕ باسان، ڈلو بٕ چاوو پنٕنہِ اتھہِ بنوومُت کافی کپا"۔ سُہ لوٚگ تَس غورٕ سان وُچھنہِ۔

تُسُنٛد بادام چشمہٕ، پکر پان تہٕ سرٕ قد پرٕتھ انداز اوس منہٕ موہن، تمِی کوٚرنہٕ انکار تہٕ بیوٚٹھ تَس برونٛٹھ کنہِ کرسی پیٹھ۔ کافی چوان چوان کرِ تمو واریاہ کتھہٕ تہٕ کتھِ کتھِ منٛز و ٚون تمہِ تَس "اُس چھِ خأدم موقہٕ ہے میلہِ سأرہے وأنٛسہِ کرِو خدمت"۔

یہ مُلاقات اوس تِتھِن مٔدرٕ بن تہٕ مُشہلِن ملاقاتن ہنٛدِ طویل سلسلُک آغاز۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس یہِ دون زأنی کارہم کارن ہُنٛد مُلاقات یُس پتہٕ دون دوستن ہُنٛد ملاقات بنیوو تہٕ یوٚ تام ڈاکٹر ملکن انٹرنشپ ہاوس جاب تہٕ پتہٕ ایم ڈی

مکمل کۆرتھ تامت اوس یہِ سلسلہٕ تِمن ہٕنٛز گوڈ ضرۄرتھ تہٕ پتہٕ مجبوری بنیومُت۔

میڈم جہاں آراأس خوش تمہِ کۆردۄ رگامہٕ پێٹھٕ آمُت اکھ قابل جواں سال ڈاکٹر محبتہٕ کِس زالس منٛز گرفتاریس سو پرأوتھ تہٕ چھأوتھ ہیکہِ۔ مگر ڈاکٹرس اوس کیاہ تام أندری کۄران پۆز تِمۍ گرنہٕ اَتھ زانہہ وکھنے۔ وٕں گۆو دوشوے کۆر عدالتس منٛز نکاح تہٕ اَمہِ پتے گیہِ نوکری کرنہِ دُبیٔیتہٕ وۄری باہ مرٕ گزأرِکھ تہٕ بسیار دیٚار کمأوِکھ۔

وُچھو ہے تہٕ زمین جاداد چ عأش آراچ چھے نہٕ یِمن کانٛہہ کُمی پۆزینہٕ واپس آے تنہٕ چھُ ڈاکٹر منٛزی اۄری نتہٕ یۄری آسان۔ میڈمہِ چھُ تمہِ وِزِ تاجب گژھان ییلہِ ڈاکٹر شُرِل کران چھُ۔ اوترے اوس تِمۍ اکہِ دوہہٕ وۆنمُت۔

''یتھ کٔشیرِ چھے زَن تہِ ترٛٹھ پیہٕژ۔ ژۄپارٕ چھ کنکریٹ جنگل بٔڈی بٔڈی مکانہٕ تہٕ بجہِ کالونی مگر سُہ پرٛون ہیۆمرٕنہٕ گُنی، وونی چھُنہٕ تم رنگ برنگی جانورتہِ نظرِ گژھان''۔

ڈاکٹر ہٕنٛز ویمو کتھو چھُ میڈمہِ تلواس ووتھان، تَس چھُ پھیران زِ تمہِ کیازِ دِژ یوتَس دُبیٔ پێٹھٕ کٔشیرِ ینٛگ مشورٕ۔ تَس اوس اندازٕ واپس یتھ کرِ ڈاکٹر رو بیوتہٕ پریکٹس ییتی شُر بن باپتھ اکھ بارٕ کاروبار کھڑا اپنٕس وطنس منٛز۔ مگر زَن لُجۍ تہند بن ارمانن نظر تہٕ ڈاکٹر زَن تہِ تھوکُمۍ تام گٔنڈِتھ۔ نہٕ چھُس کامہِ کارس اتھ وَتھ یوان تہٕ نہٕ أشس آرامس منٛزٕ۔

میڈمہِ لۄگ گھنٹہٕ باتھ رۄمس منز، اوٚرٕ نیرتھ ژاے پٔنٕنس کمرس منز تمہِ وُچھ ڈاکٹر اوس نہٕ اَتہِ تَس گیہِ بشاشت زِ زہراہ چھُس پۄت مشورٕ آمت تہٕ چھُ کلنک وژامُت، پۄز دارِ کَنی تژ اُون آنگنس کُن نظر سُہ اوس آنگنہٕ اکہِ پاسہٕ کرسی پیٹھ بِہتھ۔ اُچھ آسس اینکسی ہٕنٛدِس کتی جہِ اٗلس کُن زَن تہِ درس لگتھ۔

میڈمہِ کھٔژ سخت شرارتھ۔

"وائے بلایہ اَتھ کٔتی جہِ اٗلس، مےٚ چھُ باسان بہٕ وَنہٕ رٔحمس از یہ اول فناہ کرنہٕ باپتھ تہٕ اٗتھی ستی ٔلج سو پانس شیرٕ پاٚر کرنہٕ"۔

ڈاکٹر اوس کٔتی جہِ اٗلس کُن مُدے گٔنڈِتھ پتھ کالس نادلایان۔

وُنہِ اوس سُہ میڈکل کالج واتنے زِتٕسنٛد بوگرِ کبوٗ اُس تٕسنٛز گتھ تہنٛزِ ماسترِ ببنہٕ ختجس ستیٚ گٔنڈ ہٕژ۔ ختجہ اُس تٕسنٛز ہم عمرٕ، سبٹھاہ مأرٕ منٛز تہٕ مژٕ ہج۔ گوڑٕ گوڑٕ اُس سو نذیر احمدس ستیٚ یکہِ وَٹہٕ تژ وپَن تہٕ سرٕ لنٛگس گندان پتہٕ ییلہِ کتھ گٔنڈ ہکھ پتہٕ اُس سو تَس ژورِ ژورِ سمکھان۔ ختجس آسہٕ کٔتی جہ بڈٕ پسند تہٕ سو اُس تمن پہرٕ وادس مُدے گٔنڈِتھ روزان۔ ییلہِ نذیر احمد ڈاکٹر ٹرینگہِ باپتھ شہر وۄتھ ختجہ اُس بٹہٕ وارِ پیٹھ بٹہٕ وارٕ تام گرِتہ ژٕہی گنز ران۔ بٹہٕ وارِ دوہہ اُس دوہس منٛز اکھ زٕ چکر گامہٕ نبر بونہِ تام دوان زِ آو ماتسُنٛد نذی لالہٕ۔ گوڑٕ گوڑٕ اُس نذیر احمد ستہِ بٹہٕ وارِ دوہہ گام گھسنٛچ تہٕ ختجہِ سمکھنٛچ سخت کلٕ روزان۔

یمنے دوہن وَنیواکہِ وِزِ ختجن تس بہ کھوژس اوترٕ خابَس منٛز۔

''کیاہ وُچھتھ''۔

''مےٚ وُچھ کمرَس صفائی کران کران آومیانہِ کُتی جہِ اَلس لژھلی دب تہٕ یہِ آو

پتھر لاینہٕ۔ مےٚ ونیو ویہِ خاب نانہ تمہِ پوٚرتژ اہہ تژ اہہِ ڈوپُن یہ گو بدشگون خبر کیا

چھُ ڈیشن۔ یہٕ اَسس تنہٕ پریشان ژےٚ گوٚ ژُھے خاٮ۪رے آسُن''۔

نذیر احمدن دِژ اوتَس دِلاسہٕ زِ خاب گوٚ وخیال ہٕ چھُس وارِ کارِ تہٕ بدشگونچ

چھنہٕ کانٛہہ کتھ۔

پتہِ ییلہِ ڈاکٹر شہری زالَس منز گرفتار گوٚ وتَس گیہِ خٲنجہ تہٕ گام دوشوے مُشتھ۔

ڈاکٹر ہُندِ دوبے گرژھنہٕ پتہٕ کریو مالی ماجہِ تجسس خاندر مگر سوٲس پھلوٲے

گاٮ۪مژ توَے کھٲژنہٕ سوکوندَے۔ سو آیہِ کُھیا پھِرِ پاگل خان تہِ واتناونہٕ۔

ڈاکٹرس ہرگاہ گامُک کانٛہہ خاص دوست یا زاٲنکار سمکھان چھُ تُتی جُن حال

چھُس ضرٗو رونان تہٕ سُہ چھُ واریہن دوہن چکرس کھسان۔ اَکہِ بالہٕ وسان تہٕ

بیٚیہِ بالہٕ کھسان۔

ڈاکٹر اوس کُتی جہِ اَلس مدے گنڈِتھ سونچان کاش تٕمی آسہِ ہے تُتی جُن خواب

سنجیدگی سان نیومُت مگر......

میڈم وٲژھ ہیرِ خٕشمہٕ ہٕژ رحمس دیٚتن آلو۔ ''تلہٕ بالژھل تُل تہٕ انیکسی ہُندِس

اَتھ کُتی جہِ اَلس کرتہٕ ڈاکھ۔ یہِ بنیو مےٚ سون''۔

رٕحمہٕ ووت اَلس نکھہٕ تہٕ کوٚڈُن اَتھ اکھ ٹاس۔

ڈاکٹر وۄتھ کرسی پیٹھ تھۄ دتہٕ ......ترأوِن رٕحمس پٕچھ ......۔

''از دِمےٚ نہٕ بہٕ بیٚیہٕ اَتھ اٲلِس ناش کرنہٕ'' ............۔



# نیوز سٹوری

تُہنٛز چھِٹھی وٲژم یتھ منٛز کیٚگامہِ کِس عرفان نِس مارنہٕ پیٚنَس متعلق اصل
حقایق دریافت کٔرِتھ سٹوری فایل کرنہٕ باپتھ وَننہٕ آمُت اوس۔ یہِ زٲنِتھ زِ دُرس
وادی علاقُچ سرینگر پیٹھٕ دِلہِ تام اَتھ معاملَس پیٹھ زن تہِ ہیٚو وتھمُت تہٕ پٔرتھ
فرد کیٚو تنظیم چھےٚ اَتھ وکھرٕ وکھرٕ اندازٕ پیش کٔرِتھ پننہٕ پننہٕ رنگہٕ رنگان باسان۔ میٚتہٕ
ٲس دِلی خاہش زِ یہٕ واتہٕ ہا معاملہٕ کِس ژٕکِس تام تہِ کیازِ اخبارن تہٕ مختلف نیوز
چتلن پیٹھ یہٕ کینژھ ہا بروٗنٛہہ کُن یوان اوس تمہِ سٟتۍ اوسُس بہٕ تہِ دُلملِس منٛز۔ چھِٹھی
وٲتِتھے دراس بہٕ اَتھ پتھ کھورتہٕ وِلنگ علاقس کُن۔

گوڑٕ باسیوٚ مےٚ ضلعہٕ ہیڈ کوارٹرٕ گژھتھ سینیر پولیس سُپر انٹنڈنٹس سمکھُن روزِ
جان۔ بہٕ ییلہِ تَس ہنٛدِس دفترس منٛز ووُتُس تہٕ پنُن تعارف دِتھ، تَس نِش ژاس
مےٚ باسیوٚ تَس سپزٕ مےٚ یٔنس اور یِنَس تہٕ سمکھنَس پیٹھ کانٛہہ خوٗشی۔ ییلہِ مےٚ اڈورٕ
بارعب پُلسہٕ افسرس وٕنن زِ بہٕ چھُس قومی میگزینہٕ خاطرٕ عرفان ہلاکژٕ ہنٛدِس
معاملَس پیٹھ جامع سٹوری پیٹھ کٲم کران تَس کھٔژ ژکھ تہٕ ڈیکَس ڈٕ رٕہہ لٔدِتھ
ووتھ سہ مےٚ کُن۔

’’توہہِ میڈیا والین ماچھُ اندازٕ زِ حالات کیا چھِہ۔ کُوتاہ دباو چھُ بیلٹ فورسَن۔بمِ تہٕ بندوق چلاون وأل دہشت گرد تہٕ تہندی اپارِ پیٹھٕ وونہٕ آمتۍ خوفناکھ منصوٗبہٕ گیہِ اکہِ طرفہٕ، جلوس تہٕ احتجاج کرن والین ہُند یہِ ژھہدٕ رؤس دَلہٕ وانژُل گوٚ ودویمہِ طرفہٕ، دوہ دِشکی بڑٕوٗنی جرم تہٕ نیاے گیہِ آسنہِ۔ اکھ افسر کُوتاہ تہِ کیا کیا تھاوِ یاد۔ تہٕتھسے ہنگامَس منٛز مود یہِ اکھ لڑکہٕ تہٕ۔ سانہِ بِہی حسابہٕ اوس سُہ تہِ فسأدی۔ ٲمی کہِ فساد بن لیڈ کرن وول تہٕ تتھ اشتعال انگیز ہجومَس منٛز اوس شأمِل یُس کُنہِ چلاوان اوس۔ یمو پولیس چوکہِ زالنٕچ کوٗشِش اَسی کرٕمژٕ۔ ہجومہٕ منٛز آسی کٲمی تام گوٗلی تہِ چلاومژٕ تہٕ جوأبی گولہِ ستۍ مؤد عرفان ناوٚک یہِ لڑکہٕ یُس اکہِ دہشت گرد تنظیمہِ ہُند بالانے زمین کارکُن تہٕ اوسمُت اوس۔ باقٕے چھُ متعلقہٕ تھانَس منٛز معاملہٕ درج تُہی ہکیو متعلق تھانہ دارس ٲبَس سمکھتھ۔ اگر بیٚیہِ کیٛنہہ زانُن آسِو یژھان میٛتہِ چھُ میٛنگہِ منٛز گژھُن۔ وزیر قانون چھُ ضِلعس منٛز یِنہٕ وول۔ پیٹھٕ چھُ سریہِ منٛز گوڈے تناو۔ ہرگاہ تہنٛز کانوایہ کُنہِ پھٹول آو کوٗھس کڈن خبر کوٚت ٹھل‘‘۔

سُہ گوٚ ویہِ سورٕے وِتاولی تہٕ خشمہٕ سان وَنان تہٕ یکدَم ووٗتھ کتھِ ٹکھ دِوان کُرسی پیٹھٕ تھوٚد تہٕ میٛتہِ دیتُن نہٕ کانٛہہ سوال تلنُک کانٛہہ موقہٕ۔ بہٕ تہِ دراس تَس ستۍ کمرٕ منٛزٕ نیبر۔

ووٚنی اوٗسُس بہٕ سونچان زِ مے کوٚت پزٕ گوڈٕ گژھُن تہٕ یِی سونچان یِیلہِ بہٕ

پُلیس لاگنہٕ منٛز نبر دراس مےٚ وُچھ ہتہٕ بٔدی نوجوان ہنٛز تہٕ پٔلے کارڈ ہتھ احتجاج کران۔ احتجاجچ قیادت اوس مخالِف ڈٔرچہِ پارٹی ہنٛزِ نوجوان شاخہِ ہُنٛد صدر کران۔ احتجاجی اٚس بٔڈ بٔڈ نعرٕ تہِ دِوان۔

''قاتلوں کو سزادو۔ عرفان کے قاتلوں کو ننگا کرو''۔

''نوجوانوں کی ہلاکتیں بند کرو۔ ظالم سرکار ہائے ہائے..........''

اَتہِ تعینات پُلسہٕ عملس اٚس شاٚستھی کھٔژ ہٕژ۔ تمِ اٚسی عزت ماب وزیر قانون واتنہٕ برٛونٛہہ احتجاج والین ژٔلہٕ راوٕنی یژھان۔ اما احتجاج کرن وٲلی تہِ اٚسی زٲنتھ مائٔنتھ اٚتھی موقس پیٹھ آمتی تہٕ تمو اوس سٔریہِ منٛز ہڑتال کرنو مُت۔ پُلسن کوٚر زبردست لاٹھی چارج، اٚڈی احتجاج کرن وٲلی ژٔلی تہٕ تہندی کینٛہہ لیڈر آیہٕ رٔٹتھ نِنہٕ۔

یہِ صورتحال وُچھتھ اوٚسس یہِ ہیٛیہٕ ہَن تہِ ڈُلمِلس منٛز پیوٚمُت۔ اٚزی کینٛہن اخبارن منٛز اوس علحید گی پسند جماژن ہُنٛد بیانہٕ درجنا تہِ شایع گومُت یمن منٛز اٚتھ ہلاکژ مذمت کران مرکزی کیو ریاستی سرکارچہِ ظُلم تہٕ جبرٕچہِ پالیسی ہنٛز یہِ بیاکھ واضع مثال قرار دِنہٕ آمٕژ اٚس۔ اما اخبارکِس اٚکِس کوٗنَس منٛز اوس ناو ہینٛہٕ ورٲےٚ کُس تام پُلسہٕ افسرسُند یہِ موقف تہٕ شایع سپُد مُت زِ اَتھہِ واقعس منٛز اٚس فورسن بَڈ ضبطس کاٗم ہیٛژ ہٕژ مگر عرفان اوس تِمن مشتعل لوٗکن لیڈ کران یِم گنہِ چلاوان اٚسی تہٕ تمِوٕے منٛز اٚس کٲمی تام پُلسہٕ پارٹی پیٹھ گولی تہٕ چلاوٕمٕژ۔ پُلسن

چلاۓ وجوابَس منز گوٗلی تہٕ عرفان گوٚ وزخمی تہٕ پتہٕ موٗد۔

اخبارس منز اوس اکہِ قومی جماژ ہُندیہِ بیان تہِ شامِل زِ مخالف دوٗر ملک دشمن جماژ تہٕ خوٗد ساختہٕ انسانی حقوق کارکُن چھُ عرفان معاملس ئلئ تھر کھالتھ فورسَس بدنام کران تہٕ مشکل حالاتَن منز قومی مفادٕ خاطرٕ زوٗس رِگندن والین فورسکین جوانَن حوصلہٕ شکنی کران۔

یہٕ اوسُس نہٕ فأصلہٕ گرتھے ہبکان زِ یَز رزاننہٕ باپتھ کیا پزِ مےٚ کرُن۔ ضلہٕ پولیس سربراہ سُند وطیرٕ وُچھتھ اوس مےٚ باسان زِ متعلقہٕ تھانَس منز گژِتھ تہِ نیرِ نہٕ کانٛہہ مطلب۔ مگر یہِ سٹوری أس ووٗنی میانہِ باپتھ اکھ چلینج۔ چیف ایڈیٹر سنٛزِ ذأتی طور چِھٹھی لیکتھ یہِ کأم (Assign) کرِنی أس نہٕ گُف گتھا۔ أخرکوٚر مےٚ فأصلہٕ زِ تھانَس منز گژھ نہٕ بروٗنہہ گژھ بہٕ مقتول عرفانُن گرِ تہٕ سمکھِ تِہنٛدِس سوگوار مألِس ماجہِ۔

اَتھ پتھ کھورِ گامَس تام واتان واتان گوٚو مےٚ گرد سرٛان تہٕ تتھ موٹر سائیکلَس تہِ ؤتھی وارِیاہ بڑھ کہ یتھ پتھ بہٕ سوار اوسُس۔ پرٛژھان پرٛژھان ووتُس بہٕ مطلوبہٕ گرِکس آنگنَس منز۔ دوپہر مکانہٕ اوس ہیرِ بونہٕ ڈیان باسان۔ آنگنَس منز تہٕ أندی پکِی تہِ زن أس دُوہی ژھیتے۔ حالانکہِ واقعہ پتہٕ پیتی دوہہ تہٕ أسی مکانَس منز وارِیاہ انگ أشناو تہٕ حق ہمسایہِ تعزیت پُرسی خاطرٕ موجوٗد۔ أکِس کمرس منز آسہ زنانہٕ بِہتھ تہٕ دوٚیمِس منز مرد۔ مےٚ ہاوٚکھ تام مرد گُٹھِس کُن وَتھ۔

اَتہٕ اوس عرفانُن اڑ ؤرمول۔ سلام رأتھر لیفہِ ستی ڈۄکھ ترأوِتھ بے حال۔ سلام گرِتھ ژاس بہٕ اندر تہٕ بیوٚٹھُس أمِسے لرِ تہِ کیازِ یہٕ ژٕ تر نَس اوس نہٕ وق لگان زِ صأحب تعزیت چھُ یُو ہے شخص۔ ییٚلہِ مےٚ پنُن تعارُف کوٚر زِ بہٕ چھُس دِلہِ ہنٛدِ مشہور نیوز میگزینُک رپورٹر اتہِ موجوٗد سأری لگی مےٚ گن وُچھنہِ، کینٛژن ہنٛد بن نظرَن منٛز اُس حأرأنی تہٕ کینٛژن ہنٛد بن نظرن منٛز ژکھ تہٕ دٕے صاف لبنہٕ یوان۔ دَند چیرِ ووٗتھُس بہٕ سلام رأتھرَس گن۔

''جناب یہٕ گیہ بے ادبی توہہِ بیٚیہٕ یہِ المناک واقعہ ژٕتَس پاوُن۔ مگر وونی آس بہٕ سبٹھاہ دور پیٹھٕ تہٕ پزرزانُن تہٕ ییمی ملکٕکین لوٗکن تام پزر واتناوُن چھُ ضروٗری زِ آخر سپُد کتھٕ پٔہ المیہ''۔

مےٚ ہیٚوک نہٕ اَمہِ اپور کینٛہہ وٕنتھے۔ میون سوال بوٗزِتھ ترٚو سلام رأتھرَن زیوٚٹھ ووش تہٕ لوٗگ وننہِ۔

''گوبرِ کیا وَنے ترٚٹھ پٛیم، کیا وَنہٕ شمالہٕ آیا کنہٕ جنوبہٕ معصوم مأرمٕنٛدِس جوان پتھرس کوٚر رہم گولہِ پرٛیِن۔ یہٕ چھوکھ اوسُم نہٕ کینٛہہ کم زِ وونی چھِم تَس دہشت گرد آسنٕچ ہانٛژہ لاگان، فسأدی ونان۔ فِتنہٕ فساد اوس نہٕ تہنٛزِ وَتہِ آمتے۔ تُمی بچأری چھِنہٕ زانہہ شُری لأ زی منٛز تہٕ کھٔرل گرمٕژ۔ سُہ اوس نہٕ کانٛسہِ ہنٛد بن دولابن سنان، یمِوے موکلاوِن فسٹ ڈوِجنس منٛز گریجویشن۔ دپان اوس بابہٕ گژھ بیٚیہٕ پرنہٕ یونیورسٹی۔ اِدمیتہٕ مونس نہٕ دۄپ مَس تیوٗت گزار چھُنہٕ۔

’’ مےٚ چھُ یارَس اَکی سُند نێچوٚ بوٚڈ پُلسہٕ افسر ۔ مےٚ اوس تَس وۄنمُت زِمیون یہِ لڑکہٕ تہٕ لاگتن پُلسس منٛز ۔ تمی اوس دۄہمُتھ موکہٕ لاوِنۍ گریجویشن ۔ دَپھ عرفانَس اَس پرسہ پیٹھہٕ پُلیسچ کھٔر گمٕژ ۔ پرُس یَنہٕ سریہِ منٛز تمہٕ نوجوان زاَم کاکنہٕ آرَس منٛز ماٗرِتھ تراوِکھ تنہٕ اَس تَس پُلسہٕ والین ہنٛز تہٕ سرکارٕچ سخت پھوشان ۔ دپان اوس بہٕ گژھے نہٕ پُلسس منٛز بہٕ بنہٕ ماشٹر توے اوسُن وونۍ بی ایڈ کرُن ہیوٚتمُت ۔ ہڑتالہٕ کنۍ اوس واریَہن دوہَن گری ۔ دوہے اَسی سریہِ منٛز جلوسہٕ نیران ۔ دپھ سہ اوس نہٕ گژھان ۔ دَپھ تمہِ دوہہ گوم ژھل گرِتھ تہٕ ژھلے گوم ................ ‘‘ ۔

یہِ وَنان وَنان وۄتھ سلام راٗتھرس اوٚش دَدرایہِ ، پھرکھ کھوٗتُس تہٕ گَتھ کلییَس ۔

کمرَس منٛز موجوٗد تمام نفرن زَن گوٚ وَدم ۔ اپارمہِ زنانہٕ کمرٕ منٛز ژھٔٹ گمی تام باکھ ’’ میانہِ باٗے جانوبہٕ کسوتراٗوتھس ‘‘ ۔ حاٗضر نفرو منٛز اَکی نوجوانَن گرمےٚ گُن وُچھتھ نوج ہش تہٕ لوٚگ وَننہٕ ۔

’’ اوہے دلہٕ ہندِ اخبار کہِ پرٕژ ڈار گتھ آکھ اَسہِ چھوگن نوٗن تراونہٕ ، اسہٕ چھنا پَے تُہندی یمِ اخبار ، کتھٕ گنہٕ چھِ اَسہِ ستۍ اَچھی کون گران ۔ تلہٕ ساوَٹھ وونۍ یہِ دفتر ‘‘ ۔

اَتھ ماحولَس منٛز اَس مےٚ وُسواَسی پٹھان تہٕ ہمتھ اَسم نہٕ سپدان زِبێہِ ٹُلہٕ

گتھ پَن مگرتہٕ گُرتھ تہٕ ووٚن مےٚ دنٛد چیٖری چیٖری تہٕ اُس ٹوٗی ٹوٗی سلام رٲتھرَس کُن۔

''تہٕ آخر دراوتمہٕ دوہہ عرفان تہٕ جلوٗسَس ستٕۍ''۔

''آتی دپان جلوس اوس تھانَس کُن پکان۔ پُلسہٕ اوس لٲگن مار دِوان، ٹاریگیس چھکان، اسمائی گولہٕ چلاوان۔ عرفان نوٚ دوستو ووٚن سہ اوس لٲگن سمجھاوان زِمہٕ پکو برونٛہہ، مہٕ لاٗیو کنہٕ، بِہِیو پتھر سڑکہٕ پیٹھ مگر دویو پُلسہٕ والوٚ دِژ تَس گردنہٕ تھِھ کھُکھرِ نیوکھ تھانَس کُن۔ دپان اُسَس سالے لیڈر بنتا ہے تہٕ نزدیکھ پیٹھٕ چلاوِہَس گولہٕ تہٕ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹہٕ کران شہلیوم مُہراز نٮ۪چو۔ میتہٕ آوُس تام نادس مندنٮ۪ن گوم شام.................''۔

تَس ووٚتھ بیٚیہٕ اوش دَدرایہٕ تہٕ کتھ کلیٖیَس۔ وونی اُس کمرَس منٛز وحشت ناکھ ژھوپہٕ۔ سارٮ۪ اُس زن تہٕ مےٚ کُن خشم گیرنظرو ٚ چھان۔ بہٕ اوُسس وہ تلان تہٕ بوڈان زِمےٚ پزِ یا بیٚیہٕ گتھ ٹلنٕی کِنہٕ نہٕ۔ ژورِ جگرٕ گرِتھ پروٗژھ مےٚ سلام راتھرَس بیٚیہٕ۔

''تہٕ پتہٕ کیاسپُد''۔

''پتہٕ ووتھ ماتم، ہنٛز قیامتھ سٕرم تَس جوان رٲیلَس پیوم سینٛدِ نکھ دیُٛن یَس آیَن تہٕ گراین اوُسس وُچھان، شے اُسَم شانکھ اُسم زندگی ہنٛد بن کٹڈربن مرحلن منٛزشیہہ لاوبم اتھٕ تہٕ وقتِ اُخرتر اویم تریش تہٕ سینٛدِ دیم نکھ''۔

سُہ ییلہِ مزار بل گُن کوٚ ڈ سوٗرے اوند پوٚک پر گنہٕ آوٗژ ستھ، ساٗری اُس ماتم کران، مرثیہِ پران، نعرٕ دِوان ظالم سرکار ہاے ہاے، پونڈ پولیس ہے ہے، ہم کیا چاہتے آزادی.........

مزار پیٹھ یتھ روز نہٕ مےٚ کانٛہہ حال ہوش مگر شامَس آو جم غفیر سائنس آنگنَس منٛز بیٚیہ۔ اَمہِ وزِ اوس تِمن زیادَے خشم دِپان اُسی ریڈیوتہٕ ٹی وی پیٹھ وونُکھ بدلے افسانہٕ زِ کیگامہِ پیٚیہِ پُلسس فسادبن پیٹھ گوٗلی چلاوٕنی، فساد اُسی گنہِ لایان تہٕ تھانَس نار دِنٛچ کوٗشش کران۔ فسادیو منٛز چلاوٕ کمی تام پُلسہٕ پارٹی پیٹھ گوٗلی یمہِ ستی ایس، ایچ، اوزخمی گوٚو، چارونا چار پیٚیہِ پُلسس تہٕ گوٗلی چلاوٕنی یمہِ ستی عرفان ناوُک اکھ نفر چھوکہٕ لد گوٚو تہٕ پتہٕ ہسپتالہ مود۔ دپان سُہ اوس اکہِ دہشت گرد تنظیمہِ ہُندا کھ اور گراونڈ کارکُن.........."

یِموٗ لوٗکو پُلسہٕ عرفانَس بے دردی سان قتل کران وُچھمُت اوس تِمن گوٚو نہٕ یہِ بہتان برداشت، تِمو دیُت جرنلی سڑکہِ پیٹھ دھرناتہٕ کوٚرُکھ پُلسس خلاف قتلُک مقدمہ درج کرنُک مطالبہٕ، تنہٕ چھُ ژوٚپاری یہَے مطالبہٕ چلان۔ مےٚ نِش اوس پُلسن نفر سوزمُت تہٕ ڈی سیٚن تہٕ زِ مےٚ پزِ نہٕ ایف آئی آر درج کرنَس پیٹھ زوٗر دیُن۔ تہٕ امہٕ منٛز نیرِ نہٕ کینٛہہ۔ پُلسہٕ ہیکِہ کینٛہہ تہٕ ثابت کٔرِتھ۔ بہتر چھُ ژھوپہ کٔرِتھ روپیہِ لچھ رٹُن تہٕ عرفانٕنی ببنہٕ نوکری لاگنی۔ مےٚ دوپمکھ مےٚ نیہِ تو سوٗرے، مےٚ مٲرتھ ہسکوتتھ تہٕ چھوٕ اجازت دَپھ مےٚ دِیہِ تون عرفان واپس۔ تسنٛز ماجہِ تہٕ ببنہٕ چھُ تَس پرٲری

پرأری أچھَن ہُند گاش لوسُمت ............ تموووُن یِہ نہٕ مُمکن آسہِ تہِ لگہِ نہٕ سوچُن ژٕ
سونچ وارِ أسی یِموٚ بیٚیہِ"۔

"گوبر اَتھ دوران آیہ لوکچَن بچَن جمأژن ہٕندی واریاہ وفد تہِ۔ تِمو وون
چون نیٚچو گوٚ وشہید۔ سُہ اوس جنتی مگر خبردار چھےٚ یتھنہٕ بوٚلکھ۔ یُتھنہٕ سرکأری امداد
رٹکھ۔ ازموُر کھ چون نیٚچو پگاہ مارٕن بیٚیس۔ أسی کرونہٕ یہِ ظُلم برداش۔ أسی ہیمو کھ
آنچَن حِساب، دُرس کٔشیرِ منٛز کرواحتجاج۔ مےٚ وون تِمن تہِ بَس یِی۔

"ہے کینژھ ھائرتو، مےٚ دیہِ توٚن عرفان واپس، مےٚ چھُنہٕ کہنٛی بکارنہٕ روپیہِ
نہٕ نوکری، کأنسہِ پھہہِ کھالنہٕ تہِ کیا گژھہِ مےٚ گوٚ ژھ پنُن پٔترِ گاش واپَس"۔

تَس ووٚتھ بیٚیہِ دَدرایہِ اوٗش۔ گتھ کلیَس پھرکھ توُس کمرس منٛز گٔیہِ بیٚیہِ
وحشت ناکھ ژھوپہٕ۔ ووٚنی أس نہٕ مےٚ بیٚیہِ کینٛہہ پرژھنٕچ ہمتھ۔ مےٚ کوٚر کلامہٕ
تہٕ قلم بندپَتہٕ دلاسہٕ دِوان ہیوٚتم سلام راتھرَس اجازتھ تہٕ یقین دُتمَس قاتِل ننگہٕ
کرٕنَس منٛز تھاونہٕ یہٕ تہِ کانٛہہ کسرتہِ دراس کمرِ منٛزٕ نیٚبر۔

یوٚ تام بہٕ آنگنَس منٛز ووٚتُس کمرس منٛز مےٚ کُن ژٕکھ ہوٚت وچھَن وول
نوجوان اوس درجن جوراہ بیٚیہِ ستیٚ ہتھ اتہِ کھڑا۔ مےٚ وُچھتھ لگی تِم بُڈ بُڈنعرِ دِنہٕ۔

"قاتِل پولیس ہے ہے قاتِل سرکار ہے ہے" ............۔

یُتھے بہٕ تِمن نزدیکھ ووٚتُس تِمو منٛز اکھ ووٚتھ مےٚ کُن۔

"سٹوری گژھ ہِیژٕ پژٕ لیٚکھنٕی سون فوٹو تہِ گژھ ہِیُن"۔

تمہِ ہاٲوِ مےٚ تمہِ دوہکی واریاہ فوٹوٕیِم موبایلہٕ ذٔریہِ تمہِ دوہ ژٕلنہٕ آمٕتی أس یِمہِ

دوہ عرفان مارنہٕ آمٕت اوس۔

وونی اوسُس بہٕ سیوٚدُے پولیس سٹیشن گژھن یژھان۔ مگر مےٚ اوس

ژٕتہٕ مُت ہرگاہ یِمو نوجوانو ژٕرُژیِم کرن مےٚ لتہٕ لوڈ۔ اوکنی پروژھنہٕ مےٚ کانٛسہِ

تہِ زِتھانٛس کُن کیاٛژٕ چھےٚ وِتھ۔ گامہٕ نیبر نیرتھ پروژھ مےٚ أکِس نفرس تھانٛس

کُن گژھن واجنہِ وَتہِ ہُنٛد پےٚ تہٕ ووتُس تھانٛس پیٹھ۔ یوٚ دوٚے مےٚ ونیوٚ زِ بہٕ

چھُس پریس رپورٹر تہٕ چھُس ایس ایچ اوصاٛبس سمکھُن یژھان بہٕ آس گوڈٕ منشی

صاٛبَس نِش واتناونہٕ۔ اَتہِ یِیلہِ مےٚ دِلہِ ہِنٛدِ میگرینگ نمایندٕ آسنگ تہٕ عرفان

ہلاکژٕ متعلق زانٛنچ خاہِش باوٕ بہٕ آس أکِس اردٔلِس ستی ایس ایچ اوصاٛبنِس کمرس

تام واتناونہٕ۔

ایس ،ایچ ،اوصاٛب اوس سبٹھا رعب دار تہٕ لاابالی نفر باسان۔ مےٚ یتُھے

تعارف کرنوو تہٕ مُدعا بیان کوٚرتَس ووزلیِیہِ کنہٕ فرژٕ تہٕ سُہ لوٚگ وننہِ۔

''باوٕر گمتی یِم چتلہِ والی اخبار والی۔ پتی مٕن وُہَن وٕری یَن موٚ دلوکہٕ لچھا

بیٚتہِ ووٚنی خبر کیاہ ژھٕر کھانٛژ اتھ معاملس''۔

''شخص سوٚ اوس بندوقہٕ واللہن ہنٛز لڑائی''۔ مےٚ پروژھ نیزمی سان۔ یہِ

عرفان چھُنا عام شہری اوسمُت۔ ووتھ وون اُمن پسند نوجوان یُس پلُسن ہر دمرد

زاٛنتھ ماٛنتھ گوٚلی لاٛیتھ موٚر''۔

''اَسہِ چھےٚ پتا تو ہہ پرِیس وٲلی تہٕ چھِوٕ تمہِ سیاسی شطرنجہٕ کی مُہرٕ یتھ منٛز اَسی

لبتھ ناونہٕ یوان چھِ۔ باقے یہِ چھُنہٕ کانٛہہ زانٛتھ مانٛتھ مارنہٕ ینگ معاملہٕ۔ تمہِ

دوہ اوس احتجاج چلان فسادٕ اوس برپا سٲری اَس توڑ فوڑ کران اَکھ نفر مود تمو منٛز ے

ییٚلہِ کٔمی تام ہجومہٕ منٛزٕ گوٗلی چلاو تہٕ پُلسن بچاو کران گوٗلی چلاو''۔ ایس، ایچ، او

صاب گوٚ وُتاولی سان ونان۔

مےٚ کوٚر جوابَن عرض جناب دپان ہجومہٕ منٛزٕ یوسہٕ گوٗلی چلییہِ سو اَس توہہِ

آمٕژ تُہی گتھ ہسپتالَس منٛز اَسودٕ اَخل۔

وونی اوس ایس، ایچ، او صاب پوٗرٕ وٕ شلیومُت تہٕ سُہ لوٚگ وننہِ

''خو داین کوٚر سہل پھیکہِ پیٹھی کنٛہ ژٕج گوٗلی، چھو کھ آونہٕ چھِہی ہش آیہِ

اَوے پھونہٕ ہسپتال ایڈمٹ سپدُن''۔

''یہِ اوسا پسٹل فائیر کنہٕ..........'' مےٚ پروژھ در جواب۔

''بلکل پسٹل فائیر'' تمی وون فورن تہٕ ستی ڈاجن گتھ لوٚگ وننہِ۔

''یہِ عرفان اوس نہٕ کانٛہہ بے گنا شہری تَس اَسی کاڈی وُڈان۔ سُہ اوس وانہٕ

پیٚنچن پیٹھ سرکارَس تہٕ پُلسس خلاف پروپگنڈا کران۔ سُہ اوس تُہند تنخواہ دار

وظیفہٕ خوار اَوے تہٕ چھےٚ یمہٕ سارے جمانٛژ اَتھ معاملس تُلانٛی کران۔ تمن چھُ

نشانہٕ صاف وردی پوٚش بدنام کرٕنی کم ہمت بناوٕنی یتھ تمِ افراتفری تُلن یہِ خوش

گرٕ ھبکھ تی کرن۔ کینٛہہ اخبار وٲلی تہٕ اپوزیشن تہٕ چھےٚ تمن ستی رٕلتھ، توہہِ پزٕ

یُہند یہ منصوبہ سمجھُن ............''۔

ایس، ایچ، او صاٮُبس اَس وونی پورٕ شاٮ۪ستی کھوٚژمُت تہٕ سُہ اوس یاتہٕ کمرٕ منٛزٕ نیرُن یژھان یامےٚ کڈُن یژھان۔ مےٚ ہیوٚژ وینٛہ کیاہتام پرُژھُن مگر تمی دیُت کتھِ ٹکھ تہٕ وونُن۔

''مےٚ چھےٚ واریاہ کاٚم یوٚہے اکھ معاملہ ماپچھُ۔ ہرگاہ توٚہہِ ینٛہ کینٛہہ پرُژھُن آسہِ توٚہہِ پیو بدل کُنہِ دوہ، وبسے چھُنہٕ اَسہِ اَتھ معاملس پٮ۪ٹھ میڈیہَس ستۍ کتھ کرٕنک دسگاہ''۔

ایس، ایچ، او صاٮُبُن گیر گژھُن ژبتران دراس بہٕ کمرٕ منٛزٕ نبر۔ مےٚ اوس وونی اَتھ معاملَس کیاہتام پن ہیوٚ اَتھِ آمُت مگر کُنہِ اَخری نتیجس پٮ۪ٹھ اوسُس نہٕ ووتُمت۔ اوٕ کنٕ روٗدُس بہٕ برابر کوٗشِشہِ منٛزٕ۔

کمے دوہہ گژھتھ دیُت مخالف درچہِ پارٹی سول سیکریٹریٹس بروٛنٹھ کُنہِ تہِ اَتھ معاملَس پٮ۪ٹھ دھرنا۔ یہِ مسلہِ ووٗتھ اسمبلی منٛزٕ تہٕ ہنگامہ سپدٕن پتہٕ کوٚر مخالف ڈٔری اَتھ پٮ۪ٹھ واک آوٹ۔ سرکارن کوٚر مجسٹریٹہٕ ہنٛدِ ذٔسی تحقیقاتُک تہِ اعلان۔

مےٚ کٔری ایس، ایس، پی صاٮُبس، ایس، ایچ، او صاٮُبس تہٕ عرفان نِس گامَس تام اَکس رٮ۪تس منٛز واریاہ پھیرٕ۔ بہٕ ووتُس نہٕ وُنہِ تہِ کُنہِ حتمی نتیجس پٮ۪ٹھ حالانکہِ معالجِ تیہہ باسیم پرتھ ملاقاتہٕ وزِ پرانہِ کھوتہٕ ہیمۍٚ۔

''راتھ اوس ایس، ایس، پی صاٮ۪ب بڈ ریلیکس بہٕ وُچھتھ آس پانسے ستۍ اسُن

''دوپُن ووِنی ہکہٕ نہٕ بہٕ اَتھ معاملس پیٹھ کینٛہہ وٕنتھ۔ مجسٹریٹ چھُ تحقیقات کران، بیِن تحقیقاتی رپورٹ، دیِن گواہ گواہی.......... یہٕ چھُ کارِسرکار یہٕ روزِ چلان توٕ ہہٕ تہٕ چھنہٕ زہریابدل کأما کاراکینٛہہ تھٕہٕ تہٕ روز توٕ پکان''۔

ایس، ایچ، او صأبن ووٚن صاف ''انکویری ازٕ آن بہٕ ہیکہٕ نہٕ اَتھ متلق اخباروألس ستی کانٛہہ کتھ کٔرتھ''۔

سلام رأتھرُن وٕطیرٕ تہٕ باسیوٚ مے أزچہٕ لٹہٕ بدلیومُت۔ تٔمی دِتی بیٚیہٕ وبداکھ تہٕ ووٚنُن۔

''گوبراکھ اکھ ساتھ چھُم اکھ اکھ قیامتھ گژھان۔ أتی چھُم برونٛت گژھان آو عرفان ژاو ہوکیا برٛکزی۔ تُجبن المارمنزٕ کتابہٕ بیوٚٹھ لبہٕ ستی لیکھنہٕ تہٕ أتی چھُم یاد پہواں یموے گنہگار اَتھو ہے مزار بلہٕ ڈاین گزن تل سوو۔ سُہ کتہٕ بیٚیہٕ واپس یو ہے عالم چھُس ماجہٕ ہُنٛد تَس سو تیو ونی وٕدی وٕدی أچھَن گاش۔ صبحس تہٕ شامَس چھےٚ باکہٕ ژھٹان میانہٕ عرفانو میانہٕ یوسف جانانو ناد ہے لایہٕ پتو.......... وَپھ سُہ کتہٕ بیٚیہٕ''۔

مےٚ أس تاہم یتھ کتھِ پیٹھ رژھاحأرأنی زِ سلام رأتھرا وس نہٕ ووِنی پُلسہٕ طرفہٕ ایف، آئی، آر درج نہٕ کرنس یا سرکأری ظُلمس متلق سہل سہل کینٛہہ ونان تہٕ راتھ تہٕ ووٚن نہٕ تٔمی کہنٛژ۔

عرفانہٕ گرِ نیران اوس گامہٕ نبرٕ گنہِ مےٚ عرفانُن سُہ نوجوان دوست بُتھِ

پیۆمُت تیمۍ گوڈ نِکہٕ ملاقاتہٕ وِزِ میأنِس کتھ ٹُلنس تہٕ دِلہٕ ہند بن اخبارن ہندِس وطیرس پیٹھ سخت ناراضگی باوہٕ ڑ اُس۔ راتھ ییلہِ سُہ مےٚ سمکھ سُہ اوس تمہٕ وِزِ تہٕ نارونار۔ مےٚ خلاف نہٕ اخبارن خلاف تہٕ نہٕ پُلسَن خلاف تہٕ نہٕ سُہ اوس سلام رأتھرَس خلاف نارونار تہٕ تہنٛدِ ناوٕ باہ باہ ترکھ ناسزا ونان۔

"أمِس بڈَس گژھِ زندے جہنم ییُن۔ بدبخت وزیر کیا آس گرٕ۔ زہرا دیتنُس روپیہٕ لچھ تہٕ کوٗرِ نوکری آڈر بوٗلی بدلاوِن ایف، آے، آر درج کرناونچ کتھے کھٔیین۔ پُلسَن تہٕ دبوو معاملہٕ۔ أسی ساری لوٗکھ گرنی پونٹل تحریکہٕ واتنووٗن ددارٕ بُتھ دِنی لایکھ تھاوِن نہٕ۔

تہنٛد کلام بوزِتھ گوس بہٕ تہٕ حأران تہٕ سکوٹرس لتھ لٔدِتھ آس سیٚودٕے گرٕ تہٕ بیوٹھُس سٹوری لیکھنہٕ۔ اماتوہہٕ چھٹی لیکھان باسیوم مےٚ یِزٕ نہٕ یہٕ سٹوری سوزِنی۔ یہٕ چھےٚ میأنِس وجودَس سنیمژ، ییوست گمژ ییتھ کنہٕ بندوقہٕ دراہژ گوٗلی جسمَس ترِتھ گژھان چھےٚ۔ بہٕ رژھراوِ پننہٕ وجوٗدک یہٕ چھوکھ سِرٕ سان پانسے ہتی تو تام یوتام بہٕ یَتھ بے پرُسان پتھرِ منز زُوان روزٕ۔



# کوچھِ بوچھِ

تس اوس ووٚنی واریاہ کال پتھٕنس کُٹھِس منٛز کُنی زَنہٕ گوٚمُت تہٕ ؤدی ؤدی اوس تس اۆشہِ تہٕ عرقہٕ سرٛان گوٚمُت۔ اَس تہٕ سواز صُبحہ پیٹھے زَن تہٕ غمہٕ کِس سہلابس منٛز پیٚر گاٚمُت۔ امایوٚت یوٚت شام سپدان گوتیوٚت گوٚ تَس دِلس پیٹھ یہِ بار ہُران تس اوس باسان زِ تَس چھُ کلہٕ پھٹنس تیار تہٕ اوے ییٚلہِ سو نماز پرٛنکہِ ہِتہٕ پتھٕنس کُٹھِس منٛز ژایہِ تس لوٚگ اَچھو کُنی ناگ وُزنہِ۔ نمازتہِ پُرتمہِ اماٚسجد کیور کوٚعس منٛز اَسس بار بار شامہٕ ہوکھ ہِنٛز شکل بروٚنٛہہ کُن یوان۔

تس اوس پے زِ تسنٛز ہَشہِ راجہ آپس تہِ چھُ اَندری کوٚران تہٕ تَس چھےٚ تہنٛز بیقرٲری تہِ فکرِ ترٛان ووٚن گوسواٚس نہٕ تَس ستی تہِ اتھ معاملس پیٹھ کانٛہہ کتھ کرٕنی پژھان۔ تہِ کیازِ اَمہِ ستی آسہٕ تَس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ زِرکہٕ تہٕ پامہٕ ضرور بوزنہِ۔

مختہٕ نہِ باپتھ آسنہٕ پامہٕ تہٕ زِرکہٕ کانٛہہ ٲوکتھاہ۔ تس گیہِ ؤری داہ مرِ خاندرس تہٕ دوٚیہِ ترٛیہِ وُہری پتے گوٚیہِ دلہٕ وانٛزل شروع۔ ہرگاہ تس کانٛہہ کاٚم کرنس ہکبتھ ییہِ نہٕ گرٕباٚژ چھس وناں مربس کُس یہٕنٛد پرواے کرِ۔ کُنی چھےٚ ہُنٛیمٕز تہٕ شوٚنگتھے تےِ روزِ چلبس۔ ووٚنی ہرگاہ سو کُنہِ کامہِ کُنہِ معاملس کاٚنٛسہِ ستی لینس دینس سٕنٛ

چھےٚ ہوٚان، تیلہٕ تہٕ چھِ یمے باٚژ بدل آیہِ چھوکن نوٚن تراوان۔

"کتھ بی چھکھ کھٔشری پاجامن منٛز زنگ تژاوان۔ تمہٕ آسان عیال جنجالہٕ واجنہٕ اِدتھنٛدی باپتھ کران تن تیرہ۔ یمن ژےٚ ستی خاندر کوٚرُکھ تمن عیالہٕ بوٚک۔ اِدٕ اَسہٕ اٚنی نوشالیس بُتھس کیھوڈٕ مبس نحوست پشپان چھےٚ۔"

مختہٕ چھےٚ پرٛتھ بتھس موقس پپٹھ ٹنٛی قیامتھ سران آمٕژ۔ واریاہہٕ پھِرٕ گیہٕ سوٚ واٚرِ روترٲ وِتھ یہٕ زاٚنتھ زِزانٕہہ ہیہٕ نہٕ واپس ناوپوٚ زکےٕ دوٚہی گوس خاندارزارپار کوٚرنس تہٕ اٚنِن واپس۔

اتھ خوفناک تہٕ عذاب دہ ماحولس منٛز اوس یہ تسُنٛد خاندارے یُس تس اَتہٕ روزنس پپٹھ آمادٕ ٲرِتھ اوس۔ تس تہٕ اوس مائلی ماجہٕ واریاہ پوٚ رمُت زِدِموختس موکجار یتُھ تم بدل نوش اَنن تہٕ مرس ژونگ دزٕنچ سبیل گژھِ۔ اماٚمی اوس پرٛتھ وِزِیہٕ وٕنتھ نکار کوٚ رمُت۔ "زِشُری نہٕ آسُن چھُنہٕ موختن خطایہٕ چھُ کردے اللہٰی نتہٕ ہے تم تمام ڈاکٹرن پھیری کاٚنسہٕ وٚون نہٕ موختس چھےٚ کانٛہہ کمی۔ کمی چھےٚ یاتہٕ مےٚ نتہٕ میاٚنس تالیس"۔

خاندار سُنٛد یوٚہے وفا اوس موختس آمادٕ کران زِسوبوزِ ہَشہٕ ہیٚہر ہنٛز، زام زاٚمین ہنٛز پامہٕ تہٕ کرِ صبر۔ دپھ شام ہوکھر ہنٛدی معاملن اوس تس تیوٚت دوتہٕ دوتہٕ کوٚرمُت زِ تس اوس باسان پان ازحد کھوتہٕ تہٕ زیادے بےبس تہٕ مجبور۔

ترٛےٚ وٚری بروٚنٛہہ ییلہٕ شام ہوکھر زاٚمژ اٚس گرٕ کھوسارِوے باٚژ واٚس

خوٗشی مناوٕہٕ ۔ موختن اوس خوٗدالیس موٚنگمُت سو گژھہِ نہٕ ژھوٚ روٗس مرٕنۍ تہٕ سو
ٲس کمہِ تام مارٕ متہٕ شامہٕ وٕژھر رچھنہٕ تہٕ لولہٕ متہٕ لاے کرنہِ یِمٕہٕ ۔ موختنہٕ ہشہٕ
راجہِ آپس ٲس خوٗشی زِ دودچ شام گاو یوسہٕ تس بڑٕ ٹاٹھ ٲس تہٕ یوسہٕ ووٚنی بڈٕ پمٕہٕ
ٲس تیٚسنٕز یہٕ وٕژھر بنہِ دون ترٛن وٕرین منٛز تژھے دودٕچ گاو تہٕ واریاہن
وٕری یَن روز گرس منٛز دودٕ برکت چلان ۔

تَس ٲس بجہِ گاوہنٛز امہِ کِنۍ تہٕ گارے ۔ سو ٲس سبٕٹھاہ سودتہٕ دوہس منٛز
ییٚژ ھپھرٕ تہٕ ضرورت پییہ ہے سو ٲس تس چاوان ییٚہٕ ٲس شکم دار روٗ زِتھ تہٕ برابر
دود دِوان روزان یوٚ تام زِ راجہ آپہٕ وق نزدیک واتنس پیٚٹھ یورے وُچھن
تژاوان ٲسس ۔ راجہِ آپس ٲس شام وَژھرِ منٛز یم ساری وصف موجود آسنٕچ
آش تہٕ اوے ٲس سو زبنہٕ گرِ پیٚٹھے ٲمس سبٕٹھاہ لولہٕ متہٕ لاے کران ۔

ہشہِ نوش ہنٛز تژ ایہٕ وُچھتھ اوس نہٕ گرک مالک تہٕ موختن ہیٚہر بابہٕ نبہٕ وٲنۍ تہٕ
ٲمس وٕژھرِ پلالہٕ کرنس منٛز کانہہ واے بران تہٕ وٕرین جوراہن رٕچھ تِمی یہٕ وٕژھر
سو دلہٕ تس وٚوتھ گھاسہٕ لوٗنۍ لوٗنۍ تہٕ کِکر تھٕلی تھٕلی اتھن دالہٕ ۔ راجہ آپنہٕ تہٕ موختہٕ منع کرنہٕ
پتہٕ تہٕ ژھٕنٛز تِمی بڈٕ گاو سبحانہٕ قصائیس کُنِتھ یتھ سورے خٕچ پھل تہٕ فیڈ شامہِ ہوکھر
واتہٕ تہٕ سو جلد جلد شکم داررو زِ ۔

اماییٚلہِ ہوکھرِ زِڈایہٕ وٕرِش وٲنتھ تہٕ شکم دار روزنہٕ نبہٕ وٲنۍ لوٗگ تَس ووہوٕنہِ
تہٕ بدر دونہٕ ۔ حق چھ راجہ آپن تہٕ کوٚرُس ءکرِٕ پھرِ اتھ پیٚٹھ وادا ماموختس اوس پرٕتھ

وِز باسان زِشامِ ہوکھر بدردئِنتھ تہٕ وۄہوکڈِتھ چھُ زَن نبہٕ وأنی تُسی ہانٹھ آسنس پیٹھ ہاڈھ پھُٹراوان تہٕ زرکہٕ دِوان۔

یتھُے نبہٕ وأنی موختس تھی ونان اوس شام وژہر '' دالہٕ ؤ سنے، وولہٕ ژٕ تہٕ دِمتھ سبحان قصائیس۔ یتھ گرس پینکھ ژٕ تہٕ پھشلے۔موختس اُس ہیرِ بونہٕ سأری سے پانس زَن تہٕ سُسر لگان مگر سو اُس نہٕ نبہٕ وأنس تھی کہنی ونان۔ وون گوٚ وہشہٕ تہٕ خاندارس ستۍ اُس کتھ کران تہٕ افسوس باوان زِنبہٕ وأنی چھُ شامہٕ ہوکھرِ قصائیس دِنچ کتھ سونچھان۔ خانداراوس اتھ کتھِ کنہٕ ڈول دِوان اماہش اُسس منزٕ تسلا دِوان نا ے بہٕ دِمس نہٕ پیڑ تو ہہٕ تنبلی کرنہٕ۔وُنہٕ پراروس ؤری کھنڈ۔اماہشہٕ ہنزٕ اَمِہ کتھِ ستۍ تہٕ زَن اُس موختس بیقرأری تیزان۔ سو اُس خبر کیاہ کیاہ سونچنہٕ لگان۔

زٕ دوہہ برونہہ شامن بأ گی اوس نبہٕ وأنی جچیر زورِ لمان لمان راجا آپس بتھ تھأوِتھ موختس بوزون وۄنمت۔

'' وونی کوسہ ہوئیچ پیٹہٕ اُمِس ہوکھرِ ژچھ ہے ؤری تارٕ دالہٕ وۄتھ مے یمن ؤری ین گھاسہٕ، لونان لِکرتھلان، ژخ پھل تہٕ فیڈ کوتاہ کھیٚون۔یتھ نہٕ کانہہ شُمار۔ یمن چھُ اَمہٕ کا کنمن خاندر۔جان قِمتھ چھِ دِوان''

خاندار سنزٕ یہٕ کتھ آیہٕ راجہٕ آپس تہٕ زَن لورِ دَب اما خاندار سُنُد خشم وُچھتھ وۄن نہٕ تمہٕ کہنی۔موختن تہٕ وۄن نہٕ یہٕ زأنتھ کہنی زِہرگاہ ہیہر بابس بتھ لگہٕ تمام

پامہٕ تہٕ زِر کہٕ چھےٚ بیٚہٕ بوزنہٕ ۔ تمہِ کوٚ ردَم امایٖلہِ پٔنن کُٹھ شونگنہٕ ژایہِ خاندارس رٕژن کھور زِ مالس ونتہٕ مہ دِن یہ ہوکھر اَمہٕ کاکنٕن خاندرٕ باپتھ۔ کٔنٕی اگر چھس دور رکس کانٔسہِ دِنیس۔اِدٕ اچھودوریہ گرٛھبس تہٕ تہٕ'' خاندارووٚ تھُس درجواب۔

''ببہٕ سُند مزاز چھےٚ پتاہ۔ سُہ گوٚ ونہٕ یورُک مانن وول۔یہِ راوِنہٕ نُے ٹٔلۍ اَژِ کتھَن ژورن زُو۔ مَتہٕ سَن تہٕ ژ اَتھ یہ شام ہوکھر یہ ازلوِ تہٕ لوِنہٕ پگاہ۔ ازیہِ اَہنٛدِس مازس حرٛار چھُ وٕری گرٛھتھ روزِنہٕ تہٕ مہ کھال پانس شاسٔتی۔ ووٕنۍ گرٛھے بُلڈ پریشر ژوٚرتہٕ پتہٕ چھُ پھیرُن ڈاکٹر وانن''

موٚختس یوٚ دوٚے خاندارس پٔتھ پورٕ پرٛھ چھےٚ اَمہِ وِزِ باسیووتَس سُہ تہٕ زَن تَس نبہٕ وانٔی پأٹھی کتھ پلہٕ ناوان تہٕ ونان زِ ژےٚ تہٕ چھُے وٕری وٕری وسان تہٕ مول چھونان ۔تس آیہٕ نہٕ راتس ہندرِ زولہٕ ۔ گرا وُسس دھیان یوان زِ شام وَ ژھرنیہٕ خاندرٕ والبوٚ تہٕ کوٚرہس واز وان ۔گرا باسیوس بُجرس مٔز خاندار نرٕ تھِتھ گرٛتھ یہ ؤنتھ گرِ مٔز کڈان زِ بہٕ کتِہ انہٕ تم دیاریم ژےٚ بیماروانس چھی لگان۔ گرا اَنٛج سوچنہٕ اُمس ہوکھرِ چھُ توتہٕ کانٛہہ خریدار ۔کانٛہہ نِیس، کُنہِ لگہِ ، کانٛہہ کھیٚیس ۔مےٚ ہرگاہ کوٚٹھ روزنہٕ مےٚ کُس رٹہِ پانس ستیٚ ۔کُس دِیم نکھ''

ازصُبحأے ینہٕ نبہٕ وأنی شام ہوکھر رز کوٚ رہتھ اَمہٕ کاکنٕن حوالہٕ کرٛتنہٕ اُس موٚختہٕ پیاپے گیران۔ مٔزی نظر اہ تتھ خألی ووٕبس دِوان ییتِھن شام ہوکھر گنٛڈتھ آسان اُس تہٕ گراہ نظرِ آسمانس کُن تِلِتھ خبر کس خبر کیاہ کیاہ گراوٕ کران۔

دوہلہِ یِیلہِ تمہِ دانس پیوودانچہِ اۄ گنٕز رٕیہہِ منٛزتہِ أس تس زن تہٕ شام ہوکھر کھنڈٕ کھنڈٕ کران باسان۔ دوہلہِ گٔرۍ اَمہِ کاکنٕوتہِ ترٛنے پھیرٕ زِ شامس کھیہِ زبو سأرۍ ازبتہٕ پھۄل أتی۔ گوڈٕ یِن مردتہٕ پتہٕ زنانہٕ یُتھ تم راتس تٔتی روزن تہٕ ونٕوٚن کرن۔

شام نزدیک یِنس ستی گٔیہِ تَس بیقرأرۍ ہُران تہٕ یتھٕے مردگرٕ دزایہِ سوژایہِ پٔنٕن کُٹھ تہٕ ژھٕچِن باکہٕ۔ یہِ زأنتھ زِ ووٚنی آسہِ نہٕ وأنۍ آمُت تہٕ ہرگاہ سوالگ کُن پیٹھ لتس یِیہِ ییٚہِ گتھِ پَن تُلنٕگ موقہٕ۔ سوٚ ژھ یون تہٕ چھوٚلُن بُتھ۔ سوأس باتھ رومہٕ نیران تہٕ یورٕ اوس نہٕ وأنۍ اَژان۔ تَس کُن نظر پوانے وۄتھ سُہ آشنہِ کُن۔

''بڑلزتھ اوس گومُت أمس ہوکھرِ ہنٛدِس مازس۔ بلایہِ گاسہٕ لونتھ تہٕ لِکر تھٔلِتھ ہرگاہ مےٚ اتھن آمُن تہٕ آوٕ ملی محلس آولزتھ۔ ؤتھو توہہِ چھونا گرٛھن یِم چھوٕ پژاران۔ سارے محلہٕ چہِ زنانہٕ چھےٚ سمیمٕژ''۔

یہِ بوٗزِتھ آیہِ موختہٕ پٹھر لاینہٕ تہٕ سوٗچ ییٚہِ آسمانس کُن وُچھتھ خبر کیاہ کیاہ سونچنہٕ۔



# وہرِ وآر

شیٚخ عبدالکریم اوس پننِس بُڈِس آنگنس اکِہ طرفہٕ کوٗنس منٛز کُرسی پیٹھ بِہتھ۔ یوٚ دوَے آنگنُک باغ درٛ منکہِ سبزارٕ تہٕ پوشہٕ گُلن تہِ ایور گرینن ہنٛدِ جہارٕ سبٹھاہ لۄبہٕ وُن باسان اوس پوٚز عبدالکریم اوس سکھ ودأسی بروٚنٹھہٕ کنہِ اوُسس ٹی پایس پیٹھ أزُیک اخبارتہٕ اَتھ ہستی اکھ عدد ریڈیو تہٕ موبائل فون تہِ۔ ازکل أسی یمے ترٛیٚے چیز تہٕندی مستقل ہمراہ تہٕ ساأتھی اوے سُہ پیٚتھن تہِ بہوان اوس یم ترٛیشوَے چیز اوس ہستی پکناوان۔

أزُیک دوہہ تہٕ أزُیک اخبار دوٚشوَے أسی تہٕندِ باپتھ خاص۔ تمیٚ اوس راتھٕے اَتھ اخبارس اکھ اشتہار دِیتمُت۔

"In loving memory of Sara Begum"

تمیٚ ییلہِ ازصُبحأے اخبار روٗٹ گوڈٕ ترأوٕن أتھی اشتہارس پیٹھ نظر عبارت أسی۔

"چانہِ جُدأیی ہُنٛد غم چھُ مےٚ پرٛتھ ژہہِ کوٗران۔ مےٚ چھےٚ پرٛتھ ژٕ آسکھ رٕتِس عالمس منٛز دَپھ بہٕ تہٕ میأنٛی دوٚشوَے شُری چھِ چانہِ جدأیی ہستی پیٚتی موٗترٛیو وُری یو پیٹھٕ بیقرار"

تصویر ہتھ یہِ اشتہار وُچھِتھ کُملیہِ عبدالکریمس اُچھ مگر اَتھ دیُٹن درِ تہِ کیازِ مَنس منز وُتھس یہِ سوال تہٕ زاتھ عبارٕ ژمنز کوتاہ چھُ خلوص تہٕ کرٕ ادغل دوستی۔

پانےلوٗگ پانس جواب دِنہِ۔

"پوٗ زے چھُ تنہِ چھُس بہٕ پرٕ ژھیوٗن تہٕ بیقرار ینہٕ سو ییمہِ عالمہٕ دژلیہ۔ پوٗ زے چھُ شُر بن چھُ ماجہِ ہُنڈ راوُن کریوٗٹھ عذاب مگر یتہِ چھُ پزرِ زاخبارس دیُت مےٚ یہِ اشتہار سارٕ نہٕ مایہِ بجایہِ شُر بن تسلادِنہٕ خاطرٕ یا اَنگن اُشناوَن ہاونہٕ خاطرٕ"۔

"نگہت لالن آسہِ صُبحٲے نٹس پیٹھ اخبار وُچھمت تسلا آسبس گوٗمت پاپس چھِےٚ وُنہِ ممی ہنٛز ماے۔ پتہٕ آسہن ماجہِ فاتحہ سوزمُت تہٕ یہِ اشتہار خاندارس فخرٕ سان ہووُمت۔ حالانکہِ مےٚ اُس راے اخبار وُچھتھے کرِ مےٚ تہِ فون۔ خاٚر کرِ ماژ یرِ تام تتہِ چھنا سعودی عربہٕ ہسپتالن منز ڈوٗٹی ہنٛز بڈٕ پابندی۔ خبر کُس شفٹ آسکھ ازٕ"۔

نگہت لالن خیال ینہٕ ستی گوٗ وعبدالکریم وارٕ ے مغموم۔ زِٹھس اولادٕ سُنٛد چھُ زیادے پہم وَسہِ آسان۔ نگہت لالہ پرنٲوتٔمی ولایتہٕ ڈاکٹری۔ یوٗ تام سو کورس مکمل کُرِتھ آیہِ توٗ تام اُس سارٕ ییمہِ عالمہٕ دژ اَمژ۔ عبدالکریمس اوس خیال وُمر ہنٛد بن یمن کرِ تھن دوہن منز میلہِ تَس کورِ ہُنٛد سہارٕ مگر کمِے کاٗلی ژبتر تٔمی زِ کورِ ہنٛز چھےٚ۔ کس تام سنٛیر ہم جماعتس ستی سرٕ وٗ زکرِتھ آمژ تہٕ تَس چھےٚ سعودی عربہٕ جان نوکری میچھمژ۔ چارو ناچار کوٗر تٔمی تالہِ پیٹھ وُہوٗن نارٹوک والنُک سَنٛز تہٕ کوٗرن تس

تہنز مرضی مطابق خاندر۔ خاندر پتہٕ رٕتھ جوراہ گژھتھے نیہ خاندارن نگہت لالہٕ تہٕ سعودی عرب تہٕ ووٕنی چھِ تم دوٚشوٚے بس دویہِ ترٛیہِ دوہی فونس پیٹھ خبر اتر پرژھان۔

عبدالکریم اوس نگہت لالس متعلق سونچانے زِ ٹی پایس پیٹھ موجود موبائل فونچ بیٖل بجییہِ۔

تمیٚ کوٚر ہیلو۔

''السلام علیکم پاپا''

''وعلیکم السلام کہو بیٹے کیسے ہو''

''میں ٹھیک ہوں پاپا آپ ٹھیک ٹھاک ہیں نا''

''ہاں میں بالکل ٹھیک ہوں''

''پاپا میرا فائینل سمسٹر کا امتحان کل سے شروع ہوگا۔ نیٹ پر اخبار دیکھا ممی کی بہت یاد آئی۔ پاپا مجھے معلوم ہے آپ بھی......''۔

''نسا بیٹا بہٕ چھُس ٹھیک ژٕ وَن ایم بی اے موکلاوِتھ کیا چھُ پروگرام''

عبدالکریمن پرۄژھ پننہٕ کفیتھ ژور تھاوان۔

''پاپا اکھ ملٹی نیشنل کمپنی چھُ اَن Campus مںٛ جاب آفر کوٚرمُت۔ کمپنی چھےٚ وارِیاہ اصل تہٕ ہرگاہ مےٚ کاٗم کرنک ویزا میول تیلہِ مان تہٕ چھُس بہٕ تام یپاٗری۔ اور ییتھ تہٕ کیاہ کرو۔ اَتہِ ماچھ ایونیوز''

انیس صاٮ۪بن وۄن پٔنٕن ابر اد دلیل دِتھ۔

''اَدٕ سا بیٹا امتحان گژھ ِ دیُن ٹھیک پأٹھی۔ بہہ خودا یس حوالہٕ''

نچوٚی سُند پلان بوزِتھ تہٕ ٹیلیفون ترٲوِتھ پیٚیہِ عبدالکریمس بیٚیہٕ اخبارس تہٕ اتھ منٛز دِتمتِس اشتہارس پیٹھ نظر۔ وۄنی اوس سُہ زیادے ودٲسی تہٕ ہے بنگہٕ سوٗنچان اوس کۄتاہ خود غرض چھُ یہِ دُنیا یاہ۔ مرن وٲلِس پتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ مران۔

ودٲسی ہٕندِس اتھ عالمس منٛز زَن تہٕ دیُت عبدالکریمس پتھ کالن ناد۔ تَس پیٚو ویاد سُہ دوہ ییلہِ تَس مالِکی ماجہِ سارس ستی خاندر کریوو۔ پسندٲس جنتی بَبس ماجہِ ہنٛز تہٕ تمی کریو اَمنا صدقنا۔ تمن دوہن اوس سُہ گریجویشن کٔرِتھ نوکری ہٕندِس تلاشس منٛز۔ سارٕ اُس نیم خواندٕ، سیٚو دساد گامہٕ کۄر۔ عبدالکریمس باسیوو گوڈنچی رٲژ تَس منٛز خبر کیاہ کیاہ پرٕگی پوٚز زمائلس ماجہٕ ہنٛز مرضی خلاف کانٛہہ کتھ کرنٕک اۄنُن نہٕ ہِمَتھ۔

سارُن سِتارٕ پیو عبدالکریمس پیٹھ جان، تَس میج جلدے اصل نوکری، بنیو و بلاک ڈیولپمینٹ آفیسر تہٕ پتہٕ دٔویہِ تریہِ وُہر اسسٹنٹ کمشنر۔ وۄنی اوس نہٕ تَس کانٛہہ عبدالکریم یا کریمہ ونان بَلکہِ اُس ساری تَس صاحب ونان۔ یوٚ دوٚے سُہ گوڈٕ پیٹھے نفاست پسند اوس وۄنی بدلیوو تمی سُند وۄتھُن بِہُن تہٕ چال ڈال۔

سارٕ تہٕ اُسی سیٹھاہ خوش زِ سوچھے صاحبس باگہِ آمٕژ۔ اۄتام اُسی تَس خودا صاٮ۪بن بیٚاکھ یٲری تہٕ گرٕمٕژ۔ اَمی ؤری یہِ زایہِ تَس نگہت لالہٕ۔ عبدالکریم اوس یاد پاوان زِ صاحب بٔنِتھ کٔژاہِ پھِرِ ونیوو تمی سارس۔

”گرِ کأم تہٕ شُری رٕچھن ہے گوپوٚزِ ے مگر اَمہِ خأطرِ ہکھو کھ اُسی نوکرتہٕ تھأوِتھ اَسہِ پیٚیہِ ووٗنی شُربن ہِنٛدِ موکھہٕ شہرِ تہٕ مکانہٕ رٔژھا بناوٕنی مگر ژٔرے پیٚیہِ بدلُن ۔ خاندارنہٕ ہنٛز اکھ اہم ذمہ دأری چھےٚ خاندار سُنٛد من رنز ناوُن تہٕ ۔ اماسیوٚ د ساےٚ سارس نہٕ تہٕ گامہٕ تہٕ نہ شہروأتتھ یہِ کتھ فکرتہٕ اتھ پٮ۪ٹھ عمل کرنٕچ وأژنہٕ زانٛہہ وأری۔

دوٚیم اولاد زٔبنہٕ باوجود رود عبدالکریمُن من اَتھ سلسلس منٛز دوہے برژھ وُن ۔ تمہِ دوہہ اُس تَس زیادے تشنگی تہٕ وُدأسی نال وَلان ۔ییمہِ دوہہ تَس دفترٕ یا کُنہِ تقریب منٛز خوبصوٗرت تہٕ ماڈرن زنانہٕ ستی کتھ کلام کرنٕک یاوق گذارنٕک موقہٕ اوس میلان ۔ تِتھنے موقن پٮ۪ٹھ اوس گرٕک ماحول خراب گژھان تہٕ سُہ اوس سارس زرٕ کہ پٮ۪ٹھ زرٕکی دِوان ۔ یہِ تناتنی گٔییہِ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُران تہٕ سارٕ یوسہٕ صحتہٕ رٕنٛزی گوڈٕ تہِ ٹھبابے اُس گٔییہِ اَمہِ ستی پتھ پتھ گژھان۔

تشنگی تہٕ بیقرأری باوجود سوچنٕچ نہٕ عبدالکریمن زانٛہہ سارس موکجار دِنٕس متعلق ۔تس اوس یہِ وُچاےٚ خیال مُنزی ذٔہنس منٛز یوان پوٚز یہِ احساس اوسُس اَتھ لارکرناوان زِسُہ چھ گوڈٕے کورِ مول سپُد مُت ۔ یِتہٕ اوس سوٗنچان زِ سارُن سِتارٕ پیوو تَس پٮ۪ٹھ جان خبر چھاادلہٕ بدل کرنہٕ ستی مایہ وَدل۔

سارس ستی گذأرِمٕژ جوأنی ہِنٛدِ بن دوہن پھیٚر دِوان اُنٛج عبدالکریمس اوٚشِس دأرمگرٕ ستی باسیو تَس ؤٹِس ڈون واجینٛز سلیمہٕ چھےٚ ووٗنی دروازس تل

وأ ژمژ تہٕ تَس گژھنہٕ یہ ٚکفیتھ۔ فکر ترٛنی۔ تٔمی کڈ رَ سے چنہٕ منٛز رومال تہٕ کرِ بن أچھ صاف۔ سلیمن اوس صاحبہ سُند حال ژیوٚمت۔ سوٚ أس زانان از چھُ سارُن وہروأ رمگر تمہِ تہٕ کٔر کوٚشش صاحبس دِیہٕ نہٕ باس زِتَس توٚر کینٛہہ فِکرِ۔

صاحبن کوٚر من پتھ کالہٕ نِشہِ پھرِ نہٕ خاطرِ ریڈیو آن۔ اَتہِ اوس یہ کأشر بأتھ چلان۔

زِندٕ روزنہٕ باپتھ چھ مران لُکھ ژٕ مرکھنا

لوٚتہِ پأٹھی چکھا پیالہِ رٕکھو اُف تہٕ کرکھنا

بأتھ مِصر پھران پھران باسیو وعبدالکریمس زِ ووٚنی چھُ آنگنہٕ کس اَتھ کوٚنس تاپھ ووتمُت، تمی تُج کُرسی بیوٚٹھ دوٚیمہِ لنٛدٕ سرِ وٚ گلِس تل۔ ووٚنی اوس تس بُتھ پٔنٛنس مکانس کُن یمہِ کس دروازس نیٚبرٕ کنہِ سلیمہٕ ڈُوان أس۔ سلیمس یتھے صاحبس کُن نظر پیٚیہِ سوٚ آیہِ جل جل تہٕ اوٚنُن ٹی پایہِ تہِ تُلتھ تہٕ تھووُن صاحبس بروٚنٛہہ کنہِ۔ اَتھ دوران پیٚیہِ صاحبس فراق نالہٕ کٔنی تہنٛدِس وٚچھس پیٹھ نظر زَن تہٕ گٔیس دلہٕ دُبراے تیز، پوٚز پٔننی کفیتھ ژورِ تھاونہٕ موکھہٕ تُل تٔمی بیٚیہِ ٹی پایہِ پیٹھ اخبار تہٕ لوٚگ پرٕنہِ۔

سلیمن تہِ ژٕتُر زِ صاحبس پیٚیہِ تہنٛدِ وٚچھکِن قبن پیٹھ نظر، تَس تہِ زَن دژایہِ نار بٔرٕیہہ ہِش مگر تمہِ تہٕ کٔر کوٚشش زِ تہنٛز حالتھ گژھِ نہٕ عیان گژھٕنی۔

سلیمہٕ چھےٚ مولہٕ تلہٕ بنگالٕی کوٚر۔ تَس گٔیہِ وٚری أٹھ مرٕ اَتھ گرس منٛز یوان گژھان۔ تیٚلہِ آسہِ ہے سوٚ مسا شُراہ سداہ وٚرِش ییٚلہِ سارنہِ کمہِ تام وِیٚسہِ سوٚ کأم

کرنہٕ باپتھ اورسوزٕ اے۔

اتھ گرس منز ینہٕ بروٚنہہ ژور پانژھ وٕری اس سلیم بنگالہٕ پیٹھ بیکہٕ محلکی اڈورعلی شیرن ژورِ کنہٕ مٕلی انمٕژ تہٕ اوسن تس ستی خاندر کورمُت، خاندرٕ پتہٕ ترٛیلی وٕہری گو علی شیرمٕرتھ تہٕ پُن تہٕ پننس موصوم شُری سُنٛد نفس پالنہٕ موکھٕ لٔج سلیمہٕ گرٕ گرٕ منزٕ ژٕری کرنہٕ۔

سارنہٕ آورگی کنٛہ اس اَتھ گرس منز واریاہ کأم تہٕ سلیمس آواتہٕ کأم کرنس منزٕ۔ تس اوس اَتہِ نقد وجنس واریاہ بنان۔ اوٚے ترٛ ووتُمٕ گرٕ گرٕ گرٕژھن پننہِ مجبوری روزسو سارنہِ مرنہٕ پتہٕ تہِ اَتھ گرس منز کأم کران۔ یوٚ دوٚے سُلہٕ ژیری اوراژان نیران وُچھتھ اندی پٔکی زنانہٕ تس ہڈان بریڈان تہٕ آسہٕ۔

گرس منز اَسی بیٚیہٕ تہِ نوکر چاکر۔ بتہٕ رننہٕ باپتھ اوس گامُک اکھ لونٛڈٕ۔ صاحبن اوس پننہِ خدمتہٕ باپتھ دفترُک اکھ کلاس فورتھ مُلأزم تہٕ اَتی تھوومُت۔ سلیمہٕ اس زیادٕ پہم گوڈٕ گوڈٕ سارس خدمت کران بیٚیہٕ صفأیی بیترِ کران۔ پوٚز گامہٕ لونڈس کوٚرُکھ پرُس خاندر تہٕ پتہٕ آونہٕ پوٚت پھیرِتھ۔ کلاس فورملازمس تہِ بدلیٚیہِ ڈوٹی ینہٕ صاحب پتہٕ مہِ رہتہٕ ریٹائر گوٚو۔

صاحبن ترٛ ووا اخبار پھرتہٕ تراوِن ورنڈس کُن نظر پیٚتہِ سلیمہٕ ووٚنی ماربلس ترٛژھ دِوان اس۔ تہنٛدِ اکھا اکھ پھش دِنہٕ اس تہنٛدِس وچھس تھترِ اے گژھان۔

صاحبس اس یہ وُچھِتھ دِلہٕ دُبراے تیزان۔ سلیمس اوس فِکرِ تران صاحب چھُ تٔسی کُن متوجہ تَس تہٕ اس اندری زَن تہٕ نارٕ برٛیہہ ووتھان مگرسوٕ اس باس یژھان

دیُن زِ سوچھےٚ امہِ نشہِ لاپرواہ۔ براندس ترٛ ھ دِنچہِ اَتھ کامہِ۔ یتھ سودہ ہدِش بس پانٛژھ منٹ دِوان اُس لوگ تمہِ ازاکھ پہر۔ سو اُس مۆزی ٹلی ٹارِ صاجبس بُتھِس کُن نظر دِتھ شانکان۔ تہنٛدِ دِلُک حال کیاہ چھُ۔ صاجبس اوس ووٚنی بُتھِس ووشلُن۔

تَس اُس سلیمن اکھاکھ اداسبٹھاہ لۆبہٕ ووٚنی تہٕ منہٕ مأنی باسان، سُہ لۆگ سونچنہِ۔

شُر بن ہنٛزِ مایہ یاڈر گۆ وپۆزِ ے مگر تمن چھُ پنُن الگ دُنیاہ تہِ تَس تہِ چھُ وُنہِ زُووُن سُہ کیازِ تُلہِ نہٕ سُہ قدم یُس نہٕ تمُی سارنہِ موجودگی منٛز تُلِتھ ہیٚوٚک۔ تس ووتلیوٚ یہِ خیال تہٕ خوف زِ یُتھ قدم تُلنہٕ ماتُلن تَس لُکھ ٹاوس۔ مگر کیازِ لۆکھ کیا پرٛگی چھِ ازتھاوان تم چھِ ویسے تہِ سلیمٕ نِس یوٚرِینس پیٹھ خبر کیاہ کیاہ ونان۔ خبر کمہِ کمہِ سُسر گُسر چھےٚ چلان آسان۔ یتھے سلیمہٕ اژان یانیران چھےٚ۔ ہرگاہ بہٕ یتھ قدم تُلہٕ یہِ چھُ یمن سارِنے جواب۔

تمُی ترأو ورنڈہس کُن نظر مگر سلیمہٕ اُس ووٚنی ترٛ ھ موکلاوِتھ کچنس کُن پکان۔ صاجبس تہٕ زَن آو نہٕ تاب تہٕ لۆگ تیز تیز کچنس کُنے پکنہِ۔ تس اوس خبر کیا ارادٕ مگر آنگنس منٛزٕ ٹی پایس پیٹھ موجود موبائل فونچ بیل بجیہِ۔ سُہ گۆ وِدُبانبرِ زِ آیا سُہ اژیا کچنس منٛز کِنہٕ واپس نیرتھ کرگوڈٕ فون اٹینڈ۔ اَخر دژ اوسہٕ فون اٹینڈ کرنہِ۔

''السلام علیکم پاپا''

ونسا نگہت بیٹا۔

پاپا تو ہہ کیاز پھر بکھ کھوتمُت۔ آپ ٹھیک تو ہونا۔

''اَہن ساکوریا بلکُل ٹھیک توہہ چھواٹھیکے ،زأہد صأب چھاوارِ پاٹھۍ''۔

''اہن حضٕ ٹھیک پأٹھۍ چھِ اَز أسکھ نایٹ ڈیوٹی توے چھُ وُنی کٔمن شۆنگتھ''۔

''پاپامے وُچھ نٹِس پیٹھ اخبار، پزٕ ے چھےٚ ممی ہنٛز یاد أندری کۆران۔زأہد صأبس تہٕ ہووُم ووٕنی أسس بہٕ پرون البم کڈِتھ تہنٛدِ خاندرٕ کی فوٹووُ چھان''۔

''اہنسا گۆ برایہِ گۆ وکردے اِلاٰہی۔انیس صأبن تہٕ کۆرأ دی فون تٕمی تہٕ اوس نٹِس پیٹھ اخبارُ وُچھمُت۔

بیٚیہِ ماکینٛہہ بیٹا''۔

''ہاں پاپاأسی سوز وجلدٕ ے توہہِ ٹکٹ تہٕ ویزا توہۍ ترٕ وِز ژورر بتھ یوٗ ری۔اَدٕ ساتہٕ وُچھو مگر بیٚتہِ گٔس روزِ، کانٛژھاگۆ ژھرأ چھ باپتھ آسُن''۔

''اتہِ چھُنا ووٕنی سُہ تہنٛدِ دفترُک محمد شعبان آسان''۔

''نسا بیٹا تٔس چھےٚ ووٕنی نُوِس صاحبنہِ گرڈِوٹی''۔

''پاپا تیلہِ روزِ سلیمہٕ''۔

''اَدسا اَتھ پیٹھ سونچو بہٕ ہوکوالیس حوالہٕ''۔

عبدالکریم بیوٗٹھ ووٕنی بیٚیہِ سرو گلس تل کُرسی پیٹھ۔سُہ اوس نہٕ کہنٛہ تہِ سونچتھ ہٮ۪کان۔تٔس باسیو وزن تہٕ سارُن روح تٔس أندی أندی گتھ کران۔

# بُلڈ باتھ

منظوٗر صأبَس ووت واریاہ رٕتھ پریشان۔ یِیٚنہٕ دُرس عالمَس منٛز کاربارَس مٔچھر پأدٕ گوٚ وتَنہٕ چھُنہٕ تَس نہ کھٮ۪ن چٮ۪نَس مزٕ لگان نہ دفترٕ کِس کامہِ کارَس نہٕ گرٕ بأژن ستۍ اٚلوپلو کرنَس تہٕ نہ یارن دوستَن ستۍ کلامہٕ یا مزاق کرنَس۔

ازکل چھُ سُہ سومنہٕ کنہِ وِزِ کلامہٕ کران صرف نٮ۪چوس جان صأبَس ستۍ۔ منظور صأبن یوسہٕ بڈٕ کارباری سلطنت یتھ لوکٕٹس شہرس منٛز قأیم کرمٕژ چھےٚ تمیُک سپہ سالار چھُ جان صأبے۔ جان انٹر پرایزُک چیف ایکزیکٹو۔ شاپنگ مالَس چھےٚ ٹھیک کأم اما پوز ایکسپورٹ بزنَس تہٕ ٹور اینڈ ٹریول ایجنسی دوشوٕنی چھُ مٔچھرن نال وولمُت۔ جان صأبَس تہِ چھےٚ واریاہ پریشأنی سُہ چھُ خلاف معمول مأیلس ستۍ گوٚ برِ تھے کتھ کران۔ تمۍ ونیو مأیلس وقتَس پٮ۪ٹھ رٕتھ اٚتھٕ مرٕ بروٚنٛہہ زِ أسۍ گٔنو وارٕیہَن کمپنیَن ہنٛدی شیر تکیا زِ باو چھُ جان۔ منظور صأبن دِژنہٕ تَس یہِ کرنَس اَتھ وَتھ۔ دوشٕنَس مُتبادل سرگرمی شروع کرنَس لگہِ واریاہ وقت۔ پٲنسہٕ ہرگاہ دِرٕدس روٗدیہِ گرٕشتھِ لِتھی چھٕتی۔ پرارتام ادکٕے کأیلی گوٚ وٕچھر نمودار۔

شیر مارکیٹ ووتھ واریاہ بون تہٕ جان صأبَس گیہِ پریشأنی ہُران۔ تَس چھُ

باسان منظوٗر صابَن ہرگاہ سرکارٕ دفترس منٛز چلان افسری بزنس معاملَن منٛز تہٕ آسہٕ ہے نہٕ ہاوٕمژ تمِ آسہَن امہٕ خسارٕ نشہِ بچھتھ ہیکمتی۔ سُہ چھُنہٕ مائلس ونان کینٛہہ یہِ زٕ انتھ زِ امہٕ تمام کاربارُک اصل روح رواں چھُ سُے تہٕ تمی چھےٚ پوزٕ اپزٕ کٔرِتھ یہِ سلطنت کھڑا کٔرمژ۔ اماتس چھُ کُنہِ کُنہِ باسان زِ منظوٗر صابَس پزٕ ہے وونی امہٕ سلطنتُک انتظام پورٕ پاٹھی تٔسی پیٹھ تراوُن پان، سرکاری ذمہٕ دارین تام موحدود تھاوُن۔ اما منظوٗر صاب چھُ عادت سے مجبور تَس چھُنہ منظوٗر زِ سُہ گژھہِ کاروبارکیو معاملو نشہِ بے دخل۔

جان صاب چھُ مائلس اَمی گوبرِ تھے ازکل۔ ونگو تَس چھُ یہِ پوٗت منظر تہٕ نظرَن تل زِ گامہٕ بسَن وول تٔسند بُڈ بب کبیر صاب چھُ تسندِس مائلس ناراض تہٕ تمن درمیان چھُنہٕ کانٛہہ رابطہٕ۔ سُہ چھُنہٕ تژھ کانٛہہ کتھ کٔرن یژھان یتھ تَس تہٕ تسندِس مائلس درمیان تہِ یژھ ہِش رٕش پادٕ گژھہِ۔ بُڈ بب چھُ جان صابَس منٛزی خاطر پاٹھ پرژھان تہٕ جان صاب تہِ چھُ تَس فون کٔرِتھ دُعایہ خاطر کرنہٕ باپتھ ونان۔

کُنہِ کُنہِ چھُ بُڈ بب تَس مکھولہٕ تہِ کران تہٕ پرژھان۔

''کیا سا بَس چائنس چھا نیندر رٕ ندرا یوان''۔ سُہ چھُنا رٕ اژن دیارن تہٕ دولتس شمار کرانے روزان۔

جان صابَس چھُ یتھ کتھِ پیٹھ رژھا تٔ جب تہِ گژھان زِ شہرس منٛز کروڑ پتی افسر نیٚچو آستھ تہِ چھُ یتھ بجرس منٛز تہٕ کبیر صاب پننہٕ گامہٕ پننہ پینٛچہ پیٹھ

سکونت کٔرتھ۔یتھ پیری مٔنز تہٕ مٔنزی کھٔس راوچھ گرٕشھان تہٕ باقےٚ ژوون نیٚچو بن ستی سیٚو دساد تہٕ اطمنانہٕ بٔرژ زندگی گٔذاران۔تَس چھُ منظوٗر صائبُن تمام ترکاروبار افسری یہ ڈٖپٕزِ تہٕ زندگی وو تل بُجہٕ باسان۔حالانکہِ منظوٗر صائبَس چھُ توٗہُند سخت ملالہٕ۔منظوٗر صائبَس چھُ باسان ہرگاہ وقتَس پیٹھ مالی تَس ساتھ دِژیوو باقےٚ بٲے ستی ہیتھ آسہِ ہے تٔمی نصف کیا سوٗرے شہر مٔلی ہیوٚتمُت۔یِتھ کٔنہِ منظوٗر صائبَس باسان زِ مالی دیٖت نہٕ تَس شہر پراپرٹی کھڑا کرنَس منز ساتھ۔جان صائبَس باسان مالی دیُت نہٕ تَس وقتَس پیٹھ شیرکٔنتھ بارٕ رقم حاصِل کرنہٕ۔امی ملالُک اظہار کوٚر تٔمی از صُبحاے منظوٗر صائبَس ستی کلامہٕ کرنہٕ وِزِ۔منظوٗر صائبَس گوٚو موڈ سخت خراب۔ نیٚچو سُند وطیرٕ وُچھِتھ باسان اوٗسُس از واتہِ نہٕ دفتر گرٕشھِن بیٚیہِ تٔمی از اہم میٹنگ بُلٲمٕژ ٲس۔حسب پروگرام وٲژ دفترٕچ گاڑی تہٕ ڈٖیان ڈٖیان ووت سُہ دفتر۔

تہٕندِ پنہٕ برونٹھے اوس میٹنگ حال بٔرتھ۔تمام سرکل افسر ٲسی حاضر تکیاز میٹنگہِ ہُند ایجنڈا اوس اہم۔کینژَس کالَس چلییہِ میٹنگ ٹھیک پٲٹھی یوتام تٔمی حالے برتی سیٚدی نتی نوجوان سرکل افسرن صائبَس وادکران افسوس بوو زِ محکمہ چھُ ٲبی زمینَس پیٹھ مکانہٕ تہٕ دکانہٕ بناونک اجازتھ دِتھ قومَس مُلہٕ پراٹے کران۔تٔنند وٕنُن زن لوٗگ منظوٗر صائبَس ہرژ نہٕ ترٕس۔

"کوسہ لیٚونی چھےٚ دِنۍ اَتھ ٲبی زمینَس۔ ہرگاہ کانہہ شاپنگ کمپلیکس کارخانہٕ یا کالونی بناوان چھُ جان چھُ کران۔ووٚنی روزیا دوہے ڈورِس منز کانٛھ

کٔرِتھ یُتھ نہٕ زٕڈی پوٗر بس نہ میٹیؠ"۔

منظوٗر صابُن تقریر بوٗزِتھ کھوٚت نو جوان سرکل افسرس تہٕ غُصہٕ، سُہ ووتھ در جواب۔

"یہِ گوٚو مژریہِ گیہِ نہٕ ترقی یہِ گیہِ اجتماعی خودکُشی"۔

میٹنگہِ منٛز شریک باقٕے افسر وٕگرٕ رٕٹہٕ رٕٹھ۔ زِیادٕ پہم گیہِ نو جوان افسرس اَگادِ ہوٚنی چھأو بس وَننہِ لگی۔

"أمِس چھا دفتری آداب پتا۔ وُنہِ کتہ ترٕ أمِس نوزُک معاملن ہُنٛد سوٚن ووٚگن فکرِ"۔

صاحبَس گوٚو جونیر نفر سُند بُتھ لگنہٕ موڑ خراب تہٕ تٔمی کوٚر یہِ میٹنگ نٔوس تأرٕیخَس تام ملتوی کرنُک اعلان۔ سأری درایہِ کنہٕ پھسرا ے کران حالہٕ منٛزٕ نیبر۔ پرٕ بتھ اکھا اوس بیس زن تہٕ سمجھاوان زِ سپُد کیا تہٕ سپُد کیازِ۔ اکھ بُزرگ سرکل آفیسر اوس بیٚیس اڈٕ ورسأتھس سمجھاوان وَنان۔

"دپان صُحبَس چھےٚ پننس مأ لِس ستےٚ اتھ معاملس پیٹھ ووٚمرِ ہر روز مژ تہٕ تٔمی چھنہٕ أمِس پننہِ حِصُق دان زمین کٔننہ دیتٕمٕژ، تٔمی سُند وُن چھُ۔

"زراعت چھُ پایدار" زراعت اوس تہٕ اِدٕ پرنوٚو تٔمی نیٚچو تہٕ بنوٚو ن بوڈ افسر۔ صاحبَس چھُ باسان ہرگاہ وٕقتَس پیٹھ مأ لی مانیوس گامُک حصہ کٔنتھ آسہِ ہے سُہ شہرٕ وُنی کٔہن ارب پٔتی۔ ژٕ مانتہٕ أمی نٔو رنگروٹن یِیلہِ بُتھ پھیٚورس صاحبَس وأژ

مالی سٕنز گتھ بیٚہہ بروٗنہہ کُن تہٕ اوے وولیوٗ"۔

بُزرگ ساتھی سٕنز گتھ بوزِتھ زن تہِ پھوجہِ اڑ ور سرکل افسرس بوٗ کہ، سُہ ژاو پوٚت کھورِ صاحبہٕ سٕندس کمرس منز۔ وونی اوس منظوٗر صاأب پرانہِ کھوتہٕ شانٹ، تٕمی کوٚر مدعا بیان ٕستی تجٕن اُدِچ گتھ بیٚہہ نوٗ آیہ۔

"یمِن تنگ نظرن حض باسان یہِ داں کھاہ بتہٕ خودائے نتہٕ ہے دُنی یاہ کتہِ کوٚر ووت۔"

یہِ بوزِتھ گُملاؤ صاحبن وُٹھ۔ "سو گرژ ھاہ نظرتہِ آسنی۔ منگہِ ناوتو یہِ فایل۔"

اڈور افسر دراو اسان اسان نیٚبر تہٕ وونی اوس صاحب گُنے ظوٗن سوچان، از کیاہ ڈلیل گیہِ۔ گرپھیٚورتَس ازنیٚچو بُتھِ تہٕ منگہِ منز اُی نُولوٗنڈن۔ حالانکہ سُہ چھُ سورُے زووجان ژٹان پوٚز اپُز کران نیٚچو سٕندے موجوٗب۔ تَس پیٚولو کچارُک سُہ منظر یاد دیٚلہِ سخت کامہِ کالس منز تَسنز موج ونان اُسی۔

"وائے سون جد اوسمت بیقل۔ وُچھ کوت دوٗر چھُن روٗٹمت کھاہ۔ دالہ چھُ وسان تورتام چاے بتہٕ ساران ساران تہٕ تورِ دانہِ تہٕ تِلہِ گوگل انان۔ وُچھ تہٕ پتر بن ہُنٛد جد کوتاہ دانا اوسمت، نزدیک کھاہ چھُن روٗٹمت اِدیمَن کأژھاہ کم محنت چھے لگان"۔

"پزی چھُ پتر بن ہُنٛد جد دانا اوسمت"۔ سُہ لوٚگ پانَس ستی دأ یرنہِ۔

"تِہندس زمینَس بٔنیہ پٔرن، اُڈِس بنوٗو کھ پانہٕ مکانہٕ تہٕ وان۔ اوڈ گُنکھ دور گہِ

مولہٕ تہٕ أڈِس ہیوتُک لۄکن ترٛوگنہٕ داں زمین بدلہٕ۔ وُچھ میأنِس مألِکہٕ سندی پأٹھی میون جدتہِ ذٔلی ترٛوواوسمُت۔ یۄت دوررۄٹُن کھاہ تور چھنہٕ وُنہِ تہٕ سڑک واتان۔ وقتس پیٹھ ونیومےٚ مألس وولہٕ کٔنتھ ژھنوتمہِ دوہہ ییٚہن ییٚتہِ کس کنالہٕ ہَتس تتہِ تہِ وُہہ کنالہٕ۔ ازآسہِ ہاکارڈیلرشپ ،نرسنگ ہوم خبر کیاہ کیاہ۔ وُچھ میونُے نصیب بدلاٚلس آیہِ ہونگہٕ۔ ازتام چھُنہٕ ہُمن بارنٔن تہِ دِوان اَتھ وَتھ اوڈ زمینہٕ کِننَس۔ مےٚ کۄرسے تۄتہِ کینٛہہ تِمن تھووُن سُے گیور صبحس تہٕ شامَس کھاہ تفریق"۔

سُہ اوس یِم نَے گوتَن زِ سرکل افسرن ژون ڈیلنگ اسسٹنٹ پأنَس ستیٚ مطلوبہٕ فایِل ہیتھ۔

صاحبَن لوگ أنکھ تہٕ ترأونٔی فایلہِ نظر۔

"اچھا یہِ چھُ نمبلہِ زمین جان گۄو۔ اَتھن بَنہِ کالونِی أندی پٔکی لۄکن میلہِ نَوِ قسمُک روزگار۔ توہہِ چھُوٹھیک پأٹھی پیش کورمُت معاملہٕ۔ پارٹی آسہِ مزٕ دارے۔

فایِل پران پران نیۄتُمی وٕنتھ تہٕ یوٚرِ وۄتھ سرکل آفسر درجواب۔

"نہ حض تُہی متہٕ بُرتو کانٛہہ پرواے" بیگہٕ مٔژنوٹہٕ گٔنٛڈِتھ کڈان یہ ڈاریس مٔژ تھاوان وۄن تُمی۔ "باقی حض وُچھو پتہٕ"۔

صاحبن کۄرفایلہِ دستخط تٔلی ٹارِترأوِنی کلرکس کُن نظرتہٕ وۄنُن سرکل افسرن۔

"نہ حض تیٚمِس غلام قأدرُن تہِ گژھِ خیال تھاوُن" ترٛیشوٕنی آواُسُن تہٕ

کلرک دژ اوفایل ہتھ سرکل افسرٕ ستی ہتھ پھولہٕ وٕنی دہانہٕ۔

صاحبن بُرلوٹھ گِنٹھر جل بریف کیس تہٕ وأٹن بتھل۔

چپرأسی سپُد حأضر ''جناب''

''تلہٕ باگأڑی لاگناو'' ۔ سُہ وۆتھ دند چپری چپری۔ '' واریاہ سأئیل چھِ

پژاران''۔

''مہ وَنِکھ تامَتھ کینژہہ لاگناو گأڑی ۔ بہٕ ییلہِ نیرٕ پتہٕ ہرگاہ پرٕژھن ڈِپٹی زبکھ

سیکریٹیریٹ ووتُس ناد''۔ صاحبن وۆن تس فکرِ تاران تاران۔

بروٚنٛز کھنڈ گرٕھتھ دژ او صاحب گاڈِ منز ۔ نبر پٔہن نیرتھ رلوٚن نِچوٚس جان

صأبُن نمبر یِہ آس سُوئچ آف۔ دوٕیہ ترٕیہ لٹہِ کٔرنی کوشش تہٕ فون رلیووٚ نہٕ کینژہہ۔

اَمہِ پتہٕ رلأوِن لینڈ لاین ۔ اتہِ تُل الطاف صأبن فون۔

''ہاں الطاف کہاں ہے جان اسکا موبایل سوئچ آف کیوں ہے'' صاحبن

پرٕژھ رژھا تیزٕ رسان۔

''جناب تَس نہ حض اوس از طبیعت ٹھیک'' ۔ الطاف صأبَن وۆن

درجواب۔

''ناوتہٕ صُبحن ہے ٹھیک اوس''

''اہن حض ٹھیک ہے اوس یورتہٕ ہے آمُت اوس۔''

''پتہٕ اِد'' صاحبن وۆن ہیٚہٕ خشمہٕ سان۔

''جناب یہِ گوٚ ونہ حض از شیر مارکیٹ بییہِ کرٛیش۔ بلڈ باتھ حض بلڈ باتھ۔ اَدِ جان صأبن تِتھے کمپیوٹرس پٮ۪ٹھ اَتھ حساب بوزُتمس حض آو چکراکہِ رنگہٕ گوس بیٚا کھرنگ تہٕ اَسہِ واتنوو نرسنگ ہوم''۔ الطاف صأبن ؤون کھۄژی کھۄژی۔

''ووٚنی کیاہ ڈیلیل چھبس۔ یحساٗنے چھا۔ زیادٕ سیریس معاملہٕ ماچھُ''

صاحبن پرۄژھ ووٚنی فکر گیر سپدِ تھ۔

''ووٚنی حض آس حبس ڈاکٹرن وٚون قسمتہٕ وول چھُ وقس پٮ۪ٹھ ووٚتُس علاج''۔

''کتھ کمرس منز چھُ اَتہِ''

''۵۰۱ نمبرس منز حض'' الطاف صأبن ؤون درجواب۔

فون بندٕ گرٛھتھے پھوٚٹ صاحبس عأرق تہٕ عأجزی سان ووٚتھ ڈرائیورس تھاو سارژھا زِ پرسیوٗ ڈے پکھ ماڈرن نرسنگ ہوم۔

گاڑی اَس ژُپنجل دوان تہٕ منظور صأبس اوس دِل زَن دوٚبے گرٛھان۔ کم کم وأنا کھ خیال اَسِس یوان ۔ بار بار اوس رومالہٕ ستی ڈیکس عأرق ووٚتھراوان۔ نرسنگ ہوم واتان واتانِ اوس تَس بُتھِس الہٕ پوٚش گومُت۔ سُہ ییلہِ ہسپتال ووت تمام اَشناو اَسی وأتتھ پٮ۪متی۔ جان صأب اوس بڈس پٮ۪ٹھ درازتہٕ تَس اوس اوٗش وسان۔

بڈس نکھہِ کھڑا ڈاکٹرن وٚون منظور صأبس دِلاسہٕ دِوان۔ ''سہل کوٚر

خداین"۔

It was a stroke but not that massive آیند پیٚیس احتیاط کرُن۔ یہ شیر مارکیٹ ٹینشن گژھِ نہٕ اُمِس پُشراوُن۔ گوڈٕ کرُن کیا چھوٕ یمن پیٚژن روپین ہرگاہ تِتھے اشارا گیو وُ پتہٕ کیا بنہِ ہے اَدٕ"۔

جان صاب اوس مائلِس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔

"زَن لوسمٕژ و چشموونان میون ہے مونُمت آسہِ ہی یوت خسارٕ ماگژھِ ہے۔ یہ حال ماگژھِ ہسم"۔

منظور صائبس تہِ زَن گیہِ شرمندٕ گی ہش تہٕ تَمی پھیر نظرٕ ژھِن گُن اورٕ اوس تسُند مول تہٕ جان صائبُن بُڈ ی بب کبیر صاب اژان۔

کبیر صاب اوس جسمہِ کِنی اَویُل اما بارعب تہٕ ریش سفید۔ جان صائبُن بوزِتھ اوس بیقرار گومُت۔ منظور صائبن کُرتَس سلام۔ مگر باسیوس تہنٛزٕ سنہِ چشمہٕ تس تی پژژھان یہِ ازچہِ منگہِ منزٕ تَمی ئو افسرن پژژھمُت اوس۔ بُڈی ببن دیُت سلامہِ لوتُے جواب، نظر تُجن نیچوٕ سُندِ بتھِ پیٹھ تہٕ آولاران زُرِس نِش۔ تس ڈولُن ڈبکس اتھ، کمرس منزٕ اَس ووٕنی وحشت ناکھ ژھوپہٕ۔ پوٚ زِتھ تمہ تزیشوٗے اَسی اَچھوٕ ستی زَن اکھا اَکِس کیا ہتام باوان۔



# للہٕ وٕنۍ دَگ

سلیم صٲبس ییٚتھے دَگ تیزان باسیٚیہِ تَس باسیوو زن تہِ مٲرۍ مۄندۍ پٲٹھۍ سجٲوِتھ تھۄنڈ کمرِ دزان اوس۔ پانس تام رود سیٚ نہٕ کوٚرُن ڈاکٹر گلزارس فون۔ ڈاکٹر گلزارن دیُتنس دِلاسہٕ مگر سیٚتی دیُتنس صلاح زِ جان گیوو ہرگاہ سہٕ ڈاکٹر ریحانس اتھِ ملاحظہِ کرناوِ تہِ کیازِ تسُند نوزُک آپریشن اوس تیٚمۍ لاکن تٔمۍ کوٚر مُت تہٕ ڈاکٹر گلزارن اوس تَس ہسپتالہٕ منٛز ڈسچارج گژھنہٕ وِزِ وونمت زِ تَس پزِ ڈاکٹر ریحانُن شکریہِ کرُن ییٚمہٕ سنٛزِ دلچسپی کِنۍ پیچیدٕ آپریشن کامیاب رُوٚد۔

سلیم صٲبن اَس ڈاکٹر ریحان نس کمرس منٛز گژھتھ تس سمکھنٕچ کوٚشش کٔرمٕژ مگر ملاقات سپُد نہٕ۔ تٔمۍ اَسۍ ڈاکٹر ریحاننہِ کمرِ نبر کنہٕ پٔراران نفریہِ ونان بوزۍ مٕتۍ زِیہِ ڈاکٹر چھےٚ بڈٕ تُلرہش یوٚرُک چھنہٕ بوز انےٚ تہٕ اورے چھےٚ ہٹہٕ کارکران ووٚں گو سبٹھاہ قابل چھےٚ، پننس کارس منٛز مٲہر۔

سلیم صٲب اوس دَگ للہٕ ناوان تہٕ سونچان رٔتھ کنہِ واتہِ ڈاکٹر ریحانہس کلنکس پیٹھ۔ سلیم صٲبنۍ آشیٚنۍ اَس گرِ گوڈے دژ امرٛ شتھ سایٹہِ پیٹھ ییٚتہِ تَس انٹریر ڈیزائنگ ہُند بوٚ ڈھیکہٕ چلان اوس۔

سلیم صائبن کۆڈ ڈریرٕ منز دگہِ دواپھۆلاتہٕ نیۆن ننگہٕ لاؤتھ۔ غوفرس دِتُن آلو تہٕ پرٛژھنس جان صآب کتہِ چھُ۔ جواب آس سُہ تہِ چھُ میڈمہِ سٟتی دژ امُت کتھ تام میٖنگہِ منز اوُسس گرٛژھن۔ دگ للہٕ ناوان وۆتھ سلیم صآب تھۆد تہٕ تجن ٹیلیفون ڈائریکٹری یُتھ اَمہِ منزٕ ڈاکٹر ریحانُن نمبر ژھانڈِ۔

اَتھ گرس منز اوس پرٛتھ چیز سبٹھاہ مآری مٔندی پآٹھی سجاوِتھ۔ کُنہِ چیزٕ چ اَس نہٕ پرٕ گی، گرٕچ مالکن تہٕ سلیم صائبنٕ آشنٕیٚ أس شہرٕچہِ مشہور انٹریرڈیزائنگ فرمہِ ہنٛز مالک۔ نمبر ژھانڈن ژھانڈان لۆگ سلیم صآب پانس سٟتی سونچنہِ زِ تہنزِ زندگی ہُنٛد کُلُہم ڈیزائن کیا اوس تہٕ کیا بنیوو۔

تِمن دوہن اوس سُہ نۆونۆوڈی ایس پی بنیومُت تہٕ أکِس مرکزی وزیرٕ سنٛزِ یونیورسٹی منز سپدن واجنہِ تقریبہِ ہُنٛد حفاظتی پلان طے کرنہِ ییٚلہِ سُہ یونیورسٹی ہنٛدِس تتھ شوبس منز ووت کانٛچ پٕنٛز ہم جماعت روخسانہٕ سمکھیس اتہِ بختٕٚی تہِ ریسرٕچ اسکالر تہٕ اَمہِ تقریبہِ ہُنٛد کارڈِنیٹر۔ اکھأکیٚ سنٛز أس تِمن کالج دوہو پٹھٕ مآے روزمٕژ۔ پۆز اَمہِ کہِ اظہارُک موقہٕ اوس اَمی روہہٕ میٚوٗلُمت۔ یُژ کاٹی سمکھنس چھُ پٕنٕن خاص مزٕ تہٕ تقریبہِ ہُنٛد پلان ترتیب دِنس سٟتی لٔگی تِم اکھأکیٚ سُنٛد ووندٕ پرنہِ تہٕ زندگی ہنٛدی منصوبہٕ سرٕ کرنہِ۔ یہِ زانتھ گیہِ خوش زِ دوشوَے أسی تاحال کُنی تہٕ اَمی وِزِ کُڈُکھ دِلس منز پانہٕ وأنی جۆری بناونچہِ یژھ کاڈ۔ پتہٕ چلیوو مٔدرٕ بن تہٕ میٖٹھٕن ملاقاتن ہُنٛد اَکھ طویل سلسلہٕ یۆتام زِ بڈٕ شانہٕ شوکتہٕ دوشوٕنی

خاندر سپُد۔

وٗری جوراہ گذٲری تمو سبٹھاہ خوش پٲٹھی رُوخسانہٕ اُس وِسان زِتس میوٗل سلیم ہیوٚ زندگی ہُنٛد ٮِستی بوج تہٕ سلیم تہٕ اوس تَس پرٲوِتھ سبٹھاہ مطمئن۔ دوہا بنیو و سلیم صٲبس میچ ترقی تہٕ خاص سیکورٹی گرٗوپس ٮِستی تعینات گٔژھتھ لُجس اہم لیڈرٕ ہنٛدِس دولت خانس پیٹھ ڈیوٹی۔ اَمہِ دولت خانہٕ چہِ انٹریر ڈیزائنگ ہُنٛد آرڈر میوٗل اُکِس تژھِ جواں سال زنانہِ یوسہٕ شکلہِ صوٗرٕ ژووتھنہٕ بہنہٕ تہٕ سوچ سمجھ کِنۍ سبٹھاہ غٲر مومولی اُس۔

سیکورٹی انچارج آسنہٕ کِنۍ ہیوٚت تمہِ اتھ محل نما مکانس شیر پٲر کرنٕک پرٛتھ قدم سلیم صٲبس ٮِستی وبژھناوُن۔ گوڈٕ گوڈٕ آسہِ یم ملاقات بس دون پیشہٕ وَرن ہنٛدۍ پیشہِ وران ملاقات مگر تُسُند اداتہٕ کلامہٕ اوس تیوٚت منہٕ مون زِ جلدٕ ے اوس نہٕ سلیم صٲبس توٚ تام نیرنس ووندے یوان یوٚ تام نہٕ نفیسہ جی ٮِستی گھنٹہٕ کھنڈ تنہائی منٛز ملاقات کرِہے۔ انٹریر ڈیزائنر نفیسہ جی تہِ اوس ووٚنی زندگی ہنٛدِ آینٛدٕ منصوبٕک اکھ خاکہٕ تیار کوٚرمُت تہٕ سو گیہِ پروجکٹ مکمل کرنس ٮِستی اَتھ خاکس تہٕ منہٕ مائٔنی ہیتھ دوان۔

سلیم صٲبس گوٚو رخسانس ٮِستی دور برٛژان۔ اتھ دوران اُس تَس اکھ بچی تہٕ زامژ یَس تمہ پننہِ محبتچ نشانی مانان آسی مگر زندگی ہنٛدِس بدلیمتِس ڈیزائنس منٛز اُس بچی محض اکھ ہانکل تہٕ روخسان بیٚاکھ ہانکل۔ دندٕ وَزُن گو برٛژان تہٕ آخر آیہِ

ہانکل ژٹنہٕ ۔ سلیم صابن دیُت روخسانس طلاق تہٕ گوٚ وڈیزائنز نفیسہ جی ہندِس ڈیزائنس منٛز فٹ ۔ اکہِ وِزِچ مُحبتچ نشانی تہٕ دوٚیمہِ وِزِچ مجبوری ہنٛز ہانکل موصوم بچی روز کینژٕس کالس ماجہِ ستی پوٚز کہِ کائلی کوٚرروخسانن یونیورسٹی منٛز أکِس ہم کار سکالرس ستی خاندر تہٕ مجبوری ہنٛز یہِ ہانکل آیہِ دوٗر بورڈنگ سکول تراونہٕ یتھ روخسانہِ زندگی ہُند نوٚو ڈیزائن خراب گژھِہٕ ۔

زندگی ہندِس نوِس ڈیزائنس منٛز یوٚ دوے سلیم صابس بظاہر پرٛتھ کانٛہہ خوشی میسر روزتہٕ اوترٕ اوترے سُہ انسپکٹر جنرل عہدس پیٹھ وأتتھ ریٹائر گوتَس روز دوہے أندری اکھ دگ کوٚران ۔ سو یہِ زِ أتھ ڈیزائنس منٛز اوس تس پان سجاوٹُک اکھ عنصر باسان نہ زِ خاکہ بناون وول یا سجاون وول اکھ زندٕ کردار ۔ تَس باسیوو پان دوہے پرٕ ژھیوٚن تہٕ بے بس ۔ سُہ اوس روخسانس دوکھ دِنہٕ باپتھ پننو تمام یار وتہٕ رشتہٕ دار ومنسووٗمُت ۔ حالے ییٚلہِ تس زبردست بیمأری اگادِ گیہِ تَس گو پننہِ زندگی ہندِ کھوکھر یک زیادے احساس ۔

یہِ چھنہٕ کتھ زِ آشنہِ یانچو کیا کوٚر نہٕ تس اعلاج ، تس آو سبٹھاہ جان اعلاج کرنہٕ مگر تس باسیوو تم یہِ کینژھاہ کران أسی تتھ منٛز اوس نہٕ سُہ پانیار تہٕ وُشنیر ییمیُک تس ضرورت اوس ۔

یہِ جذبأتی تسلی اوس تَس ڈاکٹر گلزار دِوان یُس تِہندِس نیچوس یار چھُ ۔ ڈاکٹر گلزار اوس تس دوہس منٛز ہسپتالہ زٕ ژور نظر دِوان تہٕ تمی کرٕ ڈاکٹر ریحانہٕ یوسہٕ

حالے وہلایتہٕ پٮ۪ٹھ بٔڈ ڈگری کٔرِتھ آمٕژ چھےٚ تَس یہِ پیچیدہ آپریشن کرنس پٮ۪ٹھ آمادٕ۔
پتھ کال دوہٕژ دِوان لوٚب سلیم صأبن ڈائریکٹری منٛز ڈاکٹر ریحانہِ کلنِک نمبر
تہٕ لیوٚکھُن کاغذس پٮ۪ٹھ، امہِ پتہٕ کوٚرُن ڈائل۔

''ہیلو کم حض چھِو''

''بہٕ حض چھُس ریٹائرڈ آئی جی پی سلیم۔ ڈاکٹر ریحانہ چھا''

''تِم حض چھِ نہٕ وُنہِ ژیرِ یِہن آسن''

''مےٚ حض اوس ہسپتال تمو حالےٚ آپریشن کوٚرمُت۔ از چھم سخت دگ۔ بہٕ
دیاوٕ ہا نظربہٕ یِمہٕ ہا کلنکس پٮ۪ٹھ''

''اِدٕ پرواے کیا چھُ توٚہۍ وأتی تو بہٕ تھاوونا وٕلیکھِتھ۔ اِدٕ حض گوڈنیُک نمبر گوٚو
تُہنٛدُ ے''۔

ریٹائرڈ انسپکٹر سلیم اوس کلنکس پٮ۪ٹھ وارِ پژاران۔ تس اوس گوڈنکے نمبر مگر
ایمرجنسی آپریشن کرنہٕ سببہٕ گوٚ ڈاکٹر ریحانس کلنک واتنس ژیرٕ۔ اٹنڈنٹ اۂمی سُنٛد
اوس بیمارن ونان ڈاکٹر صأبہِ لگہِ از ژیرٕ ے پٔہم لہٰذا ییس جلدٕ ے چھےٚ سہٕ نیرِن
واپس۔ سلیم صأب وٚدُھس ''نہ حض تہٕ گژھِ سُلہِ ژیرِ''۔

آ ''ضرورتہٕ ین''

اٹنڈنٹن وٚون درجواب۔ سلیم صأب توہہِ چھو گوڈنیُک نمبر۔ وٕلو توہۍ بہو
أندرٕ کنہٕ تتہِ چھُ ہناوُشنیر۔ اسسٹنٹن وٚون احترامہٕ سان سلیم صأبس۔

سلیم صأب اوس ووٕنی ڈاکٹر ریحانس کمرس منٛز بِہتھ تِہنٛدِس ینِس پرٛاران۔

کینٛہہ کال پرٛأرِتھ آو سُہ تنگ ہیوٗ تہٕ لوٚگ تھوٚدٕ وٕتھِتھ کمرس منٛز اورٕ یور کرنہٕ، چیزن نظراہ دِنہٕ۔

تِتھےٚ تٔمی ڈاکٹرس بروٗنٛہہ کنہِ ٹیبلس پٮ۪ٹھ نظر ترٛاوٕ سُہ گوٚزَن رٕہتھ۔ اتہِ اوس اکھ بوٚڈ فوٹو لٔگِتھ یتھ منٛز سُہ رخسانس سٟتی مایہِ ہوٚت بِہتھ اوس۔ فوٹوس تلہٕ لیٖکھِتھ عبارت پٔرِتھ گوٚتس متَھ۔

''یم چھِ لوٕلکی تہٕ اعتبارٕ کی قأتِل میأنی بب موج''۔

سُہ آو لاران کمرٕ منٛز نیٖرتھ۔ اسسٹنٹ اوس تس آلو دِوان ہے یوٗت ہے پرٛار یوکھ بس زٕ منٹ لگن ڈاکٹر صأبہِ واتنس۔ مگر سُہ اوس ژُپنجل دَوان۔



# ہیرو

آنگنَس اوس اکھ اَنٛدٕ تاپھ پیٚنہٕ لوٚگمُت تہٕ یوٗ نہٕ سونٛتُک خوش یِوٗن ہواتہٕ وُشنیر اوس کھالت ترٲوِتھ سُلہِ گرِ نیرِتھ سونٛتُک ستہٕ رٕنگی فِظاوٗ چھنَس گٔن مٲل پھران۔

اماَسہ اوس کِچنَس منٛز بِہِتھ دوہ دِہٕشکی پٲٹھی ازتہٕ اخبار اَتھس کِتھ رٕٹِتھ زن تہٕ اَتھ لیوٗنی دِنہٕ لوٚگمت۔ چایہِ شیٖٹ اوس تَس بڑ وٚنٛتھ کِنہٕ تہٕ ستی اُس وُنہٕ پیالہٕ تہٕ ژوچہِ ہَن تہٕ وہراوِتھے۔ دَپھ تہنٛز اَشِنی اُس کرتام چاے چیٚتھ اپورِ پٔنٛن کُتھ اَژِتھ چیٖز شیرنہِ بستر ٹُلنہِ تہٕ دویمہِ کامہِ کرنَس منٛز محوتہٕ شُری تہٕ اُس سکھرِتھ گیٚٹہٕ نمبر سٹر کہِ پیٚٹھ سکول گاڑِ پراران مگرسہ اوس زن تہٕ اخبارَس لٲرِتھ گومُت۔

یہِ اوس نہٕ اَزی یوٚت زِ سہ اوس سٔنِتھ اخبار پرنہٕ بیوٚٹمت۔ تَس چھُ لوکچارٕ پیٚٹھے اخبار سٔنِتھ پرنُک تہٕ کانٛہہ تہِ خبر یا قصہٕ غورٕ سان بوزنُک تہٕ بیٚین بوزناوُک عادت۔ وٕنگوٕینہٕ یتھ پتھرِ منٛز وولہٕ ہرٕش وٕژھ تہٕ کامہِ کارٕ بجایہِ اخبارن تہٕ بیانَن زیادٕ چلے جاولوٚگ تنہٕ چھُ سُہ گرِ کیٚو دَفترٕ زیادٕ پٔہن وق اخبار پرنَس منٛز گزاران۔

اکٕے اخبار دوہَس منٛز دویہِ تریہ لٹہِ پران تہٕ کانٛہہ کانٛہہ خبر بار بار پران۔ اَکھ اخبار ترٲوِتھ یِہے خبر بیٚیہِ اخبارٕ منٛز تہِ پران تہٕ پتہٕ زن تہٕ پانٕسے ستی گتھٕ کران۔

تَس چھُ لوکچارٕ پیٹھے بیٚیا کھ عادت تہٕ یَتھ پیٹھ تَس ہم کارفوتہٕ ٹُلان آمتی چھِہ۔ کانٛہہ تہٕ خبر یا واقعہٕ یا قصہٕ بوزِتھ چھُ یا شاہ گرِتھ سوال ٹلان زِ اَتھ قصس منٛز گس ونو ہیرو۔ ہرگاہ محلہٕ کِنہ دون ٹولَن گرکنہ دون باگن یا اِد دون پارٹین یا دون مُلکن کُنہٕ معاملس پیٹھ مجادلہٕ لگہِ تہٕ سُہ یہِ پانہٕ وُچھِہ یا اَتھ متعلق پرِ یا بوزِ سُہ چھُ پَتہٕ یہِ پھِرنہٕ وِزِ عام پاٹھی پتہٕ وَنان زِ تسندی کِنہ چھُ فلٲنی شخص یا فلٲنی گروپ یا مُلک یا لیڈر رامہِ لڑایہٕ ہُند ہیرو۔ ونگوسہ چھُ اکثر اَتھ کَتھ پیٹھ راوان زِ سُہ ' یَس ازکُنہِ وقھک یا قِصک ہیرو مانان چھُ گمے کاٗلی چھُ تَس متعلق تیُتھ کینٛہہ نَنان زِ گُمانہٕ چھُ گژھان ہیرو آسنہٕ بجایہِ چھُ سُہ ' یا تہٕ وِلن نَتہٕ کاٗنسہِ بڈس وِلنہٕ سُند زرخرید۔

پرٛتھ کَتھِ منٛز ہیرو ژھانڈنکی اَمی عادتَن اوس سُہ یارن تہٕ زانٛی کارَن منٛز ہوٗرکاو بنوومُت۔ یِم ونان اُس زِ تَس چھیٚیہ ہیرو پرِش۔ تِم اُس تَس ٹاوس ٹُلنہٕ خاطرِ منٛزی نوٚو قصہٕ بوزناوان۔ یِتھ سُہ ہیرو ولنٛڈ ٹُلہٕ تہٕ تِم اکھا کِس اُچھ ناٹھ گرِتھ تسنٛزِ چاٗری لاٗزی منٛز ٹُکہن۔

تَس اوس پانَس تہٕ احساس زِ لوٗکھ چھِ تَس ٹاوس ٹلان۔ خاندرٕ پتہٕ گرٕ تَس آشنہِ تہٕ واریاہ پھیرِ بےوآری تہٕ سمجھوٗن زِ پرٛتھ کَتھ تہٕ ہیرو وچھنہٕ عقلہِ ہُند ٹلی کہِ بیقلاٗزی ہُند اظہار۔

آشنہِ ہُندِ سمجھاونہٕ پتہٕ گمے کاٗلی ژھ پور پتھرِ منٛز ولہٕ ہُرش تہٕ پرٛتھ اکھا

گۆ وَدم پھُٹ تہٕ زَن تہِ یمہٕ بیٚیہِ تھاہر یہ پوٗر بُستی۔ تَس تہِ باسیوٚ وزِ یہِ عادت ہکہِ
تَس حقہٕ بَل واتناوِتھ تہٕ تمی کوٚر قصد زِ سُہ تراوِ ووٗنی پرٛتھ قصس منٛز ہیرو
ژھانڈنُک یہِ عادت تہٕ کرِنہٕ کانٛسہِ ستی پرٛزھ گتھ۔ مگر عادت ماچھُ یکدم مشان۔
سُہ گوٚ وچارونا چار ہے نہ پرٛ یہِ اَتُر کران تہٕ لوٗکھ روٗدی تَس فوتہِ ٹُلان تہٕ منٛزی پیس
گتھٕ شلکو علاوٕ اتھٕ شلکھ تہٕ ژالنی۔ آشنہٕ ہُنٛد زُرکہِ تہٕ پامہٕ گیے اَستھے تہِ کرِتھ تہٕ
اوس سُہ ووٗنی زیادٕ پہم کانٛہہ قصہٕ یا خبر بوٗزِتھ پرٛتھ کانٛسہِ کینٛہہ وَننہٕ بجایہِ زن تہِ
پانسے پرٛژھان زِ امہِ قصک ہیروٗ گس وَنو تہٕ پتہٕ اوس اَندری اَندری زن تہِ اَتھ
سوالس جواب دِوان۔ پرٛتھ دوہہ صبحس یتھے اخبار واتان اوس سُہ اوس اَتھ لیوٗنی
دِنہِ بیہوان تہِ کانٛہہ کانٛہہ خبر بار بار پران تہٕ پانس ستی خبر کیا کیا سونچان۔ یہِ کران
کران اَس تَس صبح چاے تام مشان تہٕ آشنہٕ اَسس بڈٕ شرارتھ کھسان یَس
گرُک دلہٕ وانزل اَنزراونس تہٕ سکھرِتھ دفتر واتنس اَمہِ ستی ژیر اوس گژھان۔

ازاَس اخبار واتنہٕ پتہٕ ژوریم وِبزیٚیلہِ تمی اخبار اَتھس کنٛتھ ٹلِتھ سوے خبر
بیٚیہِ پرٛ ہرٕشاَس۔ یہِ خبراَس تہِ حاٗران کُن تہٕ فلمی آیہِ لیکھتھ اوس۔

"زٕ دوہہ برٛونٛہہ یُس واقہٕ اَکس اسٹنٹ انجینر سندس مکانس پیٹھ نا مولوم
بندوق بردار وٕ ٚسی گولہِ چلاونُک پیش آمُت اوس تتھ چھُ تر درامُت۔ ننیومُت چھُ
یہِ زِ حملہٕ آورن اوس خاندار قتل کرنُک ٹھیکہ خودانجینر سنٛز جوان سال آشنہٕ
دیتُمت۔ تمہِ اوس اَکس زمینہِ درالہٕ سنٛز ذریعہ یمن بندوقین ستی سزٕ ژٕ کرِتھ

اکھ تیُتھ منصوٗبہٕ بنووُمت زِ انجیٖنیر سُند قتل باسہٕ اکھ عام واقعہ"۔

"از تام چھُنہٕ یتھ پتھرِ منٛز لوکو پزنہٕ پاٹھی یتھ ہیٚو کینٛہہ سپدان وُچھمت"۔

اخبار پیٛٹھ نظر تُلتھ لوٗگ سُہ پانسے ٚستی سوچنہِ۔ بوزوٕے تہٕ اَمہِ آیہِ واقعات اُسی فلمَن منٛزے لبنہٕ یوان۔

فِلمہِ ہُند خیال یوانے ترووُتھمی ووشازن تہِ تَس پَتھ کالن نادلوٗے (وُری ترٛ ہہ دوٚیہ ترٛ ہہ) بروٗنٛہہ اوس سُہ مدرس گرٛ ہان تہٕ تَسندی زٕ پٔترٛی بأے اُس مِستری وانَس پیٛٹھ کأم کران تِمن دوٚہَن اوس ژوٚپاسے امن تہٕ سکون، تَہند پٔترٛی بأے اُس ہفتس تھکُن ژٕلی راونہٕ باپَتھ اتھوارِ دوٚہہ ٹاکی گرٛ ہان تہٕ تِمہِ دوٚہہ نیوو تِموٚ سُہ پانَس ستی۔

تتھ اَنہٕ گٹہِ ہالَس منٛزٕ اژان اژان اوس تَس گوڑٕ کھوژُن باسیوٗمت مگر پَتہٕ یِیلہِ پردَس پیٛٹھ کھیل لٔج تہٕ تِمی اَتہٕ پانس ستی بڈلوٕکٹ زنانہ مردوار یاہ نفروٗ چھ تَس گوٚ واطمینان۔ منٛزی اوس ژرپوٚپ سپدان تہٕ منٛزی شُرنہٕ گربز۔ وارٕ وارٕ آو تَس تہِ سبٹھاہ مزٕ۔

امی دوٚہہ تو رٔتس فِکرِ زِ پردس پیٛٹھ ہاونہٕ یوان کھیلہِ منٛز چھُ اَکھ ہیرو آسان یُس پانَس اَندی پٔکی روزن والین کأنٛسہِ ظألمس تہٕ جأبرس نِش بچاوان چھُ۔ یہِ ظألم چھُ تَس ختم کرٕنچی کم کم سٕنٛز تہٕ سامانہٕ کران مگر اَمس ہیروس چھُنہٕ پوشان۔ ہیروس چھُ کأنٛسہِ حوروٚپرٕی باسَن واجنہِ کوٗرِ ستی سخت محبت آسان تہٕ ظألم وِلن چھُ

تِمن جور جُدا یی کرنچ پڑ ِیتھ ژھونبھ ورتاوان ۔ پتوچھُ ہیر و وِلنس سأتھی ہیتھ زیر کران یا ماران تہٕ پنُن محبت پروانس ءستی ءستی أندی پکی لوٗکن تہٕ اہنٛدِ ظلمہٕ تہٕ استحصالہٕ نِشہٕ بچاوان۔

سوٗے أس وِزتہٕ سے زَن اوس ساتھ تَس گرٕأمی ہیرون تھپھ ''سُہ تہِ لوگ پڑ ِیتھ اتھوارِ فلم وُچھنہٕ۔ پِتر بأے تہِ کوت کال دِہن پوٗنسہٕ۔ سُہ اوس ماجہِ اکھ نَتہٕ بیاکھ بہانہٕ گرِتھ پأنسہٕ ہیوٚان۔ گراسکولہٕ فیس تہِ فلم وُچھنَس پیٹھ خرچاوان یوتام گرکَمِن یہِ گَتھ ننیہِ تو تام اوس تَس سٮ۪ٹھا چشقہٕ ژامُت۔ وونی اوس تَس وار یا پھر گرمارتہِ پیوان۔ مارکھینہٕ وِزِاوس سُہ گن رٹان زِ وونی وُچھنہٕ بہٕ فلم مگر آتھوارِ یونُے اوس سُہ زَن بیقرار گژھان۔ سُہ اوس پانَس تسلا دِوان۔ ''اِد دیتٕکھ سکولہٕ مار، اِد لوے گرِ مائلی۔ ہیروس چھنا چوب پیٚوان ڈیشم ڈیشم'' تہٕ یِلی سوٗنچان اوس تھکھ سنیما ہالَس نِش تراوان۔

پَتہٕ ؤژھ وولہٕ ہٕرِش تمام ٹاکی کربٕکھ بند، تَس تہِ وِژھ تھپھ تہٕ سُہ لوٗگ پڑأیی کرنَس کُن مگر پڑ ِیتھ قِصَس منٛز ہیر وژھانڈنچ یہِ لش درایَس نہٕ یہِ زَن تہِ أس تَس خونَس منٛزٕ ے پیوست گأمژ۔

تَس اوس اخبار اَتھس کیٚتھ مگر اوس غوطَن گژھتھ خبر کیا دأ یران۔ یورژا یہِ تسنز آشنٛی تہٕ سُہ وُنہِ اَمی آیہِ اخبارٕ ژٹھ وُچھتھ دیُت تمہِ بُمن درسہٕ تہٕ اُچھ ٹکرِتھ وونِس۔

''ژٕ چھہم وُنہٕ سوند رِہنٛدی شانٛدٕ ہیتھ دوہہ ووت دوپہر۔ مےٚ چھُ پتہٕ ژٕ ری گرٕ ھان ژٕ ےٚ چھیہِ ہشی گتھاژٕ ےٚ نیری ووٚنی امی اخبارٕ منٛز''۔

آشنہٕ ہنٛدِ ترکجارٕ زَن گوٚو سُہ مَژٕ نیندرِ بیدار تہٕ یوتےٚ ووٚنُن تَس۔

''کینٛہہ چھُنہٕ نیرٕ ژٕ مےٚ چھُ از ژٕ یری پہن نیرٕن''۔ سوٚ گیہِ وُٹھ پھیشان تہٕ چایہِ شیٹ پیالہ وَٹان تہٕ ژٕ ایہِ باتھ روم۔

رَژٕ ھا ٹھہرِتھ تُل تمی بییہٕ اخبار اَتھس کیتھ تہٕ لوٚگ یُہےٚ خبر بٕ وٚ نہہ گُن پرنہِ۔

''فایرنگ سپدنہٕ پتہٕ دوٚیمہِ دوہہ اوس پُلسن انجینر صاٮ۪بَس تہٕ تہنٛزِ آشنہِ ناد سوزمُت تھانَس پیٹھ ینہٕ باپَتھ یُتھ تم اَتھ واقعس متعلق چشم دید بیان درج کرٕن۔ مرد آو مُنش ہنٛدِس کمرس منٛز ژٕ اننہٕ تہٕ آشنہٕ گرکھ بیان دِنہٕ موکھ خوتون انسپکٹرس سُپرد۔ ووٚنٛ گوٚو تَس یُس بوٚ ڈپرس نالٕ اوس سُہ رُوٚ ڈی، ایس، پی صاٮ۪بنِسے کمرس منٛز۔

اَتھ پرٕ ٚسس منٛز آسی بیک وقت ترٕ ےٚ موبایل فون۔ رَژٕ ھا گرٕ ژٕ تھ آیہِ یموٚ منٛز اَکِس فونَس کال، ڈی، ایس، پی صاٮ۪بن اَنی خوتون کانسٹبل بُلٲوِتھ تہٕ وُنٕنس ہُشیاری سان کر فون کال اٹینڈ۔ صرف ہیلوتہٕ ہاں ہاں کرِتھ بوزاورٕ گُے۔ اَمی فون کالہِ ستی دراو اَتھ کَتھِ شَل حاٮ۪ران کُن سازِش گیہِ نَنگہٕ۔ کاروٲیی سپٕز شروع۔ تریشوٚنی فونَن ہنٛدی سم کڈِتھ آو کال رکارڈ وُچھنہٕ تہٕ یہ نٔتیوتہٕ بوزِتھ گیہِ ساٮ۪رےٚ پَتھر حاٮ۪ران۔

یِہ پُران پُران ترووُہمی بیٚیہِ زیوٚٹھ ووش تہٕ لوٚگ سونچنہِ۔ ''یِتھ کہانی منٛز تہٕ چھُنہٕ ازکلچہِ پرٛتھ کہانی ہِنٛدی پاٹھی ہیرونظرِ گژھان۔ خاندار ینی۔ یٮ۪یمہِ یوٚت خوفناکھ منصوٗبہٕ بنوو۔ تہٕ چھےٚ وِلَن سُنٛدے رول کران۔ تمہِ یَس زمیٖنہِ دراَلس اَتھِ بندوقین ستی رأبطہٕ کوٚر تہٕ یِہ زیوٚٹھ منصوٗبہٕ بنووزِ کتھہٕ گژھَن پایہِ پایہِ تِتھی حالات زِیٚیلہِ انجینٔر گولی لاٚیِتھ مارنہٕ یِیہِ۔ پرٛتھ کانٛسہِ باسہِ یِہ وولہ ہُرشہِ دوران سپدان اکھ عام واقعہٕ۔ تَس دراَلس تہٕ گُس وَنہِ ہیرو۔ گولی چلاون وألی کرایہِ قاتِل تہٕ پانہٕ انجینٔر یٮ۪یمی محبتس منٛز اَمِس خوبصورت لاوِز نانہٕ ستی خاندر کوٚر تہٕ سوٗاَتھ حالَس واتنأوزِ سوسپزٕ تَس قتل کرناوَس تہٕ اَمہِ باپتھ سرٛوٗن منصوٗبہٕ بناوَس پیٹھِ تیار تہٕ ہبکہِ نہٕ ہیروأستھ۔ اما گوٚو کیازِ مانَس ازکل چھُنہٕ یِتھ پتھرِ نہٕ سارسے عالَمس منٛز گُنہِ جایہِ گُنہ لڑایہ منٛز کانٛہہ ہیرو لبنہٕ یِوان۔

پرٛتھ ہر پرٛتھ لڑأے لوٚکٹی یا بڈٕ چھےٚ یِہ دوٗن ولنن ہنٛز ہرباسان۔ یِی سونچان کوٚڈ تمی زیوٚٹھ بریوڈ تہٕ تُلن اخبار بیٚیہِ اَتھس کیتھہ تہٕ لوٚگ بیٚیہِ یہےخبر پرنہِ۔

''دپان یِتھ محلس منٛز یِہ واقعہٕ سُپد تتہِ چھِ زیادٕ پہم لوٚکھ ونان زِ اصلی وِلَن چھُ پانہٕ انجینٔر تہٕ کیازِ گوڈٕ کوٚر تمی اَمِس خوبرو لوکچہِ مالدار کورِ ستی مَس مِلہِ خاندر۔ ہاوس کوٗرُن تہٕ لوٚگ بیٚیہِ ڈٕ چھن کھووری تھپہ دِنہِ۔ آشنہِ کریہِ بیوٹی پالرترأ وِتھ الگ کاروبار شروع گرتھ غم دفایِ ہنٛز سبیل تتھ تہٕ أنٛس تھوس تہِ کیازِ سہ اوس یژھان سوگژھِ گرس تامے موحد ودروزٕنی یِتھ تِسنٛدِ بن رنگین مزاج ارسرن پیٹھ اثر پیٚیہِ

نۂ۔

''مگر لۄگن ہُنٛد بیٚاکھ دۄ رچھُ وَنان زِ زنانٕہ دراےِ پیٚشہِ خطرناک تہٕ کمینہٕ۔ پَتہٕ کیا گیوٚ مرد اوس اُچھ موٗگرِ تہٕ آشنہٕ اوس گرہٕ مَنٛز تھاوُن یژھان۔ تتھی معاملہٕ چھِ آمتی مگر زنانہٕ اُستھ پیٚشہِ سنگ دِلی''۔

اخبار پیٚٹھ نظر تُلان لۄگ سُہ وۄنی زَن تہِ تالوٕس کُن وُچھتھ پانٕسے ستی بیٚیہِ کتھ کران۔

''مگر بیم گولہِ چلاوَن وٲلی چھِ اَن تہٕ غاٗن تتھی کراےِ قاتِل تتھی فلمَن مَنٛز آسان اَس۔ ہارٕ ژٹھ کلہٕ کھاپرِ تُلنَس مَنٛز چھُنہٕ یِمن کانٛہہ عار یا انصاف یِوان۔

کوٚسہٕ وَنَن گٔیہِ یِمن تہِ۔ کیا گوٚ مانہٕ اوس پتھرِ ہنٛد بن بیکسن یِمن متلق۔

سُہ اوس اُتھی عالمَس مَنٛز زِ تہنٛز آشنٕی اَس وۄنی پان پٲرِتھ دفتر نیرنہٕ باپتھ تیار تَس برونٛہہ کنہِ۔

''ادسا تہٕ ژٕ تراوکھنہٕ اخبارٕ نیرے وۄنی ہرگاہ گری رودُکھ باتھ روٗمَس مَنٛز چھِ وار یاہ پلوڈریس یِمن کڈٕ زِ واشنگ مشینہِ مَنٛز چھوکھ''۔ یہِ وَنان دیُت تمہِ بیٚیہِ بمن درسہٕ تہٕ درواز کوٗرن ٹاس کٔرِتھ بند تہٕ دراےِ۔

آشنہٕ ہنٛدِ نیرنہٕ پَتہٕ تُل تمی بیٚیہِ اخبار تہٕ بافرصت لۄگ پٔرِتھ خبر پٔرِتھ سوٗنچنہِ زِ کُنہِ تہِ واقعہس یا قصس مَنٛز ماچھُ کانٛہہ تیُتھ کردار ایَس سُہ پزنہٕ پٲٹھی ہیرو وٕنِتھ ہیکہِ۔ سوٗرے اخبار پٔرِتھ تروٗو تمی وۄش۔ سوٗنچنہِ لۄگ زِ اُخر گوٚ وکوٗت یہِ ہیرو۔ یہِ

کیا زِ چھُنہٕ گُنی وۄتلِتھ ہبکان۔ یِی سونچان وچھٕ تٔمۍ أچھ تہٕ تَس زَن گۄو وبَد لے آلو کَنَن۔

''یتھ پتھرِ چھِ پتھ کالہِ واریاہ ہیروٗ ٲسِتھٕ تھممتۍ۔ سُہ یٖمی سرِ منٛز آب کڈِتھ جل دیو ماریوتہٕ بُستی ٲکن دژاواوس گوڈنیک بۄڈ ہیرو۔ مگر ازکل چھُ بُستی والین ہنٛدِس وونٛدسرس منٛز جل دیوٗنو سَرِ وۄتلیمُت توے چھنہٕ گُنہِ کانٛہہ ہیروو وۄتلان''۔

یہٕ آلو بوزِتھ پٔتھۍ تَس وُسواسہٕ تہٕ أچھ منٛز رٟتھ لۄگ سُہ پانَس ہیر بونہٕ نظراد تھ کیاہتام ژھانڈنہِ۔



# چھوچھِ گٔتڑی

روِد پھیر والنہٕ ستۍ یُتھے ٹینہٕ پٔڑس ٹاسرایہِ گڑھنہِ اُخ رحمان صائبَن مُڑراوِ أچھ۔ أچھَن مورَن دِوان دٔژن دیوارَس لگِتھ گرِکُن نظر۔ وَق اوس یور ووتمت۔کاہ پیٹھی آسہٕ بجیمژ۔

تَس اوس من یژھان امی دَمہٕ ووتھ تھوٚ دتہٕ بون ؤستھ نیرِ بستی نیبر تتھ گرین بلٹس کُن یُس پژتھ ؤری یہِ تہندِ پاٹکی پأٹھی شروکان تہٕ ژمٹان چھُ تہٕ یُس ووٚنی ساسہٕ واد کنالو پیٹھ گژہتھ گژتام رودمُت چھُ۔

بُجر تہٕ تنہایی ہندبن یمن ایامَن منز چھُ رحمان صائب دوہَس منز اکھ ز گھنٹہٕ گرین بلٹس کُن گژھتھ اَتھ تھَلہِ تھلہِ وُچھِتھ گُزاران۔یُتھے اَتھ منز پندچن تہٕ دویمین جانورن ہُنڈ وُپھ واریا بوٚل بوش نظرن تَل یوان چھُس تس چھُ ژھِمٹِس گیٚنہِ بُتھِس پیٹھ خوشیون اُسن زن پھولان ییٚلہِ اَتھ أندی پٔکی تأمیر سپدان ڈٕرینہِ پیٹھ کأم کران موزورن ہُنڈ کربکہٕ نادیا مکسر گزرستۍ پندچہِ تہٕ دویمِ جانور گابران تہٕ پھرڈ گژھتھ ژلان چھِ۔امہِ وزِچھُ رحمان صائب روبود ہیوٚ گژھان تہٕ پانسے ستۍ کیاہتام اورُک یورُک ونان۔

بجہ بستی اکھ اَندُک یہِ گرہن بلیٹ اوس اوترٕ اوترٕ تام واریاہ بوٗڈ۔ یہِ اوس یوٗہے نمبلہِ زمیناہیو یتھ وُہرِ وٚری یَس آب منٛز روزان اوس۔ اَتھ اَسی زٕ ٹھِ زبہِ زرنڈ کھسان یمن منٛز رنگ برنگی جانور دوہہ دُوہس خوشیوٗن بول بوش کران روزان اَس۔ رہتہٕ کول یتھ ییٚلہِ اَتھ منٛز ابیار آب ہُران اوس پندچہِ آسہٕ نمودار گژھان۔

رحمان صابُن وُنُن چھُ زِ ژکہِ یَتھ زمینَس پٹھ یہِ سأرٕ ہے بستی چھےٚ سو چھےٚ سأرٕ ے نمبل اَسہٕ یتھ دانہِ ووَنہٕ یوان اوس۔ ییمہِ کَمن دوبَن منٛز گأری وو پدان اَسی۔ اَتھ سأرٕ سے نمبلہِ اَندی پٔکھ دوبَن منٛز اَسی بے شُمار جانورٕ وُپھ دارتہٕ باشہِ کران۔

یُتھے آبأدی گنان گٔیہ تہٕ تعمیرو چلے جاولوٗب، وقتہٕ کیوٚ حأ کموکوٚ راَتھ جایہِ کالونی بناوُنک سنز۔ نمبلہِ برایہِ کرنَس ووٗتھ دس۔ ٹرگن بلڈوزرن لٔج رٔج تہٕ جاناوارن لٔج چھگ۔ یوٗسہٕ ہنا سرکارپرُوان گٔیہِ تِتھ سپٕز پلاٹ بندی تہٕ لٔگی مکانہٕ بننہِ۔ یہِ سلسلہِ رودٕ ہلو پٹھ چلان تہٕ نمبلہِ ستؠ ستؠ آیہِ اَندی پٔکھ دوب تہٕ پرُوِتھ بستین منٛز تبدیل کرنہٕ۔ رحمان صابُن گُف چھُ زِ نمبلہِ برأے کرنک دس اوس تمِنے دوہَن ووتھمُت یمن دوہن میٹرک کرنہٕ پتہٕ سہٕ شہر ووٗتھمُت اوس کالج پرٛھاے کرنہٕ۔

روٗدٹا سرایہِ ستؠ کھوٗژ رحمان صأبَس ترہش۔ تمؠ دِژٕ چھُن کھووٗر نظر شاید

اوس بلوورآن کرُن یژھان۔ اما اَتہِ اُسی تَس نکھہٕ تمی سُند پکہٕ وأنی تہٕ اڑ پھوٹ ریڈیوسیٹ۔ تَس پیٚو یاد زِ بلوور کرناویو پٔتی مہِ ہفتہٕ تمی دوہہ بجہِ نوشہِ بھودرس اَتھہِ سٹورس منز بند یمہِ دوہہ توٗت تاپھ کریون۔

''بلایہ یمن بجلی والین یمِ نٔے میٹرا لاگہن تہٕ دوہلہِ ژورٕ لٔنڈ لاگنس ٹھاک کرہَن۔ نوش کیاز ِ ٹلہِ ہے بلوور یٚوٗت جلد''۔ رحمان صأبَن دأیرِ وو پانسے ستی۔

''گوڈ تَس تہِ کیا خطا لِدِ یمِ مے زایہِ تہٕ ژھم پٲلم تمن تہِ کوسہٕ یاددأری روٗز۔ سأری درایہِ کوکرِ ہنڈی بٹخ پوٗتی''۔

بٹخ پوٗتی دیماغس منز یوأنی پیٚیہِ رحمان صأبَس بیٚیہِ گرین بلبلچہِ پندچہِ یاد۔ منَن کریوس روٗدٕ ہے منز نیرٕ دِپھ طبیعت باسیوس اور نتہٕ یور۔ پانس ستی سوچُن ترٔبن پوٗ ہرن وُسن تہٕ پتہٕ اورٕ کھسُن چھُ بڈٕ کوڈُر۔ اَوے ترأونی کمل کوٹھن پیٹھ تہٕ لوٗگ کیاہتام سوچنہِ۔

''کم چھوچھِ کتری آسہٕ تمہِ پندچہِ راتھ کران ییلہِ تمی گوٗری بد بختن گاو کھیوٗل اَتھ گرین بلبلس سیٖز روو۔ ہتہٕ باکتھ چھکھ میلہِ وادو پیٹھہٕ یوان بلایہِ لگنہِ۔ یمِ جاناوار ہے گوڈے مزوٗرن تہٕ مکسرن ہنٛدٕ شوٗرٕ پھرٹی گرشھان چھِ وونی اوسکھایہِ پرٕے''۔ سہٕ اوس پأنی پانَس ستی زن تہِ کتھ کران۔

''بوزوے تہِ گوٗرِس تہٕ نہٕ خطا، شہر گامہٕ تھوٗ کھ نہٕ کُنہِ گاسہٕ چرایہِ پیونتاہ۔

بَس چھُنکھ ہوٗ وُمت مکانَن تہٕ دُکانَن کُن ،اما اگر سأرسے کھہوتہٕ کھلو بدلہٕ مکانہٕ تہٕ دُکانے یأتی روزن کھسِن کیا یمن عمارژن منٛز روزن وألی ، یکَن کیا یِم وانہٕ وألی۔ دپان چھنا کھسِہٕ بدل تہِ ییہِ ووٗنی کیپشول یا انجکشن۔ اما بور کیا آسہِ تتھ زندگی"۔ رحمان صأب اوس برابر پأنی پانَس پرٛژھان، تِمی اُس ووٗنی کمل گلس پیٹھ ہیرٕ ہٕژ تہٕ اوس نیم خوأبی ہٕندِس عالمس منٛز ژِپٹِن پتھ کال آوتَس دید مان۔

یمن دوہَن سُہ گامہٕ پیٹھ کالج ووتھمُت اوس تمن دوہَن آسہٕ سبٹھاہ کم گاڑِ۔ بستی تہِ آسہٕ دوٗر دوٗر ژہ واپأری أسی سرسبز مأدان تہٕ برجستہٕ داں کھاہ تہٕ مکایہ ڈار۔ پرٛتھ طرفہٕ اُس گُلوٗہتیٚ وٗلتھ بُٹھی تہٕ وُڈر۔ بس رَٹہٕ باپتھ اوس تَس میل اُٹھ مرٛ ووٗکھلی پکُن پیوان تہٕ ہرگاہ اکھ بَس اَتھ لٔجیہٕ نہٕ دویم اُس اوڈ دوہہ مو کلِتھے میلان۔ شاید اوس یوٗہے وجہہ زِ دوٗر دراز رشتہٕ ٔنیژھ کڈِتھ کوٗرتَس گرکوٗ شہرِ خاصَس منٛز ڈیر۔

ڈیر وألی اُس ناماوار تہٕ ڈیکھجکل۔ سُہ اوس سخت کوٗشش کران تمن اُنزی مٔنزی گرٛژھنَس ،سُہ اوس پان ٹوٹھ بناونہٕ خأطرِ صبٕحَن شامَن گرچھِن دہَن کامن تِمن الزان پلزان۔ تِمن تہِ گوٚو تَسُند سریہہ تہٕ اوے پیوٚ نہٕ تَس کالجہِ کِنہِ دوشوٗنی وٗری ییَن ڈیر بدلاونک حاجت۔

سو کھ سینٛز رِکس تتھ زمانَس منٛز اوس ناماورلوٗگن ڈیرٕ والین ہُندیُن گرٛژھن آسان تہٕ تہٕنٛد اکھ دوردراز رشتہٕ دار یُس جان حأکِم اوس بنیو باعث تہٕ رحمان

صائبن یُتھے ڈگری کرِ تیتھے لۆگ سۄ گژھ تام محکمس منز جان ملازِم۔

سۄ اوس ڈیرٕ والین ہُند گوڈے سبٹھاہ حق نمک گومت تہٕ نوکری لگنہٕ کۆ وسۄ زیادے پہن یہُند احسان مند۔ تَس گۆ ونہٕ زانہہ جرأت سۄ وَنہِ ہے تمن زِ سۄ کرِ وونی بدل جایہِ ڈیرٕ۔

سۄ اوس نہٕ تہنزِ کُنہِ کتھِ انکار کرِتھ ہیکان تہٕ اکہِ دوہہ ییلہِ ڈیرٕ والو پننہٕ رشتہٕ چہ تَس کھوتہٕ ؤری پاینشہِ بجہ کۆرِتی تَس نیتھر کرنک اصرار کۆ رسۄ ہیۆک نہٕ انکار کرِتھ۔ گامہِ بب موج آٹنہِ واٹنہِ اُنتھ سپُد یہِ خاندر جان دُمہٕ دامہٕ سان۔

پوز سَتہ دوہہ ییلہِ مہرینی مالِیُن آیہِ تمہِ مون نہٕ پتہٕ زانہہ گام کھسُن۔ رحمان صائبَس پیٚو چارونا چارتِی کرُن یہِ ڈیرٕ والو فرماش کۆر۔ اَتھ نِو بجہِ کالونی منز ہیٚوت تمی تہِ اکھ بۆ ڈ پلاٹ مائلنس داں زمینگ حصہٕ رسہٕ ہیتھ تہٕ سۄ کُنتھ بنوۆن بارستہٕ مکانہٕ۔ یہِ رژھا پیونتا زینان تہٕ پژھ پلہِ کران گۆ وتہٕ گۆ ومکانس لاگان۔ یۆ تام مکانہٕ مکمل گۆ وتہٕ سۄ اَتھ منز اژنہٕ باپَتھ تیار گۆ و۔ تۆ تام اُس گامہٕ بب کیٚو مأج مزار بَل وأتمتی تہٕ گامَس تہٕ گامکین نظارن نشہِ تسُند ژھین اوس پورٕ سپُد مُت۔

تَس اوس وونی پنُن عیال جنجال اما تمام رشتہٕ اوس آشنہِ ہُند مالِین قبیلہٕ۔ تہُند مشورٕ اوس تہنزِ باپتھ ہمیشہِ فرمان تہٕ تہنزِ باپتھ اُس تہنزِ گرِ کی دارِ بَر ہمیشہٕ ؤتھی۔ یۆت یۆت شُری بڈان گیہِ رحمان صائبَس اوس باسان اتھ نُوس اُلس

منز یُس تمی پانٕے یٔز رمُت اوس زن تہٕ پان ووپر۔ شُربن آو خاندر کرنہٕ تمو کوٚر

کاروبار شروٗع فاصلہٕ کوٚر تمو ماجہٕ تہٕ مامَن ہٕنٛدِ مشورٕ۔

رحمان صأبَس اوس پان گوڈٕ تہٕ بےبَس باسان۔ اما ریٹایرمنٹ بڑ وٕنٛھے

گُزریس آشنٕہ تہٕ باسیوس پان بٕچیور رہیوٚ۔ نوشہِ تہٕ نیٚچو زَن تہٕ اُس اُتھی دوہَس

پراران۔ تمو کوٚر بُستی اکہِ طرفہٕ شاپنگ کمپلیکس بناوٕنک سنٛز تہٕ امی ہاوسہٕ دیتٕکھ

مکانٕک دوییم پوٚہر کرایہِ۔ گوڈنِکس پوٚہرَس منٛز لٔگی دوۄن بارٕنن ہٕنٛدی زٕ چولہٕ۔

رحمان صأب اوس بےستھ گرٕھتھ زیادٕ پہم کتابہٕ پران یا ٹی وی وُچھتھ یا اِڈ

ٹیپ رکاڈرَس پٮ۪ٹھ عمہٕ صوفیٖن گیوٗن بوزِتھ وق گُذاران۔ تَس اوس کٔنَن تہٕ ہَنا

گوبر سپُد مُت، اوے اوس ٹی وی یا ٹیپ رکاڈر بڈِ بوزنٕک عادی۔ نوشہِ تہٕ تہٕنٛدی

پڑأیی کرن وألی شُری اُس امہِ ستی پریشان گژھان۔ آخر آو اَتھ مشکلس یہِ حل

ژھانڈنہٕ زِ رحمان صأبُن ڈیرٕ آو گوڈنِکہِ پوٚہرٕ پٮ۪ٹھ تریمس پُہرَس منٛز بڈَس ہالَس

لرِ کمرَس منٛز کھالنہٕ یُتھ سہٕ پانٕے وَنہٕ تہٕ پانٕے بوزِ۔

ووٕنی گیہِ وٕری جور اَتس اُتھی کمرَس تام موژٕیمتس۔ نیپالی بہودر چھُ چاے

بتہٕ تریش تمو کھٕتھ تِسنٛدِس کمرَس تام زٕ ژور پھیرٕ کران تہٕ مٕنزی چھُ ریتی پٔچھی صأبہٕ

لالہٕ تہٕ بٔڑہٕ تہِ اتھواردٕ وہہ اور کھٔستھ تَس ستی بڈٕ بڈٕ رٕژھِ کھنٛجہٕ کتھا باتھا کران۔

رحمان صأبَس اوس پٔنٕن پتھ کال تہٕ حال دیدٕ مانٕ زِ زوردار گگرایہِ گیہٕ تہٕ

روٗدٕ شرانہِ لاجبن۔ پٔتشس وٕژھ ٹاسرائے تمی کڈ ووٕٹھ ہش۔ ووٕنی آسہٕ باہ بجیمٕژ

بیٚیہِ اوس تَس من یژھان سُہ گرٛ ھِہ ہے گرین بلڈس کُن مگر رۄداوس ٹاسرایہِ پوٚ ان تہٕ تَس آونہٕ بون ؤسِتھ بستی نبرٕ نیرنٕک تار۔ تِمی ہیٚژ کمل بیٚیہِ کلس پٹھ تہٕ لوٚگ سونچنہِ۔

" اکہِ زمانہٕ اُس یہِ سارٕے نمبل یمن پندچن تہٕ جانوارن ہنٛز یوتام خوش گرٛ ھِہ ہیکھ ؤپھ اُس تلان، باشہِ اُس کران ووٚنی چھُکھ یہِ اکھ رژھا بستی أندی أندی ڈرینہِ پٹھ قومی سڑکہِ درمیان اتھ منٛز تہٕ نہٕ سوکھ۔ اکہِ طرفہٕ بہأری موزورن تہٕ مکسرن ہُنٛد شور شر تہٕ دۆیمہِ طرفہٕ گاڈِ ین ہُنٛد زرژالہٕ وٚن شۄر تہٕ ترٛ ٹلن وول دُہہ، سُہ اوس أتھی کنہس زِتَس باسیوٚ کُس تام چھُ ہیرِ کھسان۔

اما کُس آسہِ بہودر مگر وٗنہِ چھےٚ بتَس سُل۔ از ماچھےٚ اتھوارنہٕ از چھےٚ بودوار صأب لالہٕ تہٕ آسنہٕ۔

تیٚلہِ کُس آسہ تہٕ کیازِ آسہِ یور کھسان۔ خبر یمَن ماتوٚ رِ فکرِ زتر یمس پہرس منٛز چھُ مےٚ یتھ ابیارِ منٛز عذاب گرٛ ھان نہٕ سوچھنہٕ گتھےٕ۔ سُہ اوس الگ الگ قیاس کران۔

درواز کھُلیو تہٕ یمِ اُس صأبہِ لأنٛز آشینٛز بڈٕ ہش نوش تہٕ تَس پتہٕ بیا کھاڑ ور وو پرٕ نفرا۔ ژٹہٕ ؤنی سلام گرِتھ ؤ ژھ نوش رحمان صأبَس کُن۔

" یہِ چھُ بایس میأنی سُند مہنیو تموچھُ مشیدِ نِش پلاٹ ہیوٚتمُت۔ تتھ دیوار دِنہٕ خأطرِ اوسُکھ میٹریل واتن وول۔ ووٚنی ییٚلہِ رود اوٗن میٹریل ووتگ نہٕ ژیر واتہٕ

أڈہناتہٕ باقے صبجس ۔یہِ روزِ ووٕنی ہمن دوہَن پیٚتی یوٚتام باے لالِنس پلاٹَس دیوار بندی گرٛ ژھِ۔ بونہ چھِ سأری کمرٕ آورٕی ،اوے روزِ تام پیٚتھی گٹھِس منٛز توہہِ ستی‘‘ ۔تمہِ دیُت فرمان تہٕ مالِنۍ مہنیو رحمان صأبس پُشر اوِتھ درایہِ ہسل دِتھ درواز ٕنبر ۔

رحمان صأبس فورنہٕ کھیٚنۍ تِس باسیو زن تہٕ موژیمتِس گرین بلبلٹَس منٛز گوٚرٕی ،نِوسرٕ گاٗو کھیٚول سینٛز رووتہٕ پندچہِ بیٚیہِ چھوچھِ گأتری کرنہِ لٚجہِ ۔



# أندرِم ضرب

سُہ اوس دفتر کُن پکان۔ برابر اکتاجی دُوٚہ پتہٕ، تس أسی نہٕ زن تہٕ کوٚنھی پکان تہٕ اوس اورٕ یور زن تہِ لاینہٕ یوان۔ منٛزی اوس پننہِ اونٛگجہِ دنٛدن تل رٹان، منٛزی وۄشاتراوان، منٛزی اوٗسس پأنی پانس ستی اُسن ہیوٚ تہِ یوان، خبر کیا اوٗسس یاد پیوان۔

یُتھے سُہ دروازٕ ژاو آرڈرلی گلس پیٚیہِ دُورِ نظر تہٕ سُہ آو دوان دوان تہٕ کٔرنس سلام۔ صاحبن کوٚر وعلیکم السلام تہٕ روٗٹُن گلہٕ نالہٕ متہٕ۔ گُلہٕ گوٚ ویہِ وُچھتھ حأران۔

ہتہٕ بامُبارک چھے تمہِ دوہہ بچیہِ اتھن پھوٚکھ دِوان گرِ اوسوا خأرٕ ے تتہِ ما اوس نوقصان گوٗمت۔ نحس خداین کوٚر سہل، مکان پور تہٕ بچووتہٕ شُری بأژتہٕ۔ شُکر تٔہنزٕ کریمی کُن، گُل ووتھس درجواب۔

صاحب ژاو تام پننِس کمرس منٛز تہٕ بیوٚٹھ کُرسی پیٹھ۔ ٹیبل اوس صاف تہٕ کانٛہہ فایل أس نہٕ اَتھ پیٹھ۔ پوٚز صاحب اوس وُدأسی تہٕ ہے وولا، تام ژٔری اپارِ سأری سکشن ملأزِم یہِ بوٚزِتھ زِ بٹ صأحب چھ دفتر آمت۔ سلام دُعا کرنہٕ پتہٕ

بوٗ کھ افسوٗس زِ صٲحبس چھ گرِ واریاہ نوقصان ووتمُت ۔ بہرحال تسلا دِیُت ہس زِ یہِ حض گوٚ وکرِدٕے اِلّا ہی توتہٕ حمد زِ زُو بچیوو سأری نتہٕ ہے واریاہن گرن ژوریا پانژھ مورِ دوٗرراوٕنی پیِیہٕ تہٕ اڈٕبن ہُند دژاونہٕ کانٛہہ پَے پتہٕ ہے۔ صٲحبن کوٚر تمام ماتحتن ہُند شکریہ تہٕ تمِ دژ ایہِ اکہِ اکہِ کمرٕ منٛزٕ نمبر ۔ ووٚنی اوس صٲحب گٔنڈزٕنۍ زوٗن ہَے بنگہٕ یاد کران زِ ۴۰ دوہی بڈ وٗنہہ ییٚلہِ سہٕ کُرسی پیٹھ بہتھ اوس تمہِ وِزِ کُس عالم اوس تہٕ یمن ۴۰ دوہن منٛز کیا سوٚرتھ۔

تس اوس تمہِ دوہُک منظر دید مان۔

سہٕ اوس کرسی پیٹھ بہتھ ، میزس پیٹھ آسہٕ واریاہ فایلہٕ یمن منٛزٕ أس محمد صأبرٕنی سو فایل تہٕ یتھ سہٕ دوہیَو رٔتو پیٹھٕ ماننٛھ دِوان اوس ۔ محمد صأبر اوس دوٗر گنڈی علاقُک تہٕ تٔہنٛدِ عرضی مُطابِق اوس تٔہنٛد مکانہٕ کرتام ٔہلابہٕ ستی ییرٕ گوٚمُت ۔ پتہٕ اوس سہٕ بندوق بردارَ وتہٕ سخت ستووُمت تہٕ ووٚنی اوس تمی کسٹو ڈِین زمینس پیٹھ بناونہٕ آمتہِ فلیٹ خاطرٕ انسأنی ہمدردی ہنٛدِ بُنیادِ پیٹھ درخواست دِیُتمُت ۔ اِڈمنسٹر صأبن تہٕ اوسنس درخواسس لِیُو کھمُت تہٕ صٲحبس مارک کوٚرمُت ۔ مگر صٲحبن أسس پتہٕ مِین شبن رٔتن کوٚٹھی پھرٕ آوٕ متی ۔ تٔہنٛزٕ فایل تہٕ حالت دوشوے وُچھتھ اوس صٲحبس باسان زِ اتہٕ نیرِ نہٕ کانٛہہ مُحبتانہٕ اوٕے اوس سہٕ یہِ فایل بار بار دوبراوان نتہٕ بار بار Quiry تُلان ۔ تمہِ دوہ اوس صٲحب وُنہِ کُرسی پیٹھ بہنے زِ تمی لگاو محمد صأبرٕنی فایل ڈژ اورس Drower منٛزٕ ۔ تتھوٕے آو فون۔

''ہیلو! کم حض چھوٗ''۔

''عبدالرحیم، وعلیکم السلام''۔

''کرِیوٗ حُکم''۔

''سو بچہ سٔنز فایل''۔

''اِدحض کینٛہہ چھُنہٕ پرواے، وُنہِ کوٚرنہٕ کیٛہنٛی۔ تِتھٕے فایل واتہِ بہٕ کرٕ''۔

فون ترٛاوِی تھےٚ دِژتمی ٹیبل۔ بَنہِ کیٛا یَتھ قومس۔ گامہٕ گیہِ جاۓ گیر دار، شہر آے تہٕ بنے یہِ باپاری۔ رحیم اینڈ رحیم سنز۔ تہٕ ووٚنی گوژھُک کسٹوڈین پلاٹ تہِ گلہِ میٛوٗٹھ۔ پیٹھٕ اوس اوترٕ منتری مہودَے تہِ اَمی سٔنز فایلہِ ہُنٛد پرٛژھان، وُچھ کروڑ پتی اَسِتھ تہِ چھُ فایلہِ پیٹھ بےٚ گرتہٕ مجبور۔ ووٚنی اوس تمِیک تہِ سہلےٚ ہوٚچھِی چھےٚ فایل کڈٕن تہِ کیٛازِ بوٚڈ صحب یُس بٔنگلہٕ Friends Enclave بناوان چھُ تمِیک سورُے میٹریل چھُ رحیم اینڈ رحیم سٹورٕ پیٹھٕ واتان۔

تَس گھرٕ ڈبکس دِژ ہہ تہٕ نیٛوٗن سِگریٹھا زالِتھ۔ سُہ اوس میزس پیٹھ فایلن کُن دُہہ ترٛاوان تہٕ یمن تھلہِ تھلہِ وُچھان۔

''یہِ تہِ گیہِ D.O فایل۔ اتہِ تہٕ نیرٕ نہٕ کیٛہنٛی۔ یہِ گیہِ عبدالرحیم نِس بچہ سٔنز، نبشہِ بٔدی سٔنز یہِ تہِ ہوٚزِ بے۔ اچھا یہٕ چھےٚ Reasonable پارٹی۔ اوترٕ اوس گرِتہِ آمُت مگر یہے اکھ ماکرون Process۔ لٔکن اتھ تہٕ تام پاک تہٕ مزٕ ہُر بس۔

سُہ اوس اَتھی عالمس زِ آرڈرلی گلہٕ ژاو دراوازٕ۔

''جناب سہ نفر حض چھ بیٛہِ آمُت''۔

''کُس نفر''۔

''سہ جناب سہ کنڈی ہُنٛد''۔

''سے ہا صأبر۔ دپُس صحب چھ آوُرتس چھ میٖنگہِ باپتھ ہیڈ آفس گژھُن''۔

محمد صأبر اوس دروازس نبر کنہِ کن دِتھ بوزان۔ تس گوٚ ویہ بوٗزِتھ تسلا زِ صحب کرنہٕ تسٕنز کأم۔ سہ پژاریوٚ ونہٕ گلہٕ نِس جوابس تہِ۔ پوٚزاتھ تھوٚ دتُلتھ لوٚگ یہِ ونان ونان واپس نیرنہِ۔

''یتھ سأرِی سے گژھُن تلُک پتھ، توہہِ گژھُن خانہٕ لوٚر، توہہِ گژھنٕ میٲنۍ وَنن''۔

صحب اوس ووٚنی بیٛہِ فایلن ہِننہِ لوٚگمُت۔ فونٕچ Bell بجےیہِ۔ ''ہیلو! جناب اسلام علیکم''۔

''حُکم حضور۔ یہِ حض عبدالرحیم نِس بچہ ہنٛز فایل۔ جناب سوٗے حض چھُس ژھانڈان۔ أزی جناب کرٕ Sure سر''۔

ثمی تژ ووفون۔ ڈیکس دِژ ہہ لدِتھ دِژن پانس پیٚلہ تہٕ گرِن Bell اور ژاوٕ گلہٕ۔ صحب ووٚتھس ''تلاہ چایہ سُوٗٹھاہ چاو''۔

سہ لوٚگ پأنی پانس ہتی سونٛچنہِ۔ کوٚت پریٛشر چھ یہِ رٕحم انان نیٛچوس پلاٹ دیٛاونہٕ موکھ۔ مے تہِ چھ ہہ مُژم راسہِ کٹھ واریاہ پتھ۔ لوٚگٹ ملأزِم۔ پتھٕ

دڑ ایس ہوۄرؠ تہٕ شِکس لد۔ ژھرِ ۄے اتھو پُشرأو ہَس کرٕنۍ ہش کۄر۔ چُھنا صلاح أمِس عبدالرحیم نِس بچہٕ سنٛزِ فایلہِ سٟتی پکہٕ ناوٕ بہٕ بیٛا کھ فایل تہٕ Same۔ کیٹگری۔ مفلس تہٕ بےٚ گر۔ ہرگہہٕ تتھ کوس أنن بہٕ انہٕ یتھ کوس۔ یہٕ چھ جان موقعہٕ۔

یہٕ تام چپرأسی چاے ہیتھ ووت، صحبن أس بیٛا کھ فایل عرضی تہٕ Noting ہیتھ تیار کرمٕژ تہٕ ووٗنۍ اوس عبدالرحیم نِس بچہٕ سنٛزِ فایلہِ بےٚ گر تہٕ مفلس آسنٕچ داستانِ حقیقی قرار دِنک نوٹ لیٚکھان۔ تَس باسیوٗ زِ تَس چھےٚ زنگہٕ نٹان۔ أتھی منٛز لجہِ ٹیبلہٕ چہِ فایلہٕ اورِ یور لایہِ ینہٕ۔ گُلہٕ چپرأسی دِژ کرٕکھ صحب جی بُنٛبل تہٕ تمو دوشوٕے ترٛاو دفتر نبر ووٗٹھ۔

نبرِ اوس پرٛتھ طرفہٕ الہِ الہٕ، مکان الان۔ بجلی تارٕ نژان وُچھان وُچھان لگۍ پش تہٕ کنویرٕ تہِ ؤسِتھ ینہِ۔ الامان الامان ربا۔ پرٛتھ کانٛہہ اوس مانان زِ قیامت آیہِ۔

سُہ گوٚو کُرسی پیٹھٕ تھوٚ دۄٚتھتھ تہٕ بانٛبرِ ہوٚت دورٕ یوٗ دروازس کُن۔ گُلہٕ چپرأسی وُچھ سُہ بانٛبر یومُت۔

”جناب خأرٕ ے چھا۔ تُمۍ وون اڈِ کجہِ زبانۍ“۔

”بُنٛبل بُنٛبل“۔

”نہَ جناب از چُھنہٕ کانٛہہ بُنٛیل، از گوٚو نہٕ بُنٛیل، تو ہی گوٚو خبر کیٛاہ وہمہٕ“۔ گلہٕ

چپرأسی گُرتَس تھچھ۔ژوُنن واپس تہٕ بھنووُن گُرسی پپٹھٕ۔''جناب از چھُنہ گرٛشھان۔تِمی دوہ گوٚو۔سُہ اوسا بنیل کِنہٕ قیامت۔سأری سےٚ گوٚوسمہٕ سوٚتُر۔یِنتہٕ زن گوٚو نہٕ زیادٕ۔ ہیرِ رُودنہٕ بقایےٚ کینٛہہ۔توہہِ ہےَ جنابن گرِ کأفی نوقصان ووت۔وُچھوٕنا کأتیاموٗدی''۔

''گُلاہ ژھوپہٕ کر۔تلاہ دَم کر۔ بےٚ چھُس تہٕنٛد قأتِل۔میے کأنٛچھ تہٕنٛز تبأہی۔میے کوٚرمُلک فنا''۔

صحبس لجہِ أچھی زَن تہِ دَرِس۔ ہیرِ بوٚن گیٚس لارن۔وُسوأسی پھُٹس، چشمن دیپد مان زن تہٕ أ ٔسس ٹیبلس پپٹھ سوےٚ فایل یوسہٕ تِمی تمہِ دوہہ پٔنسس نیچو ہٕنٛدِ ناوٕ بےٚ گرتہٕ مُفلس Categarry منٛز بنأومژ أس۔



# وأری

وَق اوس یوٗروٗتمُت ، بَرمند بن اوس ژوٗپاسے خوشیوٗن تاپھ پوٚز شہرِ کس اَتھ خاصہٕ بازرس منٛز اَس نہٕ کانٛہہ ووسہٕ دروسہٕ لبنہٕ یوان ۔ژلہٕ وٕنٛن گاڑبن ہنٛز گنگراے ، دُکانہٕ شٹر والنُک کھالنُک سدا ، پٹرِ فروشَن تہٕ ریڈٕ واللن ہُنٛد کربکہٕ ناد یٚیمہِ ستۍ اَتھ بازرس منٛز زندگی ہنٛز رونق پرٛیڈان چھےٚ اَس ازغاَب ۔صرف اَس بازرِ کہِ اکہِ اندٕ دٕ بدٕ گولہٕ تہٕ بم ہِوی چلاوٕنچ ٹاسراے چلان ۔

یہِ ٹاسراے اَس منٛزی سوتان تہٕ منٛزی تیز گرٛھان تہٕ یہِ سِلسلہٕ اوس کالہٕ دِگرٕ پیٛٹھٕ جاأری ۔تَمی وِزِ گیہِ اَتھ مصرؤف بازرس منٛز ہنگہٕ منگہٕ چھلہٕ چھانٛگر ، اَڈُبو وانہٕ والبوٚ واألی دوراں دوراں شٹرتہٕ اُڈی ژٕلی وان یلے تھاأوِتھ ۔

واأران سٹرکہِ ہنٛدِ کھوورِ طرفہٕ وانچہِ لتہٕ وچہِ تل پنٛجرس منٛز بند ہور کوکُر تہٕ تَس ستۍ دوٚیم کوکرتہٕ بطخ تہِ آسی دَم پھُٹِٕ ۔ہور کوکُر اوس کلہٕ پکھن منٛز ترأوِتھ دٕیان ۔ راتھ دوپہر پتہٕ نہ ترٛ ووتَس کانٛسہِ پھَل پھوٚل تہٕ نہٕ ترٛیش ۔راأتی راتس جاأری ٹاسراے ستۍ گیہِ تم پھرٛسٕڈ تہٕ آسی پھیٚہہٕ پھیٚہہٕ کران ۔بوچھ تہٕ ترٛیشہِ نِشہِ بچنہٕ

خاطرِ لوٗگ ہور کوٗرٕ پکھن منز کلہٕ ترٲوِتھ پتھ کال یاد کرنہٕ۔

کہے دوہہ برونٛہہ اوس سُہ قاٲدِ نشہِ آزاد پانہٕ پنٛنہِ مرضی ہُنٛد مالِکھ، سُہ اوس پیٹھ پتھرِ ہُنٛد مقدم پوریک گٕنٛنے کوٗرٕ یہِ ڈٖلی زِ تہِ موقدم۔ موقدم باے مال دبد اُس تَس آیَن تہٕ گراین وُچھان تہٕ دوہس منز دوٕیہِ ترٖیٕیہ لٹہِ پھل پھوٗل کھیاوان۔ محلہٕ چن تمام رنگ برنگی کوٗرٕ بن پیٹھ اوس تَس پوٗرٕ دسگاہ تہٕ مَزٕ بدلی خاطرٕ اوس مٕنزی منزی اپور پٔور تہِ تران۔ مال دبد اُس پنٕنس کوٗرٕ سندِ چال ڈھال تہٕ دبدبہٕ وُچھِتھ اَندری وسان تہٕ تَس ژوٗرُے پہن پھل پھوٗل ترٛاوان۔ گرُک خاندار یعنی موقدم تہِ اوس خوش تکیازِ کوٗرٕ اوس سُنّت پھولنہٕ وِزِ بانگ دِتھ تَس وُزناوان تہٕ سُلہِ ووتھنہٕ اُس تَس کارس بارس جان برکت۔

ہنگہٕ منگہٕ زَن لٔج ہٲرِس کوٗرٕ سنٛزِ خوشحال زندگی نظر۔ اکہِ دوہہ آیہِ خبر زِ اپارِ پوٗرِ چھُ کوٗرکون ؤوتھمُت۔ یہِ بوٗزِتھ گیہِ مال دبد پریشان، تمہٕ کوٗر خاندارس ستی سوٗنچ صلاح تہٕ دوشوٕیو کوٗر فٲصلہٕ زِ سٲری کوٗرِین کوٗٹھرِ منز تھاونہٕ تہٕ تٔتی ییکھ پھل تہٕ ترٛیش دِنہٕ یوٗ تام کوٗرکون ژلہِ۔

پوٗز بمٲری گیہِ پھٔہلان تہٕ ہتہٕ واد کوٗرٕ گیہِ مران۔ ہور کوٗرٕ گوٗو کوٗٹھرِ منز جاے بند، تَس اوس اکھ اکھ دوہہ کوہ باسان۔ سُہ اوس تنگ یِتھ مٕنزی مال دبد تہِ ووہوان زِ اُمی ماکوٗر یہِ فتنہٕ۔

دوہا ہنیو مال دبد ژاہِ منز دوپہرس تہٕ ترٛووُن کوٗرن یڈ برِتھ پھل پھوٗلا تہٕ

ئچ تمن اکہِ اکہِ رٔتھ ڈنگ دِنہٕ۔ گوڑ روٗٹُن ہور کوٗر، تڑ کرِ تو لتھ تڑ ووٗن کتھ تام بڈِس کجا بس منز۔ وُچھان وُچھان آے سأری کوٗرأتھی ڈالہِ منز بند کرنہٕ۔ ہور کوٗر اوس ہے بنگہٕ زِ آیا کوٗٹھرِ ہُند قأدموکلتھ اوسا یہ نوِ آزأدی ہُند گوڈنیُک پڑاو، کنہٕ قأدُک بیا کھ مرحلہٕ۔

ڈالہِ وألی تُج دوٕ یوطرفو کوکروٗستی برٕتھ ڈألی نکھس تہٕ لوٗگ سڑکہِ کُن پکنہٕ۔ واریاہہٕ دوٕہی نیبرِم گاش تہٕ شوروشرٕ وُچھنہٕ کنیٚ آوٕ ہأرِس کوٗرس منز تہٕ باس لوٗگُس بروٗنہہ کُن بنہٕ یکسانٕے۔ ڈالہِ وول ووت بس سٹاپس پیٹھ، کیٚمے کألی آیہٕ بس تہٕ تمیٚ کھأج ڈألی بَسہٕ ہندِس چھتس تہٕ پانہٕ ووتھ بون تہٕ بیوٗٹھ سیٹس۔ کوٗرس لوٗگ چھتَس پیٹھ اوند پوٗکھ نظارٕ مزٕدار، بس گیہِ پکان تہٕ سُہ گوٗ واکہِ پتہٕ اکھ نظارٕ وُچھان۔ کُنہ سرسبز فصلہٕ بوٗرُت کھاہ، کُنہِ پُر رونق بر بارے ہتھ بازر، کُنہِ ژنگرا ٹُلان چوچار وأے، کُنہِ کھیلہِ مأدانن منز دروکہٕ وُنی شُری تہٕ کُنہِ آسمأنی وُچھان جانور۔ کاش! گژھِہ نا یتھ ڈالہِ تہِ جألی یلہٕ تہٕ بتہِ تُلہٕ ہاوُ پھ مگر تَس اوس تلواس تہِ زِ أخر نیا ڈالہِ وول تمن بیہِ کُنہِ کوٗٹھرِ منز بند تھاونہِ کنہٕ پڑأنی پأٹھی روزَن تم آزاد پأٹھی گندٕ باشہِ کران۔

بَس وأژ کتھ تام جایہِ تہٕ رُکے یہٕ۔ اَتہِ آسہٕ گاڑے گاڑٕ، لوٗکن ہنز سخ بر بارے تہٕ کربکہٕ ناد، کوٗرس باسیوو ہنا خوف۔ ہرگاہ تم یتھن یلہٕ تڑ اونہٕ آے گاڑِ متھن تمن، پوٗز ڈالہِ وألی وأج ڈألی بَسہٕ ہندِ چھتہٕ پیٹھ تہٕ گوٗو پکان، تہٕ

پکان پکان ووت شہر ٕکس ییتھ خاصہٕ تہٕ مصروٗف بازرس منٛز۔

گوڑٕ تھاوٕن ڈالی پتھر، پتہٕ منٛز روٗن وانہٕ چہ لتہٕ وَچہ تلہٕ کنہٕ پنجرس درواز تہٕ ترٛاوِن یم کوکرٕ بطخ أتھی منٛز۔ اتہٕ أسی گوڈٕ کینٛہہ کوکرٕ تہٕ بطخ أنزٕ تہٕ نٔوی مہمان وُچھتھ گرٕتمو پانہٕ وأنی پھسرارے۔ شاید أسی تم یمہٕ والٕہن نوٗ تاونچ ژینہٕ وَن دوان۔ ڈالہٕ وألی ترٛووٕیمن پھل پھۅل تہٕ بیٚیہٕ تھأونکھ ترٛ لیش۔

تنہٕ گذریوو پچھا، وانہٕ وول چھُ صُبحس وان ییٚلہٕ ترٛاوان تہٕ پنجرس منٛز بند کوکرن پھل پھۅل ترٛاوان، دوہس منٛز اکہٕ دوٚیہ لٹہٕ۔ منٛزی چھس خریدار یوان تہٕ چھُ کانٛسہٕ کوکرس یا بطخس نبر کڈان، منٛزی چھُ نبر کڈنہٕ آمت کوکرٕ واپس ترٛاونہٕ یوان مگر زیادٕ پہن یم نیران چھِ تم چھِنہٕ واپس پھیران۔

ہور کوکرٕ تہٕ چھُ تنہٕ وارِ پٕزاران، سُہ چھُ باضے تنگ ییتھ ہی کانچھان زِ تسنز وأری تہٕ گرٛشہٕ جلدٕ ے یِنٛز۔ شہرٕ کس أتھ مصروٗف بازرس منٛز برلبِ سڑک بند پنجرس منٛز روٗزِتھ تہٕ سوٗرہأری کوکرن یمن پندہن دوہن اکھ نوٚوِ ے عالم۔

وانہٕ وألس تہٕ خریدارن ہنٛز کتھ تہٕ سڑکہٕ اپارِ ییور دوہی دوہس سپدان واقعات ژھترٕ تھاوس سُہ پأنی پانس دِلاسہٕ دوان زِ یٚیتہٕ چھُنہٕ سُے یوت گُن زوٗن قاد بلکہٕ چھُ پرٕ بتھ کانٛہہ اکہٕ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ جاے بند آزاد گرٛشہنگ آرزو ہتھ زُوان تہٕ وارِ پٕزاران۔

اوترٕ وُچھ تمٕ سُہ خوش پوش تہٕ لۅٚبہ وُن نوجوان، ظہر یا اوُسس امین ناو،

وانس پیٹھ آو، دون اَتھن منز اوُسس واریاہ سامانہٕ ،بڈٕ خوش اوس ، وانہٕ واٗلی
ہاٗوِس زٕ ترٛےٚ کوکر، بہٕ تہٕ اوُسس وارِ پڑاران، پوٚ زمےٚ آیہٕ نہٕ تھچھ ۔

راتھے دژاو بیٚیہٕ یپاٗرٕ ،راتھ اوُسس بدلےٚ رکھ پُلسہٕ وردی اٗ سس لاٗ گتھ
بیٚیہٕ اٗ سس زٕ ژور ستی ، بڈٕ خوش اوس ۔ اوترےٚ اوسنا ونان زِ خاص پڑھن چھُ
یُن ،شاید اٗ سہس کتھ گنڈٕ مژ مگر تہنڈِ یپاٗرٕ نیرنہٕ پتے گیہِ ٹاسرا ےٚ شرٛوع ۔
یکایک گوٚ وبازر بند، ساٗنی وانہٕ واٗلی تہٕ ترٛ اٗ وژ پنجل دٕو، اِدٕ وُنہٕ چھُنہٕ گُنی نوٚن
،اَسہٕ چھُ ترٛیشہٕ بوٚچھِ ستی کاژھ گوٚمُت ۔

''کوکرن کوٚ ڈ کلہٕ پکھو منزٕ نبر اَتھی منز گیہِ گاڑن ہنزٕ گنگرا ےٚ شرٛوع ۔
لوٗکھ تہٕ لگی کم کاسہٕ پکنہٕ ، اکھ نفراوس بیٚیس ونان بر بکھ ہساہ لاشہِ ایمبولنسہٕ ،وُ چھان
وُ چھان موٗ دٕ ستھ نفر، ترٛےٚ چھِ پُلسہِ واٗلی ،اکھ چھُ سُہ امینہٕ یُس اکثر یتھ ہٹس
اوس آسان۔ دپان اوترےٚ اٗسہس نشاٗنی گرٕ مژ''۔

یتُھے کوکرن یہ کتھ بوٗزمی ترٛ وبیٚیہٕ کلہٕ پکھن منزٕ۔



# پھرٛٹھ

وونی اوس میانہٕ باپتھ یہٕ موموٕ لے بنیومُت زِ دفتریوان یایو رنیران اوٗسس بہٕ غلام قاۂ درٕنس وانس کُن نظر ترٛ اوان، اَتہِ پانہٕ قاۂ در وأنی بہتھ آسہِ ہے یا تسٕنز آشینٛی مےٚ اوس تمن کُن وُچھتھ تلواس ووتھان تہٕ سلمُن مہرٚینٛی موکھ دیدمان یوان اتہِ پیٹھ بس سٹافس تام یااورٕ یوٗن گرٕ تام اوٗسس بہٕ خبر کمن گوتن گرشھان تہٕ پان لِتھ وان پکناوان۔ پتٕ موٗ رہتہٕ وادو پیٹھ اٗس یہے کیفیتھ تہٕ ازتہِ ژاس بہٕ أتھی عالمس منٛز گرٕ۔

گرٕ وأتتھ پننِس کمرس منٛز تھٕوٛتے بہٕ پلو بدلاونہِ لوٗگُس مےٚ گوتمبکھ نارِ بم تہٕ ونہٕ وُن کنن۔ بہٕ گوٚس زن تہٕ رٕہتھ تہٕ دارِ کنی کن دِتھ کوٗ رُم تسلا زِ ونہٕ وُن کمہِ انٛدٕ چھُ چلان۔

”آو وُتھمُت چھُ محلہٕ کہٕ ہُمہِ طرفہٕ بیٚیہٕ کس تام کورِ دس۔ مگرٕ خبر چھا کتھ وُتھس دس زندگی ہُند بہار چھاونسہٕ کِنہٕ جوأنی منٛزٕ ے موتک پیالہٕ چنبس“۔

بہٕ لوٗگُس بیٚیہٕ گوتن گرٕ ھتھ پأنی پانس پرٕژھنہٕ۔

عام پأٹھی اوٗسُس یہِ پلو بدلأ وِتھ اتھ بُتھ چھلنہٕ باتھ روم اژان تہٕ اورٕ نیرتھ کچنس منٛز أژتھ آشینہِ نِش حأضری ترٛ اوان تہٕ چایہِ پیالا چیتھ نوان۔ اماز بیوٗٹھس یہِ تمبکھ نارِ بم تہٕ ونہٕ وَن گر بز بوزِتھ تگیس ستی لوتہِ پأٹھی روبوٗدٕ ہیوٚ۔ مےٚ اوس محلس تہٕ رشتس منٛز موجود تمن سارِنے کوربن ہُنٛد موکھ زَن تہٕ اکہِ اکہِ بروٚنٛہہ کُن یوان یمہٕ مانٛزِ اتھ دأرِتھ پراران چھےٚ۔

خبر کر گژھِ یمن کوربن بخت بیدار اپأرمین ہٕنٛز نصرت چھےٚ ڈاکٹریٹ موکلأوِتھ ووٚنی کنٹریکچول لیکچرر۔ پٔتمہِ وٗریہِ گنٛڈ ہس دون جاین کتھ۔ دوشوٚنی جاین گوٚ وزھبن۔ أکِس جایہِ أس ہَش یہ گارنٹی یژھان زِ خاندرٕ پتہٕ ترٛاوِ نوش نوکری تہٕ سنٛبھالہِ گرٕ کأم تہٕ دوٚیمہِ جایہِ اوس کاروبأری شخص مہرازٕ یژھان تسنٛز آشینٛ کرنہٕ نوکری تہٕ روزِ پردٕ نشین بٔنتھ۔ نُصرتن مون نہٕ یہِ شرط تمہِ ووٚن یہِ گو زِندٕ لاش بٔنتھ روزنس برابر۔ دپھ نصرتُن مول چھُ تنہٕ پریشان سُہ چھُ تتھ وقس کوسان ییٚمہِ وِزِ تٔمی کورِ بچہِ ڈگری باپتھ یونیورسٹی گژھنگ اجازتھ دیُت مُت اوس۔

نصرتن معاملہٕ ژٕتھس پاوان اوس مےٚ کاژبن منٛز پٔتمین رشتہٕ دارن ہنٛزن کتھن ہُنٛد گر بز تہٕ گتہٕ گیوٚ رکران یمہٕ تموٚری پانٛژھ مرٕ بروٚنٛہہ تمہِ وِزِ ونہٕ مژٕ آسہٕ ییٚلہِ مےٚ پنٛنی کورِ مہوش ایم بی بی ایس کرنہٕ بنگلورکس پرائیویٹ میڈکل کالجس منٛز سوز مژٕ أس۔

''کوٚرٕ گیہٕ لکہٕ ہُنٛد مال، پٔتی پأنسہِ لأرِگتھ ییٚتین وٗرین پٹھ یوت دور سوزٕنی

گیہِ نہٕ دانائی۔ کوٚرگڑھِ صحت روے تہٕ خوے آسُن تہٕ بیٚیہٕ اَچھ گاشس سمبھ علم۔ تَس بڈٕ بڈٕ ڈگری دِنہٕ چھُ مناسب جورِ میلُن دُشوار بنان تہٕ اصل وقت زالوٚ نیرتھ گڑھان''۔

بہٕ اوٚسُس تنہٕ پٔرتھ مرحلس پیٹھ اَمہِ رایہِ ہنٛز کرایہِ برداش کران آمُت ینہٕ مےٚ انگن اَشناون ہنٛز یہِ دایہِ درکنار کٔرتھ مہوش داش نداش لٲگتھ ڈاکٹری کرنہٕ سوزمٕژ اَس۔ اما أندی پٔکی کورِ بازرُک مچھر تہٕ دولابہٕ وُچھِتھ اوسُم گراپان بیقل نادان باسان تہٕ گرادانا ےِ دہر۔ یٚیلہِ یٚیلہِ مہوش سمبھ کأنسہِ کورِ رشتس یا محلس منٛز کتھ گنڈان اَسی۔ اَشناون ہنٛز یہِ راے اَس مےٚ کاڈِن گتہٕ گیوٚرتلان تہٕ بے سوکھ کران۔

تمہِ دوہہٕ تہٕ اوس یی سپدمُت یٚیلہِ آشینہٕ مےٚ وٚنمُت اوس زِ غلام قأدرنہِ سلمس چھُکھ گوٚنڈمُت تہٕ نورہتہٕ چھُ خاندر۔ بہٕ اوٚسُس یہِ بوزِتھ حأرتس پیومُت زِ أمِس سیوٚدساد اَن پٔرکورِ ہنہٕ کِتھٕ گوٚو یکدم بخت بیدار۔ مےٚ پٔرژھ وُتاوٚلی سان آشینہِ کتہٕ گوٚنڈہس تہٕ لڑکہٕ کیا چھُ کران؟

یہِ بوٚزِتھ اوٚسُس بہٕ دُل مُلس منٛز پیومیت زِ شہرِ خاصہٕ کِس کِس تام پشمینہٕ کارکرن وأرِلس ہتی چھُہس گوٚنڈمُت۔

بہٕ اوٚسُس پانہٕ ہسے ہتی سونچنہٕ لوٚگمُت۔

شکلہٕ صورٕژ، صحتہٕ کِنی چھےٚ سلمہٕ یتھ محلس منٛز لامثال۔ تسُنٛد سرِ وقد، بادأمی

چشمہٕ ، گولاب روے ہیکہٕ کانٛسہِ تہٕ تیپہٕ ریٛشس زالہٕ لاٴگتھ ۔ خبر کُس رئیس یا رئیس زادٕ چھُ یس آبہٕ چونٹھ آمُت چھُ تہٕ اوے پھچھے دِپونی تہٕ مانٛزراتھ یکہٕ وٹ ۔ دِپھ سلمہٕ چھے اَن پرتہٕ سیوٗ دساد ۔ ہاوس کڈِتھ گرٕھبس نہٕ نیٛبر ٹھاسنی خاٴراُسی ما ہکوتہٕ وٕنتھ دِپن یہِ گوناخوش گرٕھن ۔ یموتہٕ آسہٕ وُچھتھے کتھ گنٛڈ ہش ۔ کانٛہہ مول مادِیہِ کورِدوبس داٴرِتھ ۔ گوڈٕ چھُ یہِ ازل لوٗنُے زِکوٗرزایہِ نہٕ تہٕ ماٴلس ماجہِ چھُ کرونی اَژان زِاتھ موٗس گوٗژھم بروقت رُت خریدارٕین ۔

مےٚ اوس سُہ ساعت تہِ دِیدٕ مان ییٚلہِ سلمنہِ خاندرُک دوہہ باقےٚ محلہٕ والین ہٕتی وُرِپٹھ کھڑااوس ۔ مےٚ اُس سلمہٕ مہرٕینی بٕنتھ تہٕ تمہِ وِزِ وُچھمُس ییٚلہِ سبہٕ وِزِ سایانس تَل ورتاورٹنہٕ ژایہِ ۔ تمہِ وِزِ تہٕ داٴری ووٚمے پانس ہٕتی " داناد زاویہِ قاٴدر واٴنی سُلہِ گرِ واٴجن یہِ خارنکھہٕ " ۔ مےٚ چھُ سورُے داش نداش لاٴگتھ تہٕ یہِ دِزٕوُن نارٹوک کلس پٹھ ، پٹھ بہٕ ماہکبن ووٚنی کوٗرکانٛسہِ پشمینہٕ واٴلِس تہٕ دِتھ تس گوٗژھ میلن کانٛژھا برابر یاتہٕ ہم کار گوناگو بہٕ یہِ خارمے لوتےنہٕ کینٛہہ ۔ پتہٕ اوس مے پتہِ خیال آمُت زِ " اماسُہ پشمینہٕ وول آسیا حسنگ قدر شناس ۔ پزی کریا سُہ سلمنس حُسنس قدرتہٕ باقےٚ پرٕگی منساوِیاکنہٕ ............ " ۔

سلمنہِ خاندرٕ پتہٕ اُس مےٚ مہوٗشن نہٕ خاندرٕچ کل وارے گنیمٕژ تہٕ بہٕ اوسُس تس فونس پٹھ اکثر پرٕژھان زِکرموکلی ژےٚ فاینل یتھ ژٕگر جل جل واتگھ وار یاہ کامہٕ چھےٚ ۔ تہٕ تمہِ دوہہٕ شامس تہٕ اوسُس بہٕ مہوشس ہٕتی ہم کلام تہٕ تَس یِی ونان ۔

''گوٚ برامو کلاوساووٚنی یہ ڈگری جل پیٛھن واریاہ کامہِ چھےٚ۔ وقت چھُ زالوٚ منز نیرتھ گژھان''۔ تمہِ دیُت توٚراطمینان سان جواب۔

''Do not worry Papa۔ زندگی منز گژھِ کینژھا پروڈکٹو (Productive) کرنہٕ یِنُن۔ ڈگری موکلاوِتھ انٹرن شپ کٔرِتھ بناوٕ بہٕ NGO تہٕ گام گژھتھ کرٕ تِمن لوٗکن خدمت یِمن نہٕ ازتام تہِ کانٛہہ پرُسان چھُ''۔

تمہِ دوٚہہٕ فون ترٲوِتھ گیہِ نیٚبری۔ کٔنی نارٕ ہوٗلی ہِش تہٕ بہٕ تہِ ووتُس لاران لاران سڑکہِ پیٹھ۔ لگہٕ عرصاتھ اوس قٲدر وانہِ نیٚبرٕ کنہِ۔ سلمیٰ نِ موج أس باکہٕ ژھٹان۔

''یہ کُسے الغٲئِب ژھل گوم کوٗرِیے۔ بلایہِ لگے کوٗرِ مہرنہِ پانس سوٗرُکھی کوٚرُے کوٗرِیے''۔

لگھ أس اکھ أکس ستی ژوسر کران تہٕ ونان۔ اہنساسوے کوٗریٛس ہسا ژورربتھ بروٛنٹھہ خاندر کوٚرُکھ۔ گوڈ یِموتہِ نساوُ چھ تمہِ وِزِ ہرومرو پھاٹوٚکھ جواں کوٗردوبس۔ وُچھ کتھ جوٲنی گیس چھلہٕ چھانگر۔ سُہ ہسا دِپان نفرِ ے تہٕ تھےٚ۔

بہٕ اوسُس تمہِ وِزِ لکن ہنزٕ یِمہٕ کتھ بوٗزِتھ ربوٗدِ گوٗمُت۔ گرا اوسُم باسان سلمس مانٛجِ میأنی نظرِ تہٕ گرا اوسُس سونچان مےٚ کونہٕ پزٕ وژھ أمِس غلام قٲدرس تمہِ دوٚہہٕ ژےٚ کٔرتھا لڑکس تہٕ گرس متعلق پورٕ پزٕ ژھ گٲر۔

تنہٕ ییٚلہِ تہٕ بہٕ أژوٗن نیروٗن غلام قٲدرنس وانس نِش واتان چھُس بہٕ

چھُس گوتن گڑھان تہٕ یہِ معاملہٕ چھُ مےٚ دامن رٹان۔

بہٕ اوسُس أتھی عالمس تہٕ دارِ کنۍ أس ونونچ تہٕ تمبکھ نارِ ہنٛز آواز پیاپے یوان۔ اپارِ پیٹھ آیہِ مےٚ خاندارینٛز تہٕ وٕنٛن خشمہٕ سان۔

''ژٕ کیا بیٛوٹھُک از اورٕ تیٚتھے ہوٚپ تہٕ دوٚپ گرِتھ۔ مہوش لالہٕ أس فون کران تَس چھُ فاینلُک رزلٹ دژ امُت۔ مےٚ پڑژُھوس ووٚنۍ کرتڑ کھ۔ دوٚپُن اپارِ محلک عرفان تہٕ بہٕ کرو یٚیتی انٹرن شپ۔ پتہٕ بناو واین جی او۔ پکھ تر جل جل چایہِ ووت أدِ پیٹھ گژکان''۔

خاندارنہِ ہنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ وٕتھُس بہٕ تھوٚد، وَنہٕ وُن اوس وُنہِ تہِ چلان۔ امامےٚ زَن اوس ووٚنۍ پھر بکھ ہیٛوٚ تڑ وومُت تہٕ اطمینانہٕ سان ژاس بہٕ ووٚنۍ باتھ روٗمس گُن۔



# اَنہِ گوٚٹ

انجینئر غلام حسن اوس نٹبس پیٹھ تمام لوکل اخباروٗ پٕھتھ موکلیومُت تہٕ اَتھ کتھِ پیٹھ اوس خوش زِ تسُند کالم چھُ ووں بڈٕ ین اخبارن منٛز چھپیومُت تہٕ پتٕہ مہٕ ہفتہٕ کِس کالمس متعلق چھےٚ اُزی کیٚن اخبارن منٛز اکھ زِ چِٹھِ تہِ شایع سپٕز مٕژ۔ تہنٛدِس ذأتی میلس منٛز تہٕ اُس کینٛژ ولوکوفن تعمیر کیٚن نوٚین چلینجن متعلق تسٕنٛد ین خیالاتن پذیرأیی گرٕ مٕژ۔ یہِ سورُے وُپٕھتھ اوس تَس واریاہ اطمینان سپُدمُت پوٚ ز ووٚنی اُسس زبردست خاہش کأنسہِ پٔنٛنس باۄہٕ پننہِ اَتھہِ کامیأبی متعلق تہٕ لبہٕ ہے رٕژھاسکہٕ ن۔

اما گرس منٛز اوس نہٕ گرِ موہنو یو لَسس تہٕ سلامس ورأے ہنٛی۔ میڈم اُس صبحس سُلی دزٕ امٕژ تہٕ شُری چھِ خدایس حوالہٕ وہلایتہٕ۔

انجینئر غلام حسنن ترأو دارِ کنٛی مکانہٕ سیٚدِ سیوٚ د بُتھِ عالیشان لرِ کُن نظر یتھ برمندنیٚن زَن تہٕ شال وُنگان اُسی۔ اتہِ نہٕ اوس کانٛہہ ستھ نہ صدا۔ اَتھ مکانس پوریونہٕ زانٛہہ۔ پتٕہ مین ترٕ ہن وٕرین منٛز آوٕ یہٕ کرِٕہایہٕ پھِرِ کنٛنہٕ۔ کُنہِ کالس چھُ اتہِ زندگی ہُند چُری گیُش روزان تہٕ پتہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژھوپہٕ دَم۔ منٛزی کانٛہہ کرایہِ

دَر روزنہٕ یوان تہٕ مٔنزٕ مکانہٕ بیٚیہٕ خٲلی روزان ۔ شام سپدٕ وُنے چھُ أندی پٔکی مکانن أندرٕ نیبرٕ زول آسان ۔ اتھ مکانس چھُ وٲنا کھانہٕ گوٚٹ نال وَلان تہٕ اَچھ اکھا کھ سپر چھےٚ زَن تہٕ وٲران آسنک بارودِوان۔

انجینئر غلام حسن چھُ پننہٕ تنہائی منز پھِرٕ وادن اَتھ مکانس کُن مُدے گنڈِتھ روزان ۔ سُہ تہٕ خاص پٲٹھی شامس بٲ گی تہٕ اَمہِ وِزِ چھُ سُہ خبر کیاہ أندری دٲریان باسان۔

انجینئر صأبن ترٲ واتھ لرِ ہیٚرِ بون نظر ۔ اَمی مکانکی پٲٹھی باسیوس پنُن وجود تہٕ زَن وٲران تہٕ ژھوٚ رُے ۔ وُہ شاترٲ وِتھ دژا وکمرِ منز نبر تہٕ وٚوتھ بون آنگنس منز ۔ اَتہِ اوس سلام آنگنس صفائی کران ۔ صاحبن وٚون تس یہٕ نیرٕ تام بازرتہٕ دژاورَسہ رَسہٕ بازرکُن ۔

میڈم یٚیلہِ گرٕ واپس وٲژ آفتاب اوس لوسنس تیار ۔ سأری ہےٚ أس سورخی پھیرنہٕ اٚچھِ ۔ آنگنہٕ سبزارُک تہٕ ایور گرین ہُنڈ آکارتہٕ اوس اَمہِ سورخی ستی بیٚیہٕ ہن مأری موٚ ند سپدِ مُت ۔ سوٲس سبٹھاہ خوش زِ تسُند راتک سٹیٹمنٹ اوس از شہرٕ کین تمام بڈبن اخبارن منز نُمایاں پٲٹھی شایع سپدِ مُت ۔ تسنز پارٹی ہندی قایدِ اولن تہٕ اوس تس ٹیلی فون کٔرِتھ بروقت بیان دِنس پیٹھ مُبارک کوٚرمُت ۔ تس اوس خیال زِ گرٕ أژِتھ کرِ تسُند خاندار انجینئر غلام حسن تہٕ ضرور اَمہِ بیانک تذکرٕ تہٕ اتھ اہم مَسلس پیٹھ باوِ پننی رأے ۔ پوٚ زسو یٚیلہِ خاندار ہٕندِس کمرس منز ژایہِ تس گوتعجب زِ

یؤت ژیرِ تہٕ اوس نہٕ انجینئر صاب اتہ موجوٗد۔ سو دژاے واپس تہٕ سلامَس کوٗرُن آلو۔

''سلامایہ کتہِ چھے صاحب''۔

''سُہ حض دژاو آ دی پیشنن بأگی بازراد وُنہِ ناحض پھیورنہٕ اوٚر''۔

''ووٚنی ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ کاراوسُس اوے چھُس وانہٕ پینچن پیٹھے قرار یوان''۔

میڈمہِ وٚون پانس ءستی۔اَتھہ ءستی دیُت تمہِ سلامس آلو۔

''سلاماتلہٕ باچایہِ پیالا بناوتہٕ مےٚ چھےٚ کاڑہن دٚگ''۔

''نہ حض تہٕ چایہِ بناواتو ہے یأژ کرژ کنہٕ صاحبس خاطرِ تہٕ''سلامن وٚون در جواب۔

''انو تام مےٚ سوثب بوز وییٚلہِ صاحب ییہِ''میڈمہِ وٚونس بڈٕ ہٹہِ۔

میڈم اُس لابی منز چاے نوش فرماوان تہٕ ءستی پانس ءستی اَنٛمرِ اخبار فایلہِ پھیُر پھیُر دِوان۔ یمن اخبارن منز اوس سماجی بدعتن خلاف تُسنٛد بیان چھپیومُت۔کُنہِ دُوکالمی تہٕ کُنہِ سُرخی تہٕ کُنہِ بوکس ایٹم۔

لرِ نٛیبرِ کنٛز اوس ووٚنی شامچہِ سورخی گٔتہٕ پچھرأ ژھُنداِنہار روٚزمُت۔غلام حسن اوس بازر نیرتھ پارکہِ چکر پوٚنشہٕ کرنہٕ پتہٕ ووٚنی واپس پھیوٚرمُت۔ ٹھٹھہٕ مسخری منز اوس تس آدی سُلہٕ خوجن وٚونمُت۔

''انجینئر صاب ریٹائر گژھنہٕ پتہٕ چھو ووٚنی توٚہی کچنس تامے موژ ءمتی۔مگر

تھٲنز میڈم چھےٚ بڑ لایم لایٹہِ منز۔ ازتہٕ چھ سأری اخبار تھٲنڈ بیانہٕ ستی بٕرِتھ‘‘۔

انجینیٖر صأبس گیہِ سُلہٕ خوٗژی یہِ کتھ زَن تہٕ تٕرِتھ۔ تس اُس نہٕ میڈمہِ ہُنٛد بیان اخبارس منز چھپنچ تیژ پریشانی یوٗت تَس یہِ محسوس گوٚو زِ اُز کُس اخبارس منز تہِ ہے تسُنٛد بوٚڈ کالم چھپیو مُت اوس۔ یتھ منز تٔمی فنِ تعمیر کمن موجوٗدٕ دورٕکمن تقاضن تہٕ مقأمی رِوایژ تفصیلی سام ہیٚژمژ اُس۔ اما سُلہٕ خوٗ جس تہٕ دوٚیمن پرن والین آونہٕ سٕہ بوزنہٕ تہٕ تھٲنزِ آشنہِ ہُنٛد بیان یُس محض اکھ Routeen Statement اوس آکھ چھاوتھ باسنہٕ‘‘۔

انجینیٖر صأب چھُ پننہِ محلک یہِ ڈٲپی زِ تہِ پوٗرٕ علاقُک بارسۃٕ موہنیوٗ لیس دوٚلتچ کانٛہہ کمی چھنہٕ۔ حویلی ہیوٚ مکانہٕ آسنہٕ علاوٕ چھُ تَس شہرٕ کِس خاص بازرس منز اکھ گیسٹ ہاوس تہٕ ریسٹورنٹ چلان۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھُ واریاہ زمین جائیداد۔ تسُنٛد زٕیٹھ ہیوٚ نیچو چھُ کاروبارٕکِس سلسلس منزٕ ے آسٹریلیا سیٹل۔ تس ستی چھنہٕ انجینیٖر صأبس زیادٕ لیف اُلیف تہِ کیازِ سٕہ چھُ تس گوڈنچہِ آشنہِ ساجُن اولادیس تٔمی خاندرٕ پتہٕ ژورٕ پانژٕ ؤہری موکجار دِتمٕت چھُ۔

انجینیٖر صأبن چھُ نزہت میڈمہِ ستی لو میرج کوٚرمُت۔

تمن دوٚہن اوس سٕہ دور پرنگ علاقس منز اسسٹنٹ انجینیٖر۔ میڈم اُس ایم اے کرنہٕ پتہٕ اکھ رضا کار تنظیم چلاوان زنانن تہٕ شُربن ہنٛزٕ بہبودی متعلق۔ اُکِس عمارژ ہنٛز تأمیرچہِ کامہِ منز خأمی کڈان اوس نزہت جی، اے، ای۔ غلام

حسنس مجادلہٕ لوگمُت۔

سوٲس سېٹھاہ خوبصوٗرت۔تسُند انگ اوس منہٕ مون۔تسُند کلامہٕ کرنُک اندازٕ تہٕ آرگیومنٹ اوس پریہٕ وُن تہٕ پُر اثر،انجینئر صاٮ۪بن ہورنہٕ صرف بحث بلکہٕ دِل تہٕ۔اَمہٕ پتے بنیہٕ تِم پانہٕ وٲنۍ دوست تہٕ یُہے دوستی بنیہٕ انجینئر صاٮ۪بنہٕ گوڈنچہٕ خاندرانہٕ ساجس طلاق دِنُک تہٕ نزہت جی ہِنزِ مَس مِلہٕ خاندر کرنُک باعث۔

انجینئر غلام حسن اوس گرِ کُن قدم قدم دِوان تہٕ میڈم نُزہت ہِنزِ گذریمژ زندگی ہِنز بن مختلف پڑاون سام ہوان۔

گوڈٕ گوڈٕ اوس سُہ اَتھ رِشتس پیٹھ سخ وِسان۔تٔمۍ پرووواریاہ سوکھ تہٕ میڈمہٕ ہاوتَس نوکری ہِنزِ کاروبارس کُن وَتھ تہٕ زیونمُت پٲنسہٕ جان پٲٹھۍ کامہٕ لاگنُک طریقہٕ کار۔مگر یوت یوت کٲم کارتہٕ اثرورسوخ بڈان گوٚ وتیوٚت تیوٚت لوٚگ انجینئرس پان بے بس باسنہٕ۔تس باسیوو ساجس اوس سُے خاندار ییلہٕ زَن ووٚنۍ میڈمے تَس خاندار چھےٚ تہٕ سُہ چھُ تسنز گیچہٕ گنڈنہٕ آمُت۔کاروبارس،شُرن ہنز تاٲلیمہٕ،رشتہٕ دارن ہِنزِ تعلق دٲری پژتھ معاملس منز اوس میڈمہٕ ہُندُے خیال حرفِ أخر۔یوٚت زِ شُری آیہٕ تسنزِ مرضی خلاف پرنہٕ گوڈٕ دِلہٕ تہٕ پتہٕ امریکہ سوزنہٕ ییتہٕ تِم ووٚنۍ کاروبار کران چھِ۔کمتری ہِندِ احساس نِشہٕ بچنہٕ خاطرٕ بنٲو انجینئر صاٮ۪بن انجینئرن ہِنز اکھ ایسوسی ایشن یوسہٕ بدل وِنہٕ دورکین تقاضن ہِنزِ روشنی منز طرزِ تعمیر کس موضوعس پیٹھ کٲم چھےٚ کران۔سُہ چھُ ریٹائر منٹہٕ پتہٕ ووٚنۍ متواتر اَتھ

موضوعس پٮ۪ٹھ اخبارن ، رسالن منٛز لیکھان تہٕ مٕنزٕ سیمینارن منٛز تہٕ شرکت کران۔
اما پوٗز تس چھُ ارمان اتھ کامہِ پٮ۪ٹھ یوسہٕ ملک گیر پذیرٲیی تس چھٕنہٕ اتھ تہٕ اِی میلہٕ ڈٔسی سپدان چھٕ سُہ باوِہے سُہ پننٮ۪ن شُرٮ۪ن تہٕ آشنہِ۔ امریکہس منٛز کاروبار کرن والین شُرٮ۪ن چھُنہٕ اتھ منٛز کانٛہہ دلچسپی تہٕ نہ کانٛہہ فرصت تہٕ تَس ہٮ۪کی گرس منٛز یکوٹہٕ روزن واجینٛز میڈم نزہت تہٕ چھےٚ سبٹھاہ آوٕر۔ سو چھےٚ شُرٮ۪ن ہُنٛد کاروباریور کہِ طرفہٕ چلاونہٕ علاوٕ پننٛز NGO چلاوان۔ یٮ۪میک رپورٹ تس پزٕ بتھ رہتہٕ ویانا ہیڈ کواٹر سوزٕنی پیوان چھُ تمہِ چھےٚ اکھ مقامی سیاسی پارٹی تہٕ جوین کٔرمٕژ تہٕ سو چھےٚ ووٗنی اَمہِ جماعژ ہنٛز زنانہٕ شاخہِ ہنٛز سربراہ۔ تس چھُ دوہے پارٹی دفتر واتُن پیوان لوٗکن تہٕ کارکُنن سمکھُن پیوان تہٕ میٹنگن منٛز گژھُن پیوان۔

گرٕ نزدیک وٲتتھ ڈِژ انجینئر غلام حسنن پننس مکانس لرِ لوٗرٕ خٲلی مکانس کُن نظر۔ کٹہٕ پچھ چہٕ رٲژ اوسس وٲنا کھاَنہِ گوٗٹ اتھ نال وٕلتھ۔ سہٕ ژاور سے گرٕ تہٕ لوٗگ پننس کُٹھس کُن پکنہِ لابی منٛز چاے چوان آشنہِ کوٗ رُس آلو۔

"ووٗنی چھے صرف بازرٕ بےقرار یوان وٕلو چایہِ پیالہ چیٚو"۔

سُہ پھیوٗر پوٗت دَزان دَزان بیوتھ میڈمہِ برونٛہہ کنہِ پتھر۔

"کیاہ ووٗنتھ بازار ورٲے چھُم نہٕ قرار۔ نساتہٕ ییٚتہٕ کس نشہِ بہمہِ زِ قرار تیم"۔

تمیٚ وٗون شکایتی اندازس منٛز۔

''سلاما وولوانو صاحبس خاطر کپ'' ۔ میڈمہِ ووٚن تسنٛز شکایت نظر انداز کران۔

صاحب اوس سونچان زِ سُہ کرِ اخبارس منٛز تہندِس چھپیمتِس کالمس متعلق کتھ شروع پتہٕ کرِ میڈمہِ اَتھس تھپھ تہٕ ہاوبس طرفا توپٹھ تہنٛدِس تحقیقس متعلق یوان ای میل پٔنٛنس کمپیوٹرس پٹھ۔ تمہِ پھیٖرِتس چایہِ پیالہٕ سُہ اوس تَس مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ اَمہِ بروٚنہہ زِ سُہ کرِ ہے کلامہٕ شروع میڈم وٕ ژھس۔

''اَز ئِک اخبار آسی وُچھمُت''

''آ تٔمۍ ووٚن کلہِ گلہٕ ناوان''۔

''اَتھ منٛز چھُ میون بیان چھپیو مُت۔ چاے چیتھ دِتہٕ مے اَتھ Cliping سیٹ کڈِتھ یُس بہٕ سکین کٔرِتھ ماہانہٕ رپورٹس سیٖتی جوڑ''۔

انجینئر صابس زَن تہٕ گو چاے دام گٔکس منٛز رٕہتھ۔ تس اٚس سُلہٕ خوٚتی کتھ بار بار کٔنن گرٛژھان۔ تٔمۍ ترٛاۍ ومکانہٕ سیٖدِ سیوٚ دخٲلی مکانس کُن نظر۔ تس باسیو وَامہِ مکانک سورُے ژھر بر تہٕ اَنہِ گوٚٹ زَن تہٕ تس نال ولان اوس۔



# ٹُنل

گاڑِ اوس خوفناک چڑایہِ واپسی ہُنٛد سفر شروع کٕرمُت۔ کارِ منٛز ڈرٛیورس ورأے ترٛیشوٕے نفرٕ أسی تنگ سڑکہِ ووکھٕ چڑایہِ کھسان ترٛہرٕ ہمتی باسان۔ دپ سڑک پیٛٹھ کٕڈرٕ رٕ تہٕ پُرخطر أس اؤند پوٚک اوس تیوٚتےٚ لؤبہٕ ووٚن۔

زیٛوٹھ سر سبز پہاڑی سلسلہٕ تا حدِ نظر گہُل جنگل تہٕ تمہِ اپور سفید شیٖنہٕ وٕلتھ کوہ مالہٕ، بالہٕ دامنٕ وسہٕ ووٚن نالہٕ یُس دٔور چڑایہِ پیٛٹھٕ اکھ لوکُٹ دٔرٕ اوس باسان۔

منظور احمد، سریندر سنگھ تہٕ جیلأنی أسی أتھ بالس ٹنل تارنہٕ کہِ پروجیکٹ کہِ سروے باپتھ أتھ کٕڈٕرچڑایہِ اپور ترٛتھ اور وأتی ہٕتی تہٕ کأم أنز رأوِتھ أس واپس پکان۔

منظور احمد ن اوس جیلہ زورٕ جبرٕ پانس ہٕتی اونمت یِتھ سہٕ دٔور علاقس کُن گژھتھ جایہِ پھیُر کرنہٕ ہٕتی تمہِ ربودگی نشہِ پھیرِ یوسہٕ تَس ہمیشہِ نال وٕلتھ باسان چھےٚ۔

جیلانین تہٕ اوس اِمو کھٕ آنکار کٕرمُت یِتھ تَس أتھ ٹنل پروجیکٹس ہٕتی کأم کرنک موقہٕ میلہٕ، سہٕ اوس یژھان پننہٕ گر محلہٕ تہٕ انگ أشناو نشہِ دور تنہائی منٛز وق گذارُن تہٕ یوت دور ڈیوٹی ہیکہِ ہےتَس یہِ مقصد پراونس منٛز بکار لگِتھ۔

ڈرٛیوراوس تہٕ ہُشیار مغزتہٕ ماہر دپھ چڑایہِ سڑکہِ أسی تتھی کٕڈرٕ موڑ نیٛرتھ

موڑس پیٹھ اوس باسان شاید گیہِ کارڈُلہٕ تہٕ سوارنفرن اوس محسوس گژھان زِ وُنی ما
ییٚن سائنی تان یتھ بالس چھکراونہٕ تہٕ پتو گژھن بون نالس منٛز مگر موڑ کراس
گٔری تھےٚ اوس باسان زندگی لوٚب ایکسٹنشن گرٕواتو وار کارٕ۔ گرٕکی گژھن خوش تہٕ
پگاہ دِمو دفتر کین پروجیکٹس متعلق رپورٹ تہٕ ہرگاہ پروجیکٹ منظور گو بار بار پییہِ
اَمہِ کڈٕ رسٹرکہِ گُذرُن۔

''تلہٕ ساوستاد یہِ ٹیپ ریکاڈر کرِ آن بوزناوکینژھا ترٛ ومبہٕ ترٛ ومبہٕ۔ تام لگو
أتھی کُن''۔ وۄتھ منظور احمد۔

''آ تام موکلہِ یہِ ووکھ چرٛائے'' یہِ ووٚن سریندرن چندہٕ منٛز چنگم تہٕ ٹافی
کڈِتھ باقٕے سوار بن کن پلہٕ ناوان۔

اما جیلانی اوس ربودٕ ہیٚو سَنٛرس منٛز وَسوٕنس نالس کُن مُدعے گنڈِتھ۔ تَس
اوس امی نالکی پأٹھی زَن تہٕ پان دون تھدبن بالن درمیان شروکان تہٕ ڈوکان
باسان۔ پرٛتھ طرفہٕ اُسی تَس وأ راگ تلٕوِنی زِ سوال زَن تہٕ پتہٕ لاران۔

''کیاز دیٚیت تمہِ مےٚ دغا تہٕ کیاز لوٕر روٗن میانہِ پرٛژھِ ہُند کٔدل ووٚنی کتھ
تہٕ کس پیٹھ کرٕ بہٕ پرٛژھ''۔

یکایک گو بیونب۔ رۄدٕ پھری لأ رِگن تہٕ دوٚیمس موڑس تام واتان واتان
گٔرن ترٛژھ وُنل زِ ڈرائیورس پییہِ گاڑی رُکاوٕنی تہٕ گاڈِ منٛز سوار سأری نفر لگی پریشان
گژھتھ خودایہِ کرنہِ۔

منظور احمدن وَنُن اوس تِتھس خوفناک روڈَس پێٹھ تِتھس موسمس منٛز پکُن گیہِ خودکشی۔ وُنل اُس تیژ گنیمژ زِیہِ طے کرُن تام اوس مُشکِل باسان زِ گاڑی چھا ٹھیک پأٹھی سایڈس تہٕ ہرگاہ پتہٕ یا بُتھ کانہہ گاڑی نانجار پأٹھی آیہِ پتہٕ کیا بنہِ'' ۔

سریندر لوٗگ باقے نفرن دِلاسہٕ دِوان وننہٕ ۔

''وارے گرو وکرِ مہربأنی وُنل روز بس نہٕ جادس کالس'' ۔

پوٗز غلام جیلانی اوس وُنہٕ تہٕ ہوٗپ تہٕ دوٗپ کرِتھ زَن تہٕ وسوٕنس آرس ستی ییر گرٛھتھ خبر کوٗت ووتمت ۔

تس اُس پننہِ زندگی ہنٛدِس اہم موڑس پێٹھ وأنا کھ وُنل نال وٕلتھ گأمژ ۔

وُنل اُس رژھِ کھوتہٕ رژھِ گنان ۔ ''کرٛا ضروری چھےٚ یہِ ٹنل امہِ ستی گژھِ بالِ اپارِ ییور روزن والین درمیان 40 کلومیٹر فاصلہٕ کم تہٕ سفرتہِ روزِنہٕ یوت کڈُر'' سریندر اوس منظور احمدس کُن وَنان ۔

''اہنسا ٹنل بوزو پتہٕ فلحال گرٛھی از ییمہِ تاونہٕ منٛز موٕکلنٕ'' ۔

منظور احمد ووٗتھ وُتاوٕلی سان درجواب ۔

''ہے صاحب جی ، مہ بانبر یو روزِ کتِس کالس یہِ وُنل ، ووٕں گومےٚ دِیو اجازتھ سگریٹ زالنس ۔ مےٚ آیہِ بڑٕٹھ ۔ دِلاسہٕ دوان ووٗن ڈرائیورن ۔

تمیٚ ہنٛدِ لایٹر زالنہٕ وُچھ وُنلہِ منٛز سارِوے اکھ اُکس بُتھ ۔ سارنٕے اوس بُتھِس وہ شلُن پھیوٕ رمُت تہٕ امہِ ستی کوٗرتمو وُشنیر ہیوٕ محسوس تہِ کیا زِ بالہ تھزرس

پٹھ اَس وُنلہٕ ستیٖ ترٕ بٕرٕ ژ زھٹہٕ ہن تہٕ۔

''ہیو جیلا ژٕ تہٕ کرتا کتھاہ'' منظور احمد وۄتھ بیٚیہٕ غلام جیلانٕ نیس کُن مگر سُہ اوسے نہٕ زَن اتہٕ سُہ اوس خبر کمن گوتن۔

''اٰخر کیاز دیٚت تمہٕ مےٚ یُتھ دوکھ تہٕ کوٚرنس ہور کاو ہیوٚ، سُہ لوٚگ پتھ کال یاد کران دأیرٕ نہٕ''۔

پانژھ، شےٚ ؤری بروٗنہہ اوس سُہ سبٹھاہ خوشحال تہٕ خوش مزاج نو جوان یہنز شرافت تہٕ لیاقت دہشوٚے قبیلہٕ تھبکان اوس۔ سُہ اوس کتھ تام جان کمپنی منز سعودی عرب انجینئر۔ گرٕ کیوٚ کوٚرس اسرار زِ نیتھر کرتہٕ تموٚے ژھونڈ گرٕ تہٕ کوٚر تہٕ۔ اٰخر سپُد دُم دامہٕ سان خاندر سو تہٕ اَس انجینئر تہٕ سرکأری محکمس منز مُلأ زِم۔ تمیٚ کوٚر نہٕ گرٕ کین ہنٕدس فأصلس کانہہ زیادٕ تجھ تجھ۔ خاندرٕ پتہٕ رٕبتھاہ بأ گرووتس آشنہٕ جان لول تہٕ گرٕ کیوٚ کوٚرُس اسرار زِ خاندارٕنۍ تہٕ نِن سعودی عرب۔ اما خاندارنہٕ وۄن زِ پاسپورٹ کاغذ چھ نا تیار اوے دژ اوسُہ یہٕ ووہمید ہتھ زِ جلدٕ ے گژھ تہنز آشنہٕ ہنٕد پاسپورٹ تیار تہٕ سو تہٕ وات تہٕ سعودی عرب۔

اما تَس اَسی نہٕ پے زِ تَس چھُ پاسپورٹ بناونہٕ آمُت۔ تَس آو ونہٕ ویرفکیشن چھنہٕ مکمل سپدان تہٕ سُہ رٕو د پرٕ تھ صُبحس تہٕ پرٕ تھ شامس پژ اران یوٚ تام 10 رٕبتھ گےٚ تہٕ سُہ بیٚیہٕ چھٹی پیٹھ آو۔ چھٹی ہنٕدِ رٕبتس دوران گرٕ خاندرانہٕ تَس لولہٕ متہٕ لاے تہٕ افسوس بوٗن زِ پاسپورٹ میوٗل نہٕ تَس تہٕ کیاز تُسنٕد مول چھُ کتھ تام

وولُہر شہِ منٛز سرکار مخالف کارکن اوسُمت ۔ یہِ بوٗزِتھ ووتھ سُہ آشنہٕ زِ سُہ گژھِہ سعودی عرب تہٕ ژھانڈِ ییٚتی کیٚنہہ کأم کار۔ اماسوٕ ژھس مردس پھچھےٚ شۄب کامہِ کارٕ ستی ۔ یوٗت پأنسہٕ مابنہِ ییٚتہِ کرتام زٕتژے ؤری یہِ نوکری تہٕ سُہ دژاو بیٚیہ اکہِ ؤری یہِ باپتھ سعودی عرب۔

سوٕ اَس تَس ٹیلیفونس پیٹھ سخت ماے ہاوان تہٕ آے کانچھان تہٕ دور برنہ زرنگ باس دِوان ۔ امہِ ستی اوس پردیس منٛز اکھا کھ ساعت تس اکھا کھ قیامت باسان ۔ اما طویل انتظار پتہٕ ییٚلہِ سُہ بیٚیہ گرٕ آو تہٕ تمیٚ واپس نہ گژھنک اعلان کوٚر تسنٛزِ خاندر گیہِ خوش گژھنہٕ بجایہ پریشان ۔ تمہِ لوگ تس زِشہِ دور ہیٚون ۔ سوٕ اَس گرِ سُلہِ نیران تہٕ شامس ژیرتام اَس نہٕ واپس یوان ۔ جیلانیس گو کیاہ تام شک ۔ تمیٚ کوٚر یوت ژیرینس پیٹھ اعتراض ۔ چھلہٕ پھوٚل سپُد تہٕ اَخر دژایہِ سو پگاہ صُبحس یہِ ؤنِتھ زِ سوتر او ووٚنی نوکری اما پتہٕ آیہِ نہٕ پوٚت پھیرِتھ ۔

غلام جیلانیس کوٚر تہٕ سند بو مالنیو کور غأب گرِتھ قتل کرنُک پُلسہٕ کیس ۔ تمیٚ دِنی پھنزارِ زِ تَس نیرنا پے پتاہ البتہ ییٚتے ننیوس سوٕ اَس محلہِ کِس کس تام بُڈس صاحبس ستی گوڈ پیٹھے نألی نال ۔ تمہِ اوس زانِتھ مانِتھ تِھس نفرس ستی خاندر کوٚر مُت یس گرِ دور اوس ۔ یُتھ تس پورٕ آزأدی میلہِ ہے ۔ تُہند واپس یتھ ییٚتی روزنہٕ کہِ فأصلہٕ اَس سو پریشان گمژتہٕ دپان تمیٚ صاحبن چھُ تَس کتھ تام میٹروشہرس منٛز فلیٹ تہٕ دیاونو وُمت تہٕ نوکری تہِ ۔ سُہ تہٕ چھُس توٗری سمکھنہِ گژھان ۔ اما جیلانیس ننیو ونہٕ

از تام اَمہِ کتھِ ہُنڈ کانُہہ ثبوت۔ سُہ گو پانے ہور کاوۆنتھ۔ تس چھ یاردوس ٹاوس
ٹُلان۔ انگ أشناو چھس نۆ وۆنیتھ کرنگ باند باند کران۔ اماتس چھےٚ بےٚبُسی نال
وٲلتھ۔ سُہ اوس سونچان کاش سو پیٚیہ ہے تس بُتھِ سُہ نیٖہ تَس بلا پوچھے قتل کٔرتھ۔
جیلأنی اوس أتھی گُنہس زِ منظور احمدن ترٛ ووتَس شانن اتھٕ ستی ٹاس ہیوٗ۔
وُچھوو وُنلہِ ہأگیہِ فرق۔ وَزھر ہیوٗ ہا گوٚو۔ سُہ گوٚو مَژِہند رِزن بیدار۔ وُنل آسخت
وُنل چھےٚ تمی وٚون وور شورونٕہ کہِ اندازٕ۔

''نساتہٕ ژٕ اوسُکھ أندری أندری ژٕندر گام ووتمُت۔ وُنل أس اُدِپٹھ
بوزنے اوس نہٕ یوان کینُہہ''۔

منظور احمدن وٚون جیلس کُن ستی پھرِن ڈرائیورس کُن روخ تہٕ وۆننس۔

''ہے ووستا یکھ ساہیٚہ خودایہِ سُنڈ ناوتہٕ دِوارٕ وارٕ قدم''۔

''یہِ گوخودایہِ سُنڈ قودرت مےٚ دۆپ ظأہر یا یمو نہٕ أسی اَتھی کُنہِ ییمہِ چڑایہِ
پٹھ ہرگاہ یتھے زٕرٕ گرٛژھِہ اورٕ یورٕ''۔ یہ اوس سر ییند رونان۔

''وَتہٕ گتن لگہِ نہٕ یژھن کتھن کھوژُن۔ سفرس منز چھ یوانٕے کم کم مُشکل
دَپھ دوہے نہ روزان کینُہہ۔ پژھ گٹہِ پتہٕ چھُ گاش یوان۔ بنی آدم گرٛژھِہ نہٕ ہمت
ہارُن''۔

غلام جیلأنیس گیہِ ڈرائیور سنٛز کتھ زَن ترِتھ سُہ لۆگ سونچنہِ ہرگاہ یہ ووستہٕ
یوت پرُووہ مید چھُ حالانکہِ وُنی اوس یہ ووکھ وُنلہِ منز پھسیومُت، سُہ کیازِ ترٛ اوِز وۆنچ

آش تَس تگہِ نانیرن تمہ وُنلہِ منز یوسہٕ تس نال وٗلتھ چھےٚ سرفس ہٕندی پاٗٹھی۔

تس پیوو یاد مامہٕ کاکن کٔتیاہ جسہٕ خاز آسی تس گری متی اوتہٕ تَس خاندر پتہٕ دویہ رٕتی بے سرگمٕژ کور ہٕندِس منز یوسہٕ وچھ بلک نار جوانی ہٕندٕ بن یمن ایامن منز برداش کران آمٕژ چھےٚ۔ مےٚ پزٕ تَس پتھ پڑھ کرٕنی تمی دٲیر بیبہٕ پانسے ہٕتی۔

وونی اوس نب صاف گومُت تہٕ مٔدرتاپہٕ لوٗ تہٕ اَس ڈلونہٕ دوہہ دزٲمٕژ۔

گاڑی اَس ٹاپ کراس کرتھ دوٚیمہِ طرفہٕ وسوٕنس منزلس کُن لمان۔

"ٹنل بٔنتھ بیہ یتھ سڑکہ سفرس منز"۔

منظور احمد اوس ڈرائیورس ونان تہٕ غلام جیلانیس تہٕ اوس گوڈنچہ لٹہِ اَتھ سفرس منز کیاہ تام مزٕ دار ہیوٗ سپدان باسان۔



# ہٕند رٲثار

کمرس منٛز لگِتھ گرٕ ووے باہ بجنٕگ آلارم یِیمہٕ سٍتۍ ہیرِ بوٚنہٕ مکانس تہٕ ہمسایہ لربن ہنٛز سِر ساوِی خاموشی زَن تہٕ پھٕٹ ہش ۔ بہٕ اوُسس صوٗفس پٮ۪ٹھ بہتھ اَز دوہس گذارٕ متین کُڈربن کیو مٮ۪ٹھن ژِہن پھیوٚ ردِوان۔

شُری اُسی شوٚنگتھ تہٕ آشِنٛز تہٕ اُس بڈس پٮ۪ٹھ دراز ۔ یوٚ ہے اوس وق تھوٗ تہٕ روٗ سُتے کتھن سنگ یا انٹرنٮ۪ٹس پٮ۪ٹھ تہٕ وچھنک یِہ نہٕ اوٚ تام ممکن اوس۔ میٲنہِ اوٚ نگجہٕ لجہِ پٲنٕی پانے سرفنگ کرنہِ یوٚ تام زِبٲے جانہٕ رَلیوو۔

بٲے جانہٕ چھُ عیال ہتھ انگلستانکس لیورپوٗل شہرس منٛز روزان ۔ از کل چھُ تَس سٍتۍ بس انٹرنٮ۪ٹہٕ ذٕریہِ رٲبطہٕ ۔ دوٚیہِ ژور دِوہۍ چھُ ضرور تمۍ سُند پاغام یوان ۔ منٛزی یِتہٕ بنان زِیِیمہٕ دوہہ مےٚ طلب آسہِ تَس خٲطرٕ پاٹھ پرٕ ژھنس تمہِ دوہہٕ نہٕ تس محل آسان یا نہ نٮ۪ٹ رلان۔

از اوس نہٕ مےٚ تَس سٍتۍ چیٖنگہِ ہُند کانٛہہ غرض ۔ پوٚز او نگجہٕ ؤٹھ پٲنٕی پانے زَن تہٕ گندان رلیووسہ تہٕ تمۍ لیوٚ کھ۔

''ہاے باے جان اُسی چھِ سٲری وارٕ پٲٹھۍ ووٚمید چھم توہۍ تہِ اُسو ٹھیک

پاڑھی۔ ییتہٕ چھے زبردست روٗد روٗدے تہٕ ستی ترتہٕ۔ توہہٕ آسو اتہٕ از جان گرم"۔

"آشُکر تہنٛدِ دُعایہِ خاطرٕ چھِ اَسی ساری تہٕ خاطرٕ سان۔ یَس گرم چھُ جان واریاہ کالہ پتہٕ چھیٚہ ہو کھے۔ رُٕ دأنی اَنی چھٕنہٕ پہوانے ییہٕ بوزناوِو" مے لیوٚکھ درجواب۔

"بیاجی خاص نہٕ کینٛہہ دِپھ خبر کیا زِ پہووٕ مےٚ ازہنگہٕ تہٕ منگہٕ پٔتُن سُہ گام یاد۔ مےٚ اوس از واریاہہِ کالی آف تہٕ اوسُس کمرس پننس منٛز سامانہٕ سجاوان صفائی کران۔ مے پییہٕ أکس پرأنس دوا ڈبس پٔتھ نظر یُس بہٕ واریاہ ؤری بروٚنہہ پٔڈتھ رہتہٕ ییتہٕ پتہٕ لالس جنٛتیس سوزان اوسُس۔ مےٚ زَن لُج تھپھ ہش" سُہ گوٚ ورواٚنی سان جواب لیکھان۔

عبارت پران پران لوٚگ مے تہٕ اَندرٕ یکنی ترٛس ہیو امارڈھا گوس حٲران تہِ زِبأے صاحبس رُکتھِ وہتلیہِ از گاچ مائے تہٕ پرُڑ ژھمس درجواب۔

"لوکچارٕ تہٕ اوسُے نہٕ زانہہ تتہٕ واریوان دپان اوسکھ ییتہٕ چھُ جیر یوان۔ یتھ پتھ کھورِ گامس منٛز نہ فون نہ پاور نہ پوٚختہٕ سڑک۔ لوٚکھ بے کاربَس مسایہِ ژٲن تہٕ اکھأکی سُند أنزران گنزران۔

"No Productivity" یی اوسکھ ناونان

تہٕ ازکتھ پتھ وہتلیہِ پیتۍ ؤری گڑھتھ تمی گاچ مائے"۔

"بیاجی تہنٛد وَنُن تہِ چھُ پوٚز مگر باسان چھُم سُہ گام تتیگ سُہ سیوٚ دساد تہٕ لوبہٕ

وُن ماحول، لوکچار تتہِ گٔذ آری ہتی دوہہ، سأنی ساأری تتہِ روزن وألی اَشناوزَن تہٕ
میانہِ وجودٕ کس کتھ تام خانس منٛز موجود چھِ یتھ مےٚ کُلف کٔرتھ تھووٕمُت اوس تہٕ
یُس از کمرس صفأیی کران ہنگہِ منگہِ مُژرنہٕ آو۔ "سہ گوٚو روأنی سان لیکھان تہٕ بہٕ گوس
حأرأنی سان پران۔ ووٚنی أس اَتھ معاملس پیٹھ کتھ کرنس منٛز دِلچسپی پأدٕ سپز ہرٕ مگر
ژٕلہِ وُن رأژہُند وَق تہٕ صبحس سُلہِ ووٚتھنچ مجبوری أس مےٚ ژٕینہٕ وَن دِوان زِ کتھِ ٹکھ
دِیُنٔے گوجان۔ اَتھ أندری تضادس دوران روزٕ اونگجہِ ووٚتھان تہٕ جواب لیکھان۔

"بأے صأبا ژٕےٚ چھُتھ ووٚنی سرٕنہٕ تہٕ وُٹھتھ کتھ کرنہِ ہیٚنچھمٕژ۔ بہٕ وَنے
صاف صاف مےٚ چھُ از کل سخت آوریر۔ صبحس چھےٚ سوادِستہِ آسان نچ واتناوِنی
ٹیوشن۔ پتہٕ نوٚبجہِ اٮ۪ژنی واپس تہٕ واتناوِنی سکوٗل۔ اَتھ دوران ٹنگ سکھراوُن۔ پان
دفتر باپتھ تیار کرُن۔ پتہٕ گوٚو دوہس دفترٕ دلہِ وانژل، نشانہٕ پراونچ دورٕ تہٕ ہم
کارن ٮ۪تی تناتنی تہٕ تکرار۔ ووٚنی ہے گام تہٕ گاہٕ ملکی دوہہ یادروزن تہٕ کپأرٕ دِپھ کُنہِ
وِزِ ہرگاہ تو رُک کانٛہہ سمکھان چھُ تَس چھُس ضرور خبر اَتر پرٕژھان۔ اوترےٚ اوسم
طارق سمکھیومُت۔ سُےٚ ہسایُس ژٕےٚ ٮ۪تی پران اوس۔ سخت گراٮ۪ گراوٕ اوس کران
زِ توہی بارٕنی دژأوبرابر کو کرِ ہندی بطخٕ پوٚتی ہوی تہٕ بب موج مٔرتھ ژٕ ٹو گامس تہٕ
سارِنے گامکمن ٮ۪تی کرٕژےٚ۔ اکھتے اوس ونان ووٚنی چھُ سہ گام تہِ لنڈن
بنیومُت۔ پرٕتھ گرس پوٚختہِ مکانہٕ ٹاکہِ لأ رگتھ کچن فلش وول باتھ روم۔ پرٕتھ
أرکس موبایل فون۔ پرٕتھ چولس ہیٹر تہٕ گیس دان۔ نہ کُنہِ دوہہ تہٕ نہ داشبر۔ نہ

کُنہ یندرنہِ کانٛہہ ژادر وونن وول پژ ہتھ کینٛہہ بدلیومُت" مے تژ اوسیہِ پٕنٕنی کِنی أتی تھےٚ کتھ زِسہ کرِ bye مگر تٔمی پژ وژھ توتہِ بیٚیہ۔

"تَتہِ گامہِ اوس ناسہ مامہٕ ٹوٹ اماسہ چھا ٹھیک پاٹھی"

تسُند سوال وُچھِتھ کئژ مے ووٚٹھ ہش أندرٕ لوٚگم بیٚیہ زَن ترٕس ہیوٚ۔ سونچنہٕ لوٚگُس پوٚزےٚ چھُ موج جنتی گنذر ییہِ مگر مام تہِ ہے اوس تتھی گامس منٛز بیٚیہ پوٚتُر مام میوٚٹھ مام۔ پوٚز پٔنٕن ہٕرزٔ ورِتھاوان کوٚر مے جوٲبی سوال۔

"ژٔ ٹھساو ونی کتھ از ییتی کالی کتھ پیٹھ ٹوٚٹھیوے گامس ستی ستی مام تہِ"۔

"دوٚیمے نامیانہِ وجودٕ کس کتھ تام أندرٕ مس خانس ہا گو از قلف بیٚیلہٕ.........."

سُہ گو جذباتی آیہِ لیکھان تہٕ مے پیوٚ وتأیِد کران جواب دیُن۔

"اہن باژ چھُکھ پوٚ زونان دوہدِ شکلہن دولا بن منٛز پیوونہٕ مے تہِ زانٛہہ مام یادنہ دِژم تس زانٛہہ نظر"

"بیاجی ژٔ کرکھ مے ستی وعدٕ"

"کیا وعدٕ؟" مے پروٚژھ درجواب۔

"ژٔ گژھکھ ییمہِ لٹہِ گام تہٕ دِکھ تَس مامہٕ جانس نظر"

"أدٕ سابہ گژھ ییمہِ لٹہِ ضرورٕ" مے ووٚن درجواب میانہِ اقرارٕ ستی زَن تس حوصلہ افزأیی سپٕز تہٕ تٔمی لیوٚکھ بیٚیہ۔

''بہ سوزے کینْہہ پأنسہِ تہٕ پگاہ چأنس اکونٹس منز تم تہِ دِیہ زِتس''

مےٚ کوٚرا تھ تہِ او، کے تہٕ ستی وۄنمس bye for now ۔تٕمۍ تہِ کوٚرتور

گُڈ نایٹ ۔مےٚ کوٚرنیٹ ڈسکنیکٹ تہٕ کمپیوٹر شٹ ڈاون تہٕ ژاس بسترس منز۔

اما ژیر تام آیہ نہٕ مےٚ ہنْد رِز ولہٕ تہِ ۔گراأ ہسم بأے صأبن یہِ کتھ یاد پیوان زِ

میأنہِ وجودکس کتھ تام أندرمَس خانس گواز قُلف ییلہِ تہٕ گام تہٕ گامہٕ وأ لی پیأمۍ

یاد۔ گرا اوسُم لو کچارُک سُہ منظر دید مان یوان ییلہِ بہٕ پننس آنگنس منز گرمَس

گندان اوسُس ،میأنۍ دجہِ بال گٔیہِ کولہِ منز ییرٕ ۔مےٚ لا جوودن وان مامہٕ لالن

پرٕ ژھوو ماجہِ یہِ کیا زِ ودان ۔ییلہِ تمۍ بوزیوأمس چھےٚ بال گٔمٕژ کولہِ اَدٕ تمۍ سونبراوے

تمی آنہٕ گأمۍ گامَس دجہِ تٕر، ہرٕ نہٕ ستی ٹیب دِتھ بناوِن نۆو دَجہِ بال ۔بہٕ اوسُس لر

پھرنس پپٹھ لرِ پھرُن دِوان ۔مےٚ اوس احساس زِمیأنو ارِ سرو گرٕ ھنہٕ آشینہِ ہنْدٕر

راوٕنی ۔اوے اوسُس بہٕ شوٚنگنچ کوٚشش کران۔

گامُک منظر اوس پزٕی بدلیومُت، ووٚنی اوس گام ژوٚ پاسے پھہلیومُت۔ دان

زمینگ اوس نہٕ نیب نشانے ، پوٚختہٕ سڑک أس پرٕتھ آنگنس تام ۔تمام گرن منز أسی بڑٕی

بڑٕی ٹی وی سیٹ لگتھ ،لۆکھ أس ژھوپہِ دَم گٔرتھ سکرینس لأری ، پانہٕ وأنی اوس نہٕ کانْہہ

کلامے سپدان ۔اتھ شہر نما گامس اکہِ لَدٕ پپٹھ بیٚٹھس اندس تام پرٕ ژھووٚمے وار یہن موٚمہٕ

مامس متعلق مگر زٕن نہٕ تم بوزانے أس ۔أخرییلہِ مےٚ گامہٕ نیٚبر دوٚر کُن نظر پیٚیہِ ییٚتہِ دوہ

ووتھان اوس ۔میأنۍ قدم وۄتھی پأنۍ پانے اوری کُن۔

یہِ وُچھِتھ پھوجہِ مےٚ بوٗ کہٕ۔ وڑرڈ کرپیٹھ اوس مامہٕ جانہٕ پہرٕ نیبر کنہِ ژولہِ توٗ گُن ہیٚاوان۔ تَس اوس ووٚنی ریش سفید تہٕ بُتھ ژمیومُت تہٕ لاگرمگرٔ اَچھن منٛز اوٚسُس عجیب اطمینان یُس نہٕ مےٚ گامَس منٛز دوٚیمِس کانٛسہِ نفرِ سٕنٛزن اَچھن منٛز وُچھِ۔

مےٚ پانس کُن پکان وُچھِتھ اوس سُہ سٮ۪ٹھاہ خوش تہٕ باسان تہٕ حیران تہٕ۔ تَس آیہِ نہ پہچان تہٕ اوے پرٛژھن۔ "ژٕ کس چھُکھ تہٕ یور کیازِ آکھ"۔

تمۍ پرٛژھ ژولہِ پھوک پھوک دِوان۔ "بہٕ چھُس عقیل۔ بیٚنہِ ٹاٹھِ ہُنٛد عقیلہٕ"۔

سُہ گوتھوٚ دوٚہتھ مےٚ کوٚرُن نالہٕ موٚت تہٕ اوٚشِس لجِس دار۔ مےٚ پرٛژھ مَس مامہ ٹاٹھیا ژٕ کیازِ بستی بدوٚن۔ یتھ وُڑ رپیٹھ۔ تَس آیہِ بیٚیہٕ اوٚش بگہٕ تہٕ لوٚگ وَدنہٕ۔

"بوزسا ٹاٹھیا، اَتھ بستی منٛز چھُنہٕ ووٚنی آدم روزان۔ یِم چھِ آدمی شکلہِ منٛز مشینہٕ۔ یِم چھُنہٕ اکھٔ اَکس سِتۍ بول بوش کران بلکہٕ مشینو سِتۍ اَنان۔ مشینو سِتۍ وَنان۔ مشینن ہُنٛد بوزان۔ بہٕ اوٚسُس واَحد نفر اَتھ بستی منٛز یُس پننہِ لرِ منٛز دانبرس پیٚٹھ اوس تھاوان۔ لوٚبرتہٕ کاٹھ اوٚسُس سومبران تہٕ زالان۔ منٛزٕ اوٚسُس لیہِ یتھ بانہٕ مِصرا تہِ پھران مگر بستی والین اَسی یہِ گال گرٛژھان۔ تِمو ونیو وژھن اَتھ دانبرس تہٕ دُہس بلاے اَسی دموے ہیٹر یا گیس داں مگر مےٚ مون نہٕ دِلن مےٚ باسیو ہرگاہ میٚون دان ژھبہٕ گومیٚون اَندرم آدم تہٕ ہانہِ یہنٛدی پاٹھی۔ بہٕ دراس بستی نبر۔ یتھ وُڑ رپیٹھ پنُن وُشنیر رچھنہِ۔ یِمو منٛز چھُنہٕ کانٛہہ مےٚ

نِش یوان تہٕ یم چھِ مے حقارت کران۔ بہٕ چھُس ژول زألِتھ تھاوان۔ یتھنہٕ مے

سہ ہندر یار پھرِ تیمی یمن نال وٕلمُت چھُ‘‘۔

وق اوس یورووتمت، تاپھ اوس مے بیڈ کس شاندس تام ووتمت۔ آشینٛ لج

مے بُتھِ پیٹھ لیف تھوٚ دتھلنہٕ۔

’’وو تھُن چھے نانچہٕ گو وٹیوشن کلاس مِس‘‘۔ بہٕ وو تھُس کاڈ کڈان تھوٚ دتہٕ

لوٚ گس کلہٕ پیٹھ کھورن تام پانس پھش دِنہٕ۔

بہٕ اوُسس أتھی حالس زِ آشینہٕ دِژ بیہٕ انٹری تہٕ نس چاأرِتھ وُچھن مے کُن۔

بہٕ وو تھُس وُژھِ تھوٚ دژاس باتھ روم اما مے أسی سأری ہے پانس زَن تہٕ پیاپے

ژُسی لگان تہٕ أچھ آسم تیز تیز فوران۔ یتھے بہٕ باتھ رومہٕ دراس تہٕ مے پلو لاءگنہٕ

ہیٚتۍ فونچ بہل بجیہٕ۔

یہ اوس گامہٕ پیٹھ طارق ہے ہلو عقیل صاب گوڈ ژے ہشی کتھا پوز توتہٕ بوز

سہ مومہٕ مام اوس ناسہ گذریوو ’’کرمے کرپرژ ہنچ کوشش تہٕ چھنہٕ پتاسہ اوس نا

گامہٕ بدوٚن روزان۔

مے ترٛ ووز یوٚٹھ ووش، أچھن منز آم اوش بکہٕ تہٕ لوٚ گس کلہٕ پیٹھ کھورن تام

پانس پھش دِتھ کیا ہتام ژبترنہٕ۔



# گرید

یَنہٕ تَس دوہلہِ فون آمُت اوس تہٕ تٔمۍ انسپکٹرن ووٗنمُت اوس زِ تازٕ کاغذ چھےٚ
ووٗنمُت مےٚ ننش۔ ملاقاتھ دِنہٕ تہٕ گژھِ پتہٕ ژیر۔ تنہٕ اوس تَس کلہٕ گیران۔

یَتھ موقس پیٹھ کٔمۍ کیا شکایتھ آسہِ میٲنۍ کرمژ۔ مےٚ نے چھنہٕ کُنہٕ قسمہٕ
کینہہ یُتھ تیُتھ کوٚرمُت۔ مےٚ وٲتۍ ووٗنۍ ؤری ژومبرِ سونہٕ گوٚبرِ سندۍ پاٹھۍ
نوکری کران بَس چھُلتھ تہٕ چھوٚکتھ تنخواہ پانسہٕ۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ پییہٕ سمکھنۍ اِمس
انسپکٹرس۔ یہِ چھُ موردار وۍ منز۔ پیٹھ چھُس ہمِس بڈس موردارس ڈارس ستۍ
واٹھ۔ یہِ آسہِ ہرو مرد شکایت تہٕ تٔمۍ ڈارن موردارن کرمژ۔ تَس ما آسہٕ کانٛسہٕ
ووٗنمُت زِ امکان چھُ تَس گژھِ اَتہِ تبدیلی تہٕ مےٚ مانتۍ تھنزٕ جایہِ۔ آ، تی افوا اوس اِدٕ تٔمۍ
آسہِ کانٛہہ بہانہٕ کوٚرمُت یَتھ مےٚ پییہٕ زوگالہٕ اگادِ گژھِ تہٕ سہٕ روز زِیارتہٕ وٹان
تہٕ اٲش تہٕ ژٹان۔

تَس اوس اوڈ دوہہ اَتھی دولا بَس منز رووُمت زِ سہٕ سمکھیا تہٕ تحقیقاتی ایجنسی
ہنٛدِس اِمِس انسپکٹرس۔ گرا اوسُس من ونان کینٛہہ سمکھس نہٕ۔ کری تَن کیا کرِ،
مےٚ کیا ژور چھا کرمژ۔ مگر ستۍ اوسُس خیال یِوان ییم چھا کانٛسہِ ژورس رٹان،

ڈار، کتھ ترووُکھ۔ گوڑ بنوہَس کیس پَتہٕ ترو ہَس چھاپہٕ مگر پتہٕ بٹسیٚو سوودا۔آ، دپان شُراہ لَچھ ہیتِ ہَس تہٕ کیس کورُکھ بند۔ یم چھِ پنژاہ روپیہِ کھسنہٕ وأنِس کیس بناوان۔

۲۵/ لچھ کھسنہٕ وأنِس کیس بندکران تِکیازِ ہُمَس چھُ کیٚنہہ نیران تہٕ تیٚمَس نہٕ مےٚ شِکسلد ہٕنٛدی پأٹھی کیٚہنٛہ۔ اِوٕ کنِ چھُ بہتر سمکھوس وُچھو کیا معاملہ چھُ۔ پریشأنی أس تہندِ بُتھ پیٹھ صاف پریٚڈان تہٕ گرِیوان یوان گاڑی چلاوان اوس دون ترٚن جایَن سہٕ حادثہٕ نِشہِ اَتھن پھوکھ دوان بچیومُت۔

گراژنہٕ پتہٕ ییٚلہِ تمِی پلو بدلاوٕ تَس اوس نہٕ کٔچنِس منٛز اژنَس زن ونٛدے یِوان ییٚتہِ آشنہِ تَس چاے ہتھ پراران أس۔ سہٕ اوس نہٕ ہرگزتہٕ پننہِ پریشأنی باوٕنی یژھان تِکیازِ آخر أس آشنہِ تَس تِتھس موقس پیٹھِ نانہجارتہٕ نالگہ ہار آسنٛچ پام دوان۔ سہٕ تہِ خاص پأٹھی ییٚلہِ معاملہٕ ڈارس ہٕتی وأتِتھ آسہِ ہےیَس سہٕ موردار ونان اوس۔ اما آشنہِ أسس متان زِ اَتھ چھِ ونان تگُن۔ ژےٚ توگُے نہٕ مےٚ تفریق تُلنہٕ ورأے بیٚیہٕ کیٚنہہ۔

وارِیہس کالَس پتنِس کٔتھس منٛز ہے بنگہ روزنہٕ پَتہٕ گرٕتمی بُتھس پیٹھ أ کھتھ مأکھتھ بشاشت ہِش پأدِ تہٕ رژھا اَسو نہِ ہونٛجہِ ژاو کٔچنِس منٛز۔

آشنہِ ؤژھس ژےٚ پھِر آمِتس گوے ژکیاوٕسکھ کران۔ ''کیٚہنٛہ نسا قمیض آیم نہٕ اَتھِ یہٕ أس بیڈِس تل گمٕژ توے لوٗگُم وَق'' تمی وون پننہِ حالت ژور تھاونٛچ

کوشش کران۔ أتھی ستۍ ٹلن رموٹ اَتھس کیٚتھ تہٕ کوٗرن ٹی وی آن تہٕ لوٚگ کوسہٕ تام چتل وُچھنہٕ۔

بروٗنزا اگرِ تھ پلہٕ نووِنس آشنہِ چایہِ پیالا مگر ستی وُژھس تلہٕ ساژھن بلاے اَتھ کیا مُکری ناوچھُکھ وُچھان۔

سُہ اوس برابرٹی وی یَس کُن مُدے گنڈِتھ بیٚلہِ نہٕ تُمی توتہِ چتل بدلاوا آشنۍ وُژھس بیٚیہٕ۔

''وُچھان کیا چھُکھ ژٕ، مےٚ چھُ من پھیوٚر لگان ووٚنی روٗدے ناژے یمن مکری کھور گربدن ہنز ڈلیلہِ سوا کینْہہ وچھُنہٕ باپتھ''۔ یِ وَنان وُژھ سوتھوٚ دتہٕ کوٚرن ٹی وی یُک پاورسوٚچ آف۔

سوأسی پراران زِ ووٚنی گژھم اگادِیم نےٚ گربدن ہنْدی پاٹھی۔ مگر سُہ زَن اوس ٹی وی بند گژھتھ تہٕ کتھ تام مُدے گنڈِتھ کیاہتام سونچان۔

یم گربد تہٕ گیہِ وقت گُزرنس ستۍ غاٮٔب۔ میانہِ لوکچارٕ اُس فوج درفوج آسان۔ ہرگاہ کانْہہ چوچاروأے مران اوس ہونین ستۍ ستۍ اوس گریدن ہُنْد مائکہٕ لگان تہٕ أسی شُری أسی نہٕ دوہہ وادَن تمہِ وَتہِ پکان۔

کیا أس یم چتلہِ وأکی ہاوان۔ یم گربد غاٮٔب گژھنہٕ چھُ ملکس منز بحران آمُت۔ چوچاروأے چھِ مران مگر گربد نہ آسنہٕ کنی چھُ تہنْد مازتہٕ کرنوز مینس تہٕ آبس ستۍ رَلان۔ امہِ ستۍ چھینہٕ انسأنی آبأدی وُلٹہٕ بیمار بن منز ہینہٕ یِوان۔ چتلہِ

وأنّی أس ہاوان زِ چار وایَن سُہ گھاسہٕ تہٕ پھل کھیاوَنہٕ ستی یُس تیار کرنَس منٛز کھادَن تہٕ کیمی کرأنّی مارن والیٚن دوہَن ہُنٛد یسلہٕ ورتاوسپدان چھُ۔ چھُ یِہُنٛد ماز یِمن گربدن باپتھ زہر بنیوٚمُت تہٕ اوٚے چھِ یِم غأب گٔمتی۔

گوناتیلہِ چھُ انسانٔے یِم گربد ناپید کرنُک مجرم۔ چھُ کیا یہ آدم۔ أمِس نہٕ زانٛہہ تسلایوان یہٕ چھُ ہر ہمیشہِ زیادٕ کماوُنَس تہٕ زیادٕ چھاوُنَس پتہٕ لگان تہٕ گربد تام غأب گٔرِتھ زوان۔

یِ سونچان پیوٚ تَس یاد زِ تہُنٛد لوکچارٕ أسی گامہٕ کِس عمہٕ خوجَس تہٕ لوٚگھ گربد کھورونان۔ تَس پیوٚ یاد سُہ ییٚلہِ نانہِ لوکچارس منٛز ألہِ دالہٕ چیٚن أنہِ عمہٕ خوجَس نِش وانَس پٮ۪ٹھ سوٗزوو تہٕ تٔمی تَس دون روپیَن ہٕنٛد مصالہٕ دِژاو تہنٛزِ نانہِ ونیوٚ وُچھُ کیا چھُنَے دِیٚتھمُت أمی گربدٕ کھورن۔

تَس اوس زَن تہٕ دیدمان زِ عمہٕ خوجہِ اوس تَس گامُک سارِوٕے کھوتہٕ پُرکشش انسان باسان یُس سٮ۪ٹھا نفیس تہٕ صاف پلولأ گٔتھ آسان اوس، یُس ڈٔبکہٕ منٛز رِتھ تہٕ اسوٕنہٕ دہانہٕ اوس۔ یُس نہٕ کأنٛسہِ ستی تٔمی بڈ کتھ کران وُچھمُت اوس مگر بوٚ ڈگرِ ژھنَس ستی ستی اوس تَس فکرِ تورمُت زِ سوداپوٗنَس تہٕ مجبوری منٛز کٔرِ تام پأنٛسہِ دِتھ اوس تٔمی نصفہٕ گامُک أبی کیٚو وٗڈرزمین پننہِ ناوِ کوٚرمُت۔ تسندی شُری تہٕ زُری چھِ ازأتھ دولتَس أش کران مگر تِمن گرن ہنٛز ازچہ پُیہِ تہٕ چھِ ارٕسرکرٕنی پیٚوان یڈ پالنہٕ موکھ۔ سُہ اوس یِم نٔے گوتَن زِ موبایل فونَس آیہ بٕلمِ۔

''ہیلو کم حض چھوٗ''۔

''یہ حض چھُس رفیق ٹیکسی سٹینڈ پیٹھٕ''۔

''وٕنیو''۔

''آدی حض اوس کُس تام انسپکٹر آمُت یور ٹیکسی سٹینڈ۔ مےٚ ژھانڈنہٕ پتہٕ کیا اوس وَنان''۔

''تَس حض آسہِ کیاہتام بلہٕ سٕتی پرژھان اوس یمہٕ بلہٕ چھا تھٕنزٕ تہٕ توٚہہِ اُسوٕ فلائی دفترس گارڑِ دِژٕمژٕ''۔

''اِدٕ توٚہہِ کیاوٕنوٕوُس''۔

''نحض مےٚ ووٚنُس صاف اسہِ چھےٚ گارڑِ دِژٕمژٕ تہٕ (pay ment) نیمژٕ''۔

''اِدٕ سا شکریہِ پوز گوٚو پوزٕے کینٛہہ چھُنہٕ پرواے''۔

فون اٹینڈ کٔرِتھ گوٚو سُہ بیٚیہِ زن تہِ گوٚتن ہیٚو۔ یہِ گٔیہِ اُمسے موردارس ڈار سٕنز کاُرستانی۔ ووٚنی چھِ یم سی بی آئی وٲلی تہٕ تَس بیمہٕ ڈار سٕتی۔ اہنساپچھ بٕو دروپیہِ چھِ لوٹان تہٕ یمن تہِ آسہِ حصہٕ دوان نقد و جنس۔ دپان اَتہٕ چھُ چکلہٕ تہِ چلان۔ دپھ کینٛہہ دِن نہٕ یم مےٚ وَتھ اور ٹرانسفر گرژھنس۔ ونگو مےٚ تہِ کیا کرن مگر یہِ انسپکٹر گوٚو نہٕ موٗ کُر کھبنہٕ ورٲے روزن وول، اُمس پیٚیہِ تو تہٕ ترلیش تموک دیُٚن۔ یِ سونچان ترووٗ تمی ووٚش۔

یہ پاٗری وٕ ژٕھس آسٕنی۔ ''دوٚ یمے گرژھکھنا وانس پیٹھٕ واریاہ سودا چیز چھِ موکہٕ لیمتی''۔

''ووٚنی کوٚسہٕ ترٹھ پیٚیہِ اَتھ سود ہٕس اُزی''۔

تمی وون قہر گژِتھ۔

''نساتہٕ چایہِ تہٕ کھنڈ تہِ چھُ موکلیومُت۔ گوڈٕ تھاُوزِہے موہنوٗ اکأم کرنہٕ خأطرِ پتہٕ کُس ونہٕ ہی ژٕے سودا اَن۔ مگر تہِ ماتوگُے۔ ڈار تہِ چھُ چانے عہدُک افسر۔ اکھ کوٚ ڈنکھ لٔژ دِوان اَمہِ سونہٕ کھوڑٕ منزٕ بیٚیہٕ وُچھ تَس قٕرِ فرِکیا چھُس ۔ژٕ چھُہم آسان بَس رِکتابہِ تہٕ قلم رٔٹِتھ''۔

آشنہِ ہُنٛد یہِ وُنُن زن تہِ آو تَس لُٹِس لرٕ ژھلی دَب۔

تمی تل پیالہٕ تہٕ ٹھوٗسُن لبہ

''مےٚ مہٕ آس أمِس موردارس گربٕد کھورَس ستی مقابلہٕ کران۔ ژٕے گوژھے ژتُھے کانہہ حصہٕ آمُت آسُن فکرِ تر ہی گز۔ یہِ وُنِتھ ووتھ سُہ دَزان دَزان تہٕ ژاو پٔننس کمرس منزٕ۔

سُہ اوس ہُپ دَپ گٔرِتھ بہِتھ از دوہہ کٔمن واقعاتن زن تہِ سام ہوٚان تَس زن تہِ باسوٚ سارِہے بستی ہنٛد بن لوٚگن گربدٕ شکل ہُمرٕ تہٕ تم مُکرس لاران۔ اَتھ گربد بدفوجس منزٕ باسیوٚ تَس پانہٕ پٔنُن پان، ڈارفون کرَن وول اسپکٹر تہٕ تسنٛز آشنہٕ تہٕ محلہٕ چہِ دوٚیمہِ زنانہٕ کیومردتہٕ شأمِل۔

ئلہِ ونان یم چنلہٕ وأِلی گربد چھِنہٕ ووٚنی کُنی نظرِ گژھان۔ سُہ گوٚ ویاشاہ کٔرِتھ تھوٚ دؤتھتھ اوس پانسے ستی زن تہٕ اسان۔



# سوأری

گُرِس پھَش دِوان تہٕ زین شیران تہٕ اوس صمد سیِدٕ سیٚو د پانٕس برونٛہہ کُن بار بار نظرٕ دِوان وُٹھ پھیشان تہٕ أندری خبر کیا کیا ونان۔

پورٕ مرگہِ اوس ووٚنی تاپھ پینہٕ لوگمُت تہٕ ہَنہِ ہَنہِ أس ژوپاسے ووسہٕ دروسہٕ تہٕ چری گیش شروٗع گومُت۔ حالانکہِ سُہ ییٚمہِ وقتہٕ صُبحُک اور وأتتھ پیٚومُت اوس تمہِ وِزِ اوس اَتھ ماأرمنزٕ مرگہِ منٛز واریاہ سکوت۔ تا حد نظر اوس سبزارے سبزار تہٕ اَتھ پیٹھ اوس دِل مُہتھ۔ نوٗن شبنم۔ امہِ لِتہٕ خاموشی ستی أسی مرگہِ ہنٛدی پوشِ زن تہٕ اسان باسان تہٕ کہتام باوان۔

دَپھ نظارٕ بدلنٕس ماچھیٚہِ تأرلگان۔ وُچھان وُچھان لگیٚ سبز گاسس پیٹھ موجود شبنم قطرٕ آفتابچو پرووستی خوشک سپدنہ أندی یکِی ہوٹلو منٛز لگی ساأانی گاڑبن کنٛتھ اور یور پھیرنہٕ۔ شہرٕ پیٹھ لجہ نِو ساأانی گاڑِ تہٕ بسن کنٛتھ طرفا تو پیٹھٕ لۄکھ تہٕ سکول شُری واتنہِ تہٕ ژوپأری لۄگ شور شَر تہٕ گاڑٕ دوٚہ پرتو تراونہٕ۔ أدِج سر ساأوی شہلتھ واجینٛی مرگ زن تہِ۔ برٕ بارے وول شہر سپُد۔

''سُہ اوس برابر وُٹھ پھیشان تہٕ أندری خبر کیاہ کیاہ ونان تہٕ ووٚنی أس تس

نظرِ پانَس بُتھِ گرٕ ہَتھ جوراہ دۄر کیبل کارٹکٹ کونٹرس کُن یَتھ بروٚنٛہہ کنہِ ووٚنی ٹکٹ ژٹن والین ہنٛز زیٚچھ لأنہٕ رژھ کھوتہٕ رَژھِ زیٛٹھان آسہٕ ۔ سُہ اوس مٔنزی رژھِ پتہٕ رژ زیٛٹھان ۔ لأنو پیٛٹھ نظر تُلتھ پانَس نکھے مرگہِ گٔلس پیٛٹھ أندی پٔکی گامو پیٛٹھ آمتین گُری والین پیٛٹھ نظر تراوان یمن تہٕنٛدی پأٹھی پہر واد پیٛٹھ سوارِ پراران پراران أچھ درس لٔگتھ آسہٕ ۔

تٔمی کڈ ووٚٹھ ہِش ییٚلہِ سأ لانین ہنٛزا کھ جوری تَس بروٚنٛہہ کنہِ رُکییہ ۔

مردسأ لأنی ترأوتس نظراتہٕ لوٚگ سیود ُے نیرنہِ ، دپھ تہنٛد سأ تھی زنہِ یوسہٕ ڈولأم پھمبہِ دوٚغُل ہِش باسان أس گرتَس اَتھس تھپھ تہٕ رُکوٗن ۔

صمدِس زنتہِ ہُنیہِ بوٚکہ باسیوس پھمبہٕ دوٚغُل ہِشہِ أمِس زنہِ آسہٕ زہرادل تہٕ نرم توے آس میون عار ۔ ییٚتِس کالَس وأتی رحمانہٕ شالہٕ تہٕ سُلہٕ پڑرتہِ گُری ہیٚتھ یمن نِش تہٕ لٔگی سأ لأنی جورِ ونہِ زِمیأنسے گُرِس کھستو ۔

یہِ وُچھِتھ کھوٚت صمدِس خشمِ ۔

''ہیوتاون ٹاکیٚو مےٚ کہیو کھیٚو وزِ توہہِ رودوٕ کھینے ۔ کٔہی تام آیو أمِس بچأرِس آرادٕ توٚہہِ گرآیو خوش'' ۔

''ووہو ما کڈ بہٕ ہا چھانے دَنٛد'' ۔

''سُلہ پڈرَن دیُت تَس شرارتہٕ سان جواب اَسہِ تہِ ہے صبحہ پیٛٹھ سوارِ پراران أچھی لوسہٕ اَسہِ گُس گوناہ کوٚر'' ۔

صمدِس زن رودے نہٕ پانَس تام۔ تِمۍ تُج تہٕ ترٲوِنی مُک سُلہٕ پڈٕرَس تہٕ رحمانہٕ شالہٕ لۆگ رَٹہٕ رٹھ کرنہٕ۔

سٲلانی جوری ٲس ہے ولاگۍ ژھتھ وُچھان تہٕ سوچان زِ آخر کیا گوٚو یِمن۔ پھمبہٕ دوٚغل ہِشہٕ زَنہٕ گرسٲتھی مردَس اَتھَس تھپھ تہٕ لگی بروٗنہہ کُن پکنہٕ۔

زٕ ترٕ یہ قدم پکِتھ آیہ بێیہٕ زٕ گُری وٲلۍ یِمن بروٗنہہ کُن یِمَن منٛز اکھ نوعمر باسان اوس۔

"میم صاحب گھوڑا چاہیے پورا گلمر گ گھمائیگا"۔ ووَن نوجوان گُری وٲلۍ۔

مردِ سٲلانی پرُژھس، "کتنا لے گا"۔

نوجوان گُری وول ووتھُس۔ "زیادہ نہیں صرف تین سو روپیہ گھوڑے کا"۔ مرد سٲلانن وون پننِس ساتھی زَنہٕ چلو وہاں اونچائی پر گھوڑے پر سوار ہو کر میرا فوٹو لینا پھر میں بھی گھوڑے پر سوار ہو کر تیرا فوٹو لونگا۔ دۆشوٕے کھٔتۍ گرٕ بن نوجوان گُری والین ہُنیہ بو کہٕ۔

ہرکران گُری والو منٛزٕ پیٚیہ رحمان شالَس یِمن پٮ۪ٹھ نظر تہٕ تَس ژٕج کربھ نیرِتھ۔ "توٚہہ ہِ گرٕ ژھُن ڈبہٕ ڈاس، توٚہہ ہِ مورٕ دارن ہنٛز لڑایہ ووٚلُس بہٕ تہٕ پانَس ستۍ سوارِ کھرِٕتھ ہو کہہ گُلہٕ کالہ نَبن گرٕ بن۔ نیویمو بارنیو دوٚہک بازٕ ینتھ"۔

ہرمُشرتھ لگی صمد رحمانہٕ تہٕ سُلہٕ پڈرووٕنی گُلہٕ کالہ نبن گرٕ بن تھَلہٕ تھَلہٕ وُچھنہٕ یِمن پٮ۪ٹھ سٲلانی جوٗری سوار آس۔ تربشوٚے ٲس ووٚنی گُلس اَندری بدرد ونان۔

دُرِس مرگہ منز اَس رنگ برنگی پلوا گتھ لوکھ شرکی بڈی مردزنانہٕ دأیرن منز بہتھ قسمہٕ قسمہٕ ضیافژ کھوان ۔ گلن تہٕ اَس ووٕنی ساٗلانی جوری کیبل کارٹکٹ کونٹرس پیٹھ تراوٕمژ تہٕ تمِ تہٕ اَس ووٕنی زیچھن لاٗنن منز شامل سپدمتی ۔ سوارن نشہٕ پاٗنسہٕ رٔٹتھ اوس گلہٕ تہٕ تسند بوے ووٕنی چایہِ وانس پیٹھ چاے چینہِ بیٹھمتی ۔

صمد، رحمانہ تہٕ سُلہٕ پڈر تہٕ اَس ووٕنی اَدیک شرارتھ تراوِتھ اکھاٗ کس ستی ہم کلام ۔

''سورُے بدعت بنیہِ یہِ گنڈولا کیبل کار ۔ ووٕنی چھُ کاشرکیوٚ پاٗرِم سیوٚ دُے اٗتھی بلایہِ لگنہِ گژھان تہٕ اپروٹھ تہٕ ہیٚور وأتتھ پیٚوان'' ۔ یہِ وون صمدی ٹکٹ کونٹرس کُن شرارتہٕ ہژ نظر تراوان ۔

''پیٹھ واتناوٕکھ ووٕنی آسمان تام دِپھاسہِ کورُکھ منزٕیڈ کھش، کھش گژھن یمن بے آرحاٗ کمن'' ۔ سُلہٕ پڈرن کوٚڈووہواتھ توٚ دِتُلتھ ۔

''مگراَسہِ تہٕ ہاخطاٗ اٗسی تہٕ ماسیوٚد ۔ ییلہِ یورینہٕ واٗلی ساٗلانی صرف گرہے یوت کھسان اٗسی اسہِ تہٕ اوسا کم کمام تہٕ اٗسی تہٕ اٗسیا کم لوٗٹھ کران ۔ اِدحاٗ کموتہٕ سرمایہِ داروہناوتژ ھِسکیما زِاٗسی بہناوِکھ خاکس پیٹھ'' ۔

رحمان شالنہِ اَتھ کتھِ کوٚر باقی دویوگری والوٚ کلہٕ ستی اقرار تہٕ دوٚشوے وٕتھی یکجا تس کُن ۔

ناوتہٕ بروٗنہہ کُن کیابنہِ اہنویہِ گُراوس اسہِ رہتہٕ کاٗلس منز تیزٕ کماٗے کرناوان

زِ ؤ ری اوس عیال ہتھ شونٹھ ہیٚو نیران۔

رحمان شالن کوٚر تہنز اَتھ گتھ کلہٕ ستیٚ اقرار تہٕ اَتھ تھوٚ دُلتھ لوٚگ وَ ہونکہِ انداز وننہِ۔

ادباتہٕ ڈونٹھ پیٚتین یمن حاکمن تہٕ سرمایہِ دارن۔ ژھوٚرے کیبل کارنا چھُ مسلہِ یمن ہاپچھےٚ اُٹ۔ وُچھان چھہٕ کتھ گتھ جایہِ بناوِکھ ہوٹل۔ تو تام وانتا و یکھ تِلہٕ سڑکہِ۔ ہتہٕ باکتہ بنٛن تمِ انگریزیم نہٕ یورکُنی گاڑِ تراوان اُس تہٕ یموٚ نہٕ زاٹھہ بیٚتہِ پوٚختہٕ مکانہٕ بناوٕ۔ مےٚ ہاباسان اُسی یاتی ناماَریمو۔ یمِ ہاپچھِ یتھ مرگہِ تہٕ رژھہِ رَژھہِ زوکڈان۔ مےٚ نو باسان بیٚیہِ کینژٕ ہرآسہِ بیٚتہِ کینٛہہ باقی، پتہٕ گسو یپیہِ یوٚر گاڑِ دوہہ چیٚنہِ‘‘۔

رحمان شالن نیو زیٹھِ زیوٹھ تقریر گرِتھ، صمد تہٕ سُلہٕ اُسی تَس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ تمِو کوٚڈ زیوٹھ بریوڈ۔

’’اَسا تھاو وژٕنی باشن، مےٚ وننہٕ شامَس کیاوَنو عیالَس‘‘۔ سُلہ پڈرن ٹُل بیٚیہِ سوال۔

رحمان اوس ژھوپہ گرِتھ دَپھ صمد و وتھُس ٹنوٚ گرِتھ، ’’عیال ہَبا گوٚ وپتہٕ سخت بوچھِ ہائج از نازیون چایہِ سومب تہِ۔ تلا ماجہِ ہندی ناوچاوٕ ویو کانٛہہ چایہِ پیالے۔ توٚ ہہ تاوَن ٹاکی ہے گانگل گرہونہٕ مےٚ آیہے سوپھمبہِ دوغل ہِش خریدار، اِدٕ مےٚ اسہِ ہے کامہِ دوہہ کوٚر رُمت‘‘۔

''رحمانہٕ اوس توتہِ زن گوتَن گومُت''۔ سُلہٕ پڑرَن دِژ تَس نِرٕتھ زیرٕ تہٕ زن وُزنووُن۔

رحمانہ زن اوس وۄنی بدلے کنہس۔

''ہوتلا بوزومیون دوہے کھالی یم سیاح گرٕبن تہٕ رود، کھ آین گراین وُچھان۔ پانہٕ ناکۄ رزانہہ یتھ مرگِ صاحب آیہِ چکرا۔ پتہٕ چھُ مے باسان یمِ حاکم تہٕ سرمایہٕ دار تھاون نہٕ یتھ کینہہ بقایا، یمو چھُ اندری اندری سورُے ہیوتمُت، پتہٕ نادِن نہٕ یمِ اسہِ ہیوبن لۄکن یورگُن وُچھنہٕ تہٕ ٔلو ازکروأسی صاحبہٕ آیہِ پتنن گرٕبن پتہٕ پانہٕ أنیکھ چکرا''۔

سُلہٕ پڑرتہٕ صمدوُتھس ادسا چونے مانومگر گوڑٕ چاو چاے۔ رحمانہ ووتھ چاے چاو وضرور مگر گوڑ کرو چکر۔ خبر سُلہٕ تہٕ صمدمانہِ ہے تیا رحمانٔنی افراہ سیأبی مگر چایہِ پیالہٕ چہِ لالچہٕ کھٔتی تمِ تہٕ گرٕبن تہٕ لٔگی مرگہِ چکرکرنہِ۔

پیأری پیأری تمِ گیہِ ژو پأری أس کیبل کارن منز ژھالہٕ ماران سأ لانی تہٕ گاڈٕبن منز نژان لۄکھ دریٹھ گژھان پژ بتھ نو ہوٹل تہٕ پژتھ نۄ سڑک وُچھتھ أسی تم وہوَن پھشا ماران تہٕ لبکہٕ پھاشا پران یوتام تمِ مرگہِ سیہ منزس أکس ڈکرِ پتھ وأتتھ پییہِ۔ اَتھن أسی اڈور سأ لانی تارٕ بہتھ کتھٕ کران۔ صمدس یتھے نظر پییہِ تمِس وون دِلن یمن ونہٕ زِگرِس کھسو۔ سُلہ تہِ اوس زن أچھو تہٕ کھۄ رو تِمن ہاوان میون گرٕ چھُ حاضرِ خدمت۔ سأ لانو منز اکہِ زنہِ ووُن تِمن وُچھتھ خوش گژھتھ۔

''او گھوڑے والے میں بیس سال بعد یہاں آئی ہوں تب یہاں کتنا سکون تھا یہاں کتنی خوبصورتی تھی اور کچھ ہی گھوڑے والے اب تو سب بدل گیا ہے''۔

رحمانہٕ اوس تَس مُدعے گنڈِتھ تیسنز گتھ زن غورٕ سان بوزان مگر صمد لوٚگ تَس کُن وننہٕ۔

''میم صاحب آوھوڑا لے لو پہلے کی طرح گمایا گا۔ جو مرضی دیدو''۔

سلہٕ پڈ رَس تہٕ رودنہٕ تاب۔

''میم صاحب آپ تین لوگ ہو تین گھوڑے لے لو''۔

رحمانہ اوس وُنہٕ تہٕ پننس گُرِس پیٹھ سوار۔

تَس باسیوسائلانی ژٔنی اُس تمن تریشونی ونان۔

''مجھے بیس سال پہلے کی گلمرگ میں گما کر لاو جو مانگو گے دونگی''۔

رحمان اوس صمدِس تہٕ سُلس سائلانِن زارٕ پارٕ کران وُچھان۔ پانسے ستّی ونان۔

کیا ہاوو میم صأبہٕ۔ یہٕ یوسہٕ گُلمرگ وُچھنہٕ آمژ چھےٚ سو گَیہٕ اَنوٗٔسی تُمی پھیٚور گُر پَتھ کُن تہٕ لاگم چاٗرِتھ لوٚگ گُرپَٹھ گام کُن دورناوُنہٕ۔

صمد تہٕ سُلہٕ اُس سائلانِن زارٕ پارٕ کران ژاکھ سوٗارٕ کری توسائنس گُرِس۔

☆☆☆☆☆

# تبصرٕ تہٕ تجزیہٕ

شہناز رشید

کتابہِ ہُنٛد ناو: آکھ

مصنف: مشتاق احمد مشتاق

چھپن وٕری: ۲۰۱۵

صفہٕ: ۱۴۹

قیمت: ۳۰۰ روپیہٕ

پبلشر: مشتاق احمد مشتاق

مشتاق احمد مشتاق سٕنٛز ''آکھ'' ناوِ افسانہٕ سوٚمبرن پٔرِتھ چھُ پرن والِس سُنٛد تنقیدی شعوٗر واریاہ ہَس حدس تام یہٕنٛدِ مشاہدُک تہٕ نظرِ وژھرُک قایٖل سپدان۔ عصری حالاتن تہٕ واقعاتن ہنٛدِ حوالہٕ چھےٚ یہٕنٛز حبس آگہی ٹاکارٕ باسان۔ ورتاونہٕ آمٕژ زبان چھےٚ، نہ صرف ویٚژ تہٕ معنہٕ ساو، بلکہٕ موضوٗعن ہنٛدِ اعتبارٕ بارسس انہٕ آمٕژ مکالمہٕ بازی تِہنٛدِ پنٕنی فکری تہٕ خارجی ترجمانی کران باسان۔ سأری افسانہٕ چھِ حرف بہٕ حرف تِتھی زمینہٕ ستی ژوٗنبتھ، یتھ اَسی کٔشیر چھِ ونان۔ پٔرِتھ افسانہٕ سانِس اجتماعی دادبن ہُنٛد اٛنہٕ تہٕ عکس۔ یہٕ چھےٚ بیاکھ کتھ زِ کتاب پٔرِتھ

چھےٚ یِمہِ کتھہِ ہٕنٛز تصدیق گژھان زِ یہِ کیٛنٛژھا سون یہِ افسانہٕ نگار پنہٕ نو کہانیو تہٕ کرداروڈٕسی اسہِ تام واتناوٕن چھُ یژھان۔ پٮ۪تِ مبن وُہن، تژہن وٕری ین ہٕندِس قلیل وقتس دوران یہِ کیٛنٛژھا اسہِ روو، تہٕ تِمچ نشاندہی سہٕ مختلف علامژو، استعاروتہٕ منظرنامو ڈٕسی پھِری کران۔ سہٕ چھُنہٕ بدٕقسمتی سان سانہِ فکرمندی تہٕ احساسُک حصہٕ بٔنتھ ہیوٚ کمُت۔

کتابہِ ہٕندِس گوڈنِکس افسانس چھُ " آکھ" ناو۔ یہِ چھُ اندٕ وندٕ تٕتھی سونٛچن تژ ایہِ پرٕدہ تُلانٛ، یتھ أسی عمومی اصطلاحس منٛز مأدیت یا زرپرستی چھِ ونان۔ یہِ چھُ سہٕ دود یمیٚ وُچھان وُچھان سأنی دِل، دماغ تہٕ گرٕ آورِی۔ پونسہٕ، زمین، مکان ۔۔۔ سُتہٕ کُنہٕ تہٕ قیمتس پیٹھ۔ تِنےٚ آسہِ ہے تیٚلہِ ماونہِ ہے امہِ افسانہٕ کِس لالہٕ صأبس، یُس گرُک گزرگ خانہٕ دارتہِ چھُ، پٔنٛنی نوش سو کتھ زِ پرن وأرِلس چھِہٕ ترٕ گُنڈی پھٹان۔ سو چھےٚ تس پنہٕ نِس بےٚ کارخاندارس تہٕ لالہٕ صأبنِس نیچوِی سٕندِس دوستس متعلق ونان۔

"التمش چھُنا اُمی سُند دوس، تس تہٕ میوٚل آرڈر۔ تس مو یو مول پرُس فاریٚنگہِ منٛز۔ اکھتُے دوت ہٕس لچھ روپیہ تہٕ"

یہِ بوٗزِتھ چھُنہٕ لالہٕ صأبس، بلکہِ پرن وأرِلس تہِ پانٕے فکرِ تژان زِ لالہٕ صأبٕنی نوش چھےٚ التمش سٕندِس مألی سٕندی پأٹھی لالہٕ صأبنہٕ مرٕنکی خواب وُچھان۔ سو چھےٚ تس ونہٕ ورأی ونان، یتھ وأنسٕتھ وأنسہِ منٛز کتھ للکھ، کُنہٕ جایہِ کھیٚتہٕ گوٗلی،

نچوس میلی SRO کیسس تحت نوکری تہٕ روپیہِ لچھ۔

مشتاق یوسہٕ زبو پننین کردارن بخشان چھُ، سوچھےٚ تِہنز مطلوٗبہ زبان، مگر شعوٗری لفظہِ ورتاو، امیجری تہٕ منظر وو تلاوِنہٕ کنی چھِ افسانن ہنٛدی بیوٚن بیوٚن کردارنٛوی اصطلاحات گران باسان تہٕ تخلیقی جامہٕ لاگتھ پرن وألس پانس منٛز جذب کرنس پیٹھ مجبوٗر کران۔ یِتھی ہوی منظر چھِ پرِتھ افسانس منٛز صاف پأٹھی نظرِ گژھان۔ سہٕ بامے ''کوچھِ بوچھِ'' ناوی افسانٕک نبہٕ وأنی یا تسنٛز نوشِ موختہٕ اُسی تن یا ''نیوز سٹوری'' ناوی افسانٕک سلام رأتھر، پُلسہٕ افسر یا گولِہ بُزی گمی تِس عرفان سُنٛد دوست اُسی تن۔

''نیوز سٹوری'' افسانہٕ یوٚ دوٚے سانہٕ أزی چہِ کشیرِ ہُنٛد للہٕ وُن دود یا مُشترک مسلہٕ چھُ، یِتی عموٗمی موضوع تہٕ، مگر افسانٕچ زبان، ہنر مندی تہٕ امہٕ کین کردارن ہُنٛد زبردست مکالمأتی منظرنامہٕ چھُ اتھ، کُنہِ اخبأری خبرِ، بیان بأزی، یا وَنو کُنہِ نیوز چِٹلہِ ہنٛدِ ٹاہری رپورٹہٕ نِش واراہ ہیوٚر کھالان تہٕ انسانس واریاہ کینہٕ سونچنس پیٹھ مجبوٗر کران۔

یتھٕ کنٛی مےٚ گوڈٕے ووٚن، مشتاق سنٛدی افسانہٕ چھِ فقط تہٕ فقط کشیرِ تہٕ کأشرِس أنٛدی أنٛدی گژھ کران۔ یوٚہے چیز چھُ سأنِس تیمس تازٕہ دم افسانہٕ نگارس پننہِ زمینہِ ہُنٛد سفیر تہٕ Spokesman بناوان۔ سہٕ چھُ پننوٚ افسانوٚ ئسی پھِری پھِری سوٚ کشیرِ ژھانڈان، یوسہٕ ووٚنی زنتہٕ وُنلہِ وُجھِژ چھےٚ۔ بیشتر افسانن ہُنٛد غالب

موضوٗع چھُ انسانٕی تہٕ اخلاقی قدرن ہٕنز لرٕہ پارٕے، راون تیوٗل، فکری انتشار، مادٕ پرستی، راتو راتھ امیرتہٕ دولت مند بنہٕ نک ہوس، بڑٕ وٕنی کرایم ریٹ، سبزٕ زارن تہٕ داں ڈلن ہٕنٛد کنکریٹ جنگل بنُن، آبہٕ سرسوٕ رٕنی تہٕ جنگل نابوٗد گژھنی۔

''بطچہِ بوٗنی'' افسانہٕ پرِتھ چھُ پرن وول پانےٚ سمجھان زِ اسہِ کتھہٕ کنٛی گری پنٕنی گام تہٕ شہجار تاپہٕ ونن منٛز تبدیل۔ افسانہٕ کِس ملنگ سُنٛد یہِ وُنُن زِ ''آب منٛدنہٕ نیر بوٗنہٕ کینٛہ، شہجار تہِ ہکوٗنہٕ بأگرِتھ'' چھُ تمہِ جدید جہانٕچ علامتی باوتھ، یمہِ سأنی سأرِی گام تہٕ بسکین چھِ آوٕری متی۔ مطلب زرعی زمین Commertialise کرُن۔ مشتاق چھُ سبٹھاہ حساس تہٕ دوٗر ربین افسانہٕ نگار۔ سہٕ چھُ فصل دِنہٕ وأٔلِس زمینس پیٹھ تھکہٕ روٗس مکانہٕ، قالینہٕ تہٕ شاپنگ کمپلیکس تعمیر کرن وأٔلِس سنگین مسلس، عوأمی تہٕ سرکأری، دوشوٕنی سوٗتھر بن پیٹھ مجرِ مانہٕ غفلژٕ ستی تعبیر کران۔ یہِ چھُ یہُنٛد ''بُلڈ باتھ'' ناوکہِ افسانٕک مرکزی موضوٗع۔ سہٕ چھُ قوم چہِ اتھ غفلت پرور خودغرضی پیٹھ اتھہِ موٗران موٗران پنٕنی کتھ تہٕ فکرمندی اسہِ تام واتناوان۔

مشتاق سُنٛد مشأہدٕ چھُی تیز مگر موضوٗعن تہٕ پننس باوٕژ بلس علامتی جامہٕ نالٕی تژٕ اوٕنک تسُنٛد فن چھُ تَس پزنہٕ پأٹھی ممتاز بناوان۔ امہِ اعتبارٕ چھُ ''سوأرٕی'' نأوی افسانہِ موضوٗعٕ رٕنگی پزٕ ون اُستھ تہٕ تازٕہ دم تہٕ زیادٕ شدید باسان، یُس ستی حبس آگہی تہٕ ہُنر مندی ہٕنٛدِ حوالہٕ نمأیندٕ افسانٕک درجہٕ تہٕ پژاوان۔ یہِ موضوٗع چھُ سہٕ مسلہٕ تُلان یُس اسہِ سارِنٕے أچھن برٕ ونہہ کنہٕ اُستھ تہٕ نظری چھٕنہٕ گژھان۔

اتھ افسانس منز چھُ اسہِ گلمرگہِ کِہن گرِی والین ہُند کردار دعوتِ فکر دِوان۔ تم چھِ اَکھ اَکس وَنان "یمی گنڈ ولہٕ کیبل کار پروجیکٹن کوٚر راسہِ ناش۔ شُربن تہٕ عیالچ نیٚن ژۅٹ تھپہِ۔ اَچھی افسانس منز چھےٚ اَکھ سیاح زنان اَکس گرِی وأٔلِس ترٛٹھ کتھ وَنان، یوسہٕ سانین ٹاون پلانرن تہٕ سیأحتی ٹھیکہِ درن وارِیاہ کینہ سوچنس پیٹھ مجبوٗر چھےٚ کران۔ دپان چھِس ژہاوٗن مےٚ وُہ ووٗہر پژون گلمرگ۔ پیٚژ روپیہِ منگکھ، دِمے۔ یژھن پُرسکوٗن قدرتی حسن تھاون واجبن جاین پیٹھ سکھ، شبستر تہٕ سیمٹھ جمع کٔرتھ، ان تھکہِ ہوٹل وغأرٕ، بنأوِتھ قدرت کہِ شہکارُک بُتھ نہٕ ناوٗن چھُنہٕ افسانہٕ نگارس برٛونہہ کنہِ کانٛہہ دانأیی تہٕ ترقی۔ افسانس منز چھُ مشتاق کُنہِ تہِ نعرٕہ بأزی یا احتجاجہِ ورأۓ پنُن فکری احتجاج درج کران۔

ترٛیھے کُنی چھُ "وأرِ" ناوی افسانُک کوکُر زبردست استعارٕ بٔنِتھ برونٛہہ کُن یِوان۔ کوٚکرسُند، کوکر بازرس منز، یِیتہِ عموٗمن لوٗکھ گولین تہٕ بمن ہٕندی شکار چھِ گژھان۔ ذبح گژھنہٕ خاطرٕ پننہِ وارِ پژارُن، یِیتہ اکہِ طرفہٕ ووبدٗر ٹلان چھُ، تتہِ چھےٚ موضوٗع تہٕ بیانٕچ تازٕ کأری پرن وأٔلِس افسانہٕ نگارٕسنٛد فکری وژھجارُک قأیِل کران۔

"چھوچھِ کٹر" افسانُک رحمان صأب اُسی تن، یِس خاندارِنی مرنہٕ پتہٕ پننٛی نیتھرٕ گژ اکھ شُری مکانہٕ یِکس پیٹھی مِس پورس منز گن تہٕ پرٕ ژھوٗن چھِ ترٛاوان یا "وہرِ وأر" افسانس منز موٗمرٕ آشنہٕ ستی اپز رشتُک تذکرٕ اُسی تن۔ سأرِی کردارتہٕ موضوٗع

چھِ سانہِ کھٔنڈی پھُٹ تہٕ النفسی شعوٗرُک تہٕ پھٕنے ترجیحاتن ہُنٛد پےٚ دِوان۔

کتاب پوٚرِ پاٹھی پٔرتھ چھُ سیدِ سیوٗ دأ چھن بڑ ونٛہہ کنہِ پنہٕ والہِ کشمیرُک عکس ووتلان۔ انسان چھُ سونٛچان زِیُس اَنہٕ یہٕ افسانہٕ نگاراسہِ ہاوان چھُ، تتھ منٛز یمِ منظر، پیکر تہٕ عکس داوُہ وٕری گزرِتھ ووتلن، تم آسن نہٕ ہرگز سانٛہن أچھن وٕیہِ وٕنی۔ سأرِے مجموٗعس منٛز چھےٚ زبان تہٕ بیان کہِ حوالہِ، خالے کانٛہہ اجافت یا فنی سقُم نظرِ گژھان۔ کردار تہِ واریاہس حدس تام فطری باسان تہٕ ستی غأر اہم ڈایلاگ بأزی نِش بچاوُنہٕ آمتی۔ کُنہِ تہِ افسانس منٛز چھُنہٕ افسانہٕ نگارسٕنٛز ذات حأضر باسان تہٕ نہٕ چھُ سہ کانٛہہ پارٹی یا دوٗ ربنان۔

میانہِ خیالہِ چھےٚ مشتاق صأبنٛز ''آکھ'' نأوی یہٕ افسانہٕ سوٚمبرن فن، فکرِ موضوٗعات۔ خاص کٔرِتھ عصری اعتبارٕ درپیش سنگین چیلنجن زبو دِنہٕ کہِ لحاظ، کأشُر زبأنی ہنٛدین نمأیندٕ افسانن منٛز شأمِل کرنٕک باس دِوان۔

آ ۔۔یتھ افسانہٕ سوٚمبرنہِ منٛز چھُنہٕ پزنہٕ پاٹھی تمن پرن والین خأطرٕ رِکھنی۔ یم محض حض ٹلنہٕ باپتھ دلیلہٕ تہٕ داستانہٕ پران چھِ تہٕ خالے پننہِ فکرمندی تہٕ مشأہدٕچ دأرمژ ران چھِ۔



مصنف: مشتاق احمد تانترے

قلمی ناو: مشتاق احمد مشتاقؔ

زاسنہ: 08.08.1961

سکونت: بمنہ ہاوسنگ کالونی سرینگر

پیشہ: صحافت

پتہ: 321.B بمنہ ہاوسنگ کالونی

Email: matantary @ yahoo.co.in.


کمپیوٹر کمپوزنگ: سید محمد شفیع



